| | |
|---|---|
| کِتابہِ ہُنٛد ناو | : ہاوٚس |
| تصنیف | : عبدالاحد حاجنؔی |
| مول | : ۲۵۰/روپیہِ |
| کمپیوٹر کتابت | : لون کمپیوٹرز وِچارہ سوناواری |
| | : ایسبٹ کمپیوٹرس حاجن |
| چھپن وٕری | : ۲۰۱۱ء |
| تعداد | : ۵۰۰ |
| چھاپ خانہٕ | انصاری پرنٹوگرافرس، سرینگر |

بہٕ چھُس ریاستی کلچرل اکیڈمی ہُنٛد وٕژھہ وٲنٛجہِ شُکریہِ ادا کران یمو یہِ کتاب چھاپنس منٛز ماٲلی مدد کٔر۔

# انتساب

مرحوم پڑوفیسر محی الدّین حاجنی

صاۤبنہِ ناو

ءِ یہنۡز و شفقتۡ وءِ ستی بءِ قلم تُلنس لایق گوس۔

## کتاب میلنگ ٹھکانہٕ

۱ر کتاب گھر لالچوک سرینگر

۲ر حلقہ ادب سوناواری، حاجن

۳ر ''تھکہٕ پھنٛڈ'' ایکس چینج کالونی

حاجن، سوناواری (09697441696)

# ترتیب

# تخیُّل تہٕ اندازِ تحریر

احد صاٲب چھُ اکھ پرٛٮ۪ن اپسے نگار۔ازبرٛونٛھ وٕری ترٛ ہہ مرٕ اُس
اُمی پنہٕ نٮ۪ن مضامینن ہٕنز اکھ سوٚمبرن شایع کرٕمٕژ یوسہٕ تمہِ وِزِبڈٕ پسند آیہٕ
کرنہٕ۔ پتہٕ ترٛووٕ احد صاٲبن لیکھُن تہٕ گوبدل گلہ گوشن۔ خیال اوس یی زِ
بحثیت قلم کار مارِ رٕ ٹھ احد صاٲب اند ہیتھے۔مگراز چھُ اُمی قلم کارن نوِ سرٕ
پرٛانٮ۪ن پیالن ٹھان تُلمٕت تہٕ ونتھہٕ کنہٕ بیٚیہِ اکہِ لٹہِ پنہٕ نِس قلمس تہٕ خیالس
موج دارپاٹھی سام ہیوٚ تمُت۔احد صاٲبُن تخیُل تہٕ اندازِتحریر دوشوَے چھِ
ساٮ۪ن دٲیر متٮ۪ن اندازن نفی کرِتھ پنُن اکھ ڈِکشن تہٕ پنُن اکھ خیال باوان
یُس پرن وٲلِس کنہِ کور نوان چھُ مثلاً احد صاٲبُن اکھ مضمون چھُ

’’وزن‘‘۔ اَمی چھُ پننہِ آیہِ اتھ ’’وُزن‘‘ ئژ کھمُت ، ظاہر چھُ سانہِ باپتھ چھُ وزن یعنے مینن تولنُک اکھ تجربہ یانتہٕ شاعری منٛز وزن ژھانڈنچ کوشش ، مگر احد صأبنہِ وزنُک انداز چھُ یمہٕ ساری معیار پھُٹرٲوِتھ بدلے اکہِ وُزنچ کتھ کران ۔ یتھ وارِ یاہ پیش ہینی ہکوٗنتھ ۔ سُہ چھُ پانے ونان:

’’وُزن چھُ تمہِ وأنا کھ وتہِ ہُند سہُ کھُری دار موڈ یُتہٕ کوچہِ پھیُر گرِھنُک تلواس وأنجہِ نیٖز چھُ سُنٛز راوان تہٕ کنہٕ پدبن رِکنہِ نشہ مچھہِ تھاوان تہٕ کُنہِ نظرن ہُند میُل گرِھی تھپے ڈلہِ ژھنان‘‘ ۔ ظاہر چھُ یہِ زِوُزنُک یہ تعریف چھُ کتابوتہٕ ڈکشنری منٛزِ نبر کڈِتھ اکھ نوٚو دنیا پیش کران ۔ یٚتہٕ وُزن بدل پأٹھی وزن دار باسان چھُ ۔ امہِ پتہٕ چھُ مضمون نگار مختلف واقعاتن تہٕ حالاتن ہُند تذکرٕ کران زِ لفظ وُزن چھُ زندگی ہٕند بن مختلف گوشن پٮ۪ٹھ محیط گرِھتھ زندگی ہٕندی سُنٛز ووٕ گنٛز بدٕ کڈان ۔ سُہ چھُ حل تہِ پیش کران تہٕ یتھہٕ رِکنٛز لفظِ وُزنچ اکھ نٔوے صورت تہٕ نوٚوے آکار بہم تھاوان ’’ووں گو اگر وُزن آسبس ، تیلہِ تزٕ اوِ گولا پکی پأٹھی پننہٕ وچھ دأریلہ تہٕ کرٕ بے پھرٕ وک أند رٹنن ہنٛز باوتھ ۔ سو باوتھ یتھ منٛز نہٕ کانٛہہ کھوچر یا گجر آسہٕ ۔ سہُ سوٗرے آسہِ ٹاکارٕ ۔‘‘

ییٚتھٕن چھُ وٕزِن حیاتُک طریق کار باسان تہٕ پننہٕ معروف معنی نِشہٕ الگ دنیا آباد کران۔

قدرٕ موضوعس تحت چھُ مصنف اکھ موضوعی دنیا وہ تلاوان تہٕ پٔنن بیان وضعی اندازٕ اکہٕ باغُک تصوٗر پٲدٕ کران۔ یہٕ چھُ نہٕ مرئ باغ بلکہٕ چھُ مصنف سُند باطنی دنیا یتھ منٛز سہٕ قدرن کنڈ بن بارجن تہٕ ہامہٕ کٹھن پننہٕ علامژ بنٲوِتھ پننہٕ پسندُک اخلاقی تہٕ خیٲلی دنیا آباد کران چھُ۔ اتھ منٛز چھ اُمس کینٛہہ باطنی کنہٕ وامہٕ تہٕ گرٕ ھان ییمن سہٕ کن دِتھ بٕر وٕنہہ پکان چھُ۔ یہٕ چھ تہندِ شخصیتُک خضر یُس تس پس ہمتی نشہٕ بچٲوِتھ اتھ ڈبہٕ ڈٲسی دنیاہس رتھہٕ کھائنچ ضمانت بنان چھُ۔ آخر چھُ سہٕ پٔنن یہٕ خیال یہٕ دٕپتھ آباد کران زِ مے کیا سٕنٛن کُس کیا ونان چھُ۔ اتھ دنیاہس منٛز چھُ تمہٕ وِزِ اکھ طلوطم وٕ وتھان ییلہٕ تس نفس امارچہٕ کینٛہہ کونگہٕ تیجہٕ تہٕ ترٲوِتھ چھےٚ ہوان ژھننہٕ۔ مگر آخر چھُ ونان۔

یِ پانہٕ ہیٚژِ وم جانہٕ مولس تی تھوٗوِم ارزان

بیگانہٕ دپان توتہٕ لولس سٕے مے دِلس کان

اگر موضوع پتھ موضوع تِتھے پٲٹھی مو خصر سام تہٕ ہمو یہٕ بنہٕ اکھ بٔڈ مقالہٕ۔ احد صأبنٛیم ارداہ مقالہٕ چھ ارداہہٕ قسمہٕ ہوشربا ییمن منٛز احد

صأبن پنۂ نبن فنی امکاناتن ہُنٛد ورگہِ اظہار کامیأبی سان کوٚرمُت چھُ۔ موضوعن ہٕنٛدی کردار چھِ سأنی وٚیڈی تہٕ لُکھ یِم یتھ سماجس یار آسنۂ باوجود پٔنُن وجود تھٕہ َکنی مأنی راوان چھِ یُس ژھل کپٹ، بدکرداری، بداصلی تہٕ جعل سأزی ہٕنٛز زنۂ داستان بٔنتھ گاہے اسناوان تہٕ گاہے مند چھاوان چھ۔ مےٚ چھُ یقین زِ یتھ کتابہِ منٛز چھُ فنی امکاناتن ہُنٛد اکھ دنیا آباد۔ یُس بہرحال کأنہہ دیدٕ ورنچھِ ناو۔

۱۳/اکتوبر ۲۰۱۰ء
بنٛڈپوٗر

پروفیسر رشید نازکی

# احد صأنزٕ یہِ ابسے سۄمبرن:

# "ہاوس"

از چھس یہ بڑ خوش زالحاج عبدالاحد حاجنی صأنزٕ ابسے سۄمبرن ییٚہِ
بازر۔ حأجن چھُ کشیرٕ ہُنٛد مردم خیز علاقہٕ۔ اتھ میٚژ چھِ ازتام کم کم پوش پھٔلی مٕتی
یِہنٛدِ مُشکہٕ سٟتی حأجنٕے یوت نہٕ بلکہِ چھےٚ سأرِے کشیر معطر۔ وہاب پرے سُنٛد
شاہنامہٕ، حأجنی صأنزٕ فکر انگیز مقالات تہٕ وُنی کبس احسنؔ صأبنہِ خوٗبصورت تہٕ
وأنجہِ تھپھ لاین واجنہِ نظمہٕ تہٕ ییٚہٕ کتی تم شأعر تہٕ اُدیب یِم حأجنہٕ زاے، پڑتھیے
تہٕ وُڈوکوٗ رُکھ۔ یہ کیا ونہٕ میٲون ادبی سفر تہٕ چھُ یہ ڈٕلی زِتہٕ ویٚتھہِ بٕتھس پیٚٹھ جبہٕ
بوٗسہٕ نہٕ کُچھِ پیٚٹھ اٗتی حأجنہٕ شروٗع گومت۔ مےٚ چھِ پانہٕ کینٛہہ ابتدأیی ابسے اٗتی
حأجنہٕ لیکھی مٕتی تہٕ گوڈٕ اٗتی پٕری مٕتی۔ یہٕ اوس ۱۹۶۲ ہٕ تہٕ یہ اوسُس لوٗر فلئیوک

ار یٹر فلکیشنس منز کام کران ۔ تم نے دوہن چھس یہ احسن صابن کاشرِ سکرِ پٹ ہیچھنو ومُت ...... حاجنس چھُ اکھ امتیاز یہ زِ اتھ میؤل پرٗوفیسر محی الدین حاجنی صابس ہیۆ ادبی لیڈر ۔ أمی تُج کاشرِ زبانی ہنز علم ہتھہٕ کنٛی اتھس منز زِ شہروگام آے کاشری شاعرتہٕ اُدیب اتھ علمہٕ تل تہٕ کاشرِ زبانی ہُند نعرٕ کوٚر رُکھ بلند ۔ اتھ کانٛہہ شک چھُنہٕ زِ اسہٕ سارِوے کٔر کاشرِ زبانی ہنٛزِ ترقی تہٕ ترویجہٕ خاطرٕ مسلسل کوشش تہٕ محنت یمیُک پھل وُنی وُنی نیران چھُ، اما حاجنی صابنہٕ کرٛ بکھ ، یژھ تہٕ پژھ رٔوُ زاتھ پٔتھ ساتہٕ ڈکھہٕ ۔

زیادٕ خوشی چھےٚ مےٚ یمہٕ کنٛی زِ عبدالاحد صاحب چھُ حاجنہٕ چہ امہٕ رِوایژ ہُند پاداوارتہٕ یہ چھُ اتھ روایژ گوڈ برنس منز شریک ۔ بیٚیہٕ چھےٚ یہِ سوٚمبرن ''ابسے'' رٔنگی ۔ کاشرِ زبانی منز لیکھی اکادُکا ابسے واریاہوا ماپوٚز کینٛہہ قلمکارٕ ے چھِہ تم یمن اتھ منز کامیأبی میچ تہٕ یہنٛزٕ سوٚمبرنہٕ برٛنٹھ گن آیہ ۔ پننہٕ ''ابسے'' ناوی سوٚمبرنہٕ منز چھےٚ مےٚ یہ کتھ وبٕڑھناونچ کوشش کٔرمٕژ زِ اتھ صنفہٕ متعلق چھُ واریاہن مغالطہٕ تہٕ تم چھِ تمن تحریرن تہٕ ابسے ونان یم نہٕ عالمی معیارٕ کنٛی اتھ صنفہٕ منز شمار کرنہٕ ین ۔ مےٚ چھُ یاد زِ اکہٕ پھِرِ اوسُس بہ پرٛوفیسر حاجنی صابس ستی کتھ کران تہٕ مےٚ پرٛژھ یمن زِ ساہتیہ اکادمی چھُ یمن ''مقالات'' کتابہٕ پتٕھ ابوٗاڈ دیُت مُت تہٕ ساہتیشنس منز چھُ آمُت ونہٕ زِ یم چھِ ابسے ۔ تمو ووٚن تورٕ فورا زٕ ''مےٚ چھُنہٕ زانٛہہ تہٕ پننہٕ کتابہٕ غلط ناو تھوومُت ۔ میانہٕ کتابہٕ چھُ ناوٗ ''مقالات'' نہ زِ ابسے ۔ ساہتیہ

اکادمی والیو کیا لیو کھ سو ذمہٕ وأری چھنہٕ مے تہٕ مے وۄن نہٕ زانٛہہ زیم کیا چھہٕ
ابسے۔"

عبدالاحد صأبنہٕ یتھ سۄمبرنہٕ منز چھہٕ ارداہ ابسے شامل ۔ موضوعاتن
ہُند تنوع تہٕ خیالاتن ہُند باؤ ژبل چھُ ییمہٕ کتھہٕ ہُند باس دوان زاحد صأب چھہٕ
ابسے لبکھنُک شعور تھاوان تہٕ یم چھہٕ زبأنی ہنٛدِس مزازس تہٕ لفظن ہنٛدِس پننہٕ نس
واتناوِرس وأقف ۔ یہ شعور چھُ ابسے لیکھنہٕ خاطرٕ نہایت اہم ۔ مواد چھُ انسان
کُنہٕ تہٕ أنتھ ہرکان امایہٕ مواد کتھہٕ کنہٕ چھُ ورتاوُن تہٕ امہٕ منز کیا چھُ پھرکاوا
چھُم ابسے لیکھن وألی سُند فن تہٕ یہے آگہی تہٕ امہٕ کُے ول چھُ أمس ممتاز بناوان ۔
مثلاً مزرابسے ہکی یم جملہٕ وُچھو:

"مزِ ھلی آلوچھہٕ شہہ لبان تہٕ ہنٛدرِ کاژ ہنٛدِس ہوٗ ہوٗ وس ستی زلہٕ گژھتھ بدلے نغمہٕ
نٹمن کھالان۔"

"اضطرابچ تہہ چھے اتی ہوشس نالہٕ متہٕ رٹان تہٕ اتی مزرس پان پٔشرأوِتھ
أندری چھنٛدران تہٕ اتی گُلہٕ گُلہٕ گوٗھان۔"

ابسے ہاوس منز یم کینٛہہ جملہٕ:

"ہاوس چھُ تمہٕ متہٕ جنوٗنک سوٗت پرتوِیس زندگی ہنٛدبن کھری دارڈینٛگبن آچھر
آچھر تلتھ پننہٕ پننہٕ یجراوان چھُ تہٕ کمن نازن تہٕ نخرن نوٗ وآے تہٕ پاے بخشان۔"

"ہاوس چھُ...... گژھ یشمہٕ کژاین شہلتھ بخشتھ چینہٕ روستے خمار ژھٹناوان......

طوٗفانن وِیٚو رٹلان ...... متِمن ارمانن دبہٕ لرٕ پاوان۔"

یتھے کٔنٛز چھِ "قرنہٕ پھیٖر"، "دتگن گری"، "زٕنہٕ گاش"، "دنگس نیٚندرِ پرٛنگس پیٹھ

"تہٕ ییٚہٕ کتی ابسے نہ صرف احد صابٕنہٕ اسلوبک پے دِوان بلکہِ کاشُرِ زبانٕی ہنٛدِ باوٕژ

بلُک تہِ اندازٕ کرناوان۔ محاورن تہٕ کہاوژن ہنٛد ورتاوتہٕ چھُ احد صابُ نٕبن یٚمن

ابسے ین ہنٛد گہنہٕ۔ یٚمن ابسے ین منٛز چھےٚ اظہارچہٕ وُزملہٕ تہٕ طوفانن ہنٛزٕ لہرٕ

کاشُرِ ذہنگ تہٕ مزاژک وتلُن تہٕ یوڈُن بدِ کڈان۔

مےٚ چھےٚ وومید زِ احد صابُ روزن برابر اتھ صنفِہ گوڈبران یٚیمہِ ستی

کاشُرِس منٛزاجٕ وبٔژ ھے کم گژھہ۔ کاشُرِ زبانٕی چھےٚ یہِ سوٚمبرن اکھ رُت دیُت تہٕ

مےٚ چھُ یقین زِ یہنٛز یہِ کوشش سپد مقبولِ عام۔

۲۳ رنومبر ۲۰۱۰

محمد زماں آزردہ
سابق ڈین فیکلٹی آف آرٹس
کشمیر یونیورسٹی

# تعارف

مےٚ برٛ وٚنہہ کنہِ چھےٚ عبدالاحد حاجنی صأب نٚنن ''لیکھن'' ہٕنٛز اکھ مُسوِدٕ ہِن۔ یِمن لیکھن چھِ بیۆن بیۆن عنوان دِتھ۔ پٔرزسۆمبرنہِ چھنہٕ کانٛہہ ناودِنہٕ آمُت پیٹھٕ گُنہِ گوڑ کتھِ روٚستے ییٚمہِ کنٛزیہ ننہِ ہازِ لِکھأری ہٕنٛدی کنٛی کتھ نثرٕ صنفہِ منٛز چھِ یِم تھاونہٕ آمٕتۍ۔ سأری لیکھٕ اکہِ اکہِ پرنہٕ تہٕ یِمن متعلق سونٛچنہٕ پتہٕ باسیوٚم زِ یِم ہیکن نثرٕ چہِ أکِس صنفہِ منٛز شأمل سپدِتھ سو گیہِ ''ابسے''۔ تِکیازِ تو ثرأتی باوٕ ژہنٛدی بیٚرٕ ن بیۆن اندازتہٕ تتھی طرح یِمہ بےٚ گنٛڈ صنفہِ ہٕنٛز منگ کران چھِ سو چھےٚ صرف ''ابسے''۔

یورپی زبانن ہٕنٛدِس ادبس منٛز چھےٚ امہِ صنفہِ ہٕنٛز وأنس ژور ہتھ

ۏری پیٹھی ۔ فرانسیسی أدیب مایکل ڈی مونٹین ہن پننہِ نبن یمن لیکھن Assia یعنے کوٗشش نادیُت تہٕ بنے امہِ صنفہِ ہنٛز بُنیاد تہٕ انگریزی زبانۍ منٛز آکھ Essay ونہٕ ۔ بیلہِ جان فلوریوہن یم لیکھ پننہِ زبانۍ منٛز پھری ۔ بیکن ، ایڈیسن ، اسٹیل ، سوِفٹ ، گولڈ اسمتھ ، جانسن ، رسکن ، ہکسلے تہٕ ایلیٹ ہوِ بوہلہِ پایہ انگریزی أدیبو کھاج یہ صنف عرشس تہٕ یتی دِژہس واریاہ ۏسعت ۔

اردو زبانۍ منٛز یِہ دوے امیک ۏسلابہٕ دکنی دورچہ ''سب رس'' کتابہِ منٛز ژھارنہٕ یوان چھُ یوٚزمیانۍ کنہٕ چھِ اتھ دسلابہٕ سپدان محمد حسین آزاد تہٕ سرسید احمد خاں نوٚ لیکھی متو مضمونو ستی ۔ نیرنگ خیال چھے اتھ سلسلس منٛز ناوٕینٛی لایق ۔ سرسید سُند مضمون ''امید کی خوشی'' چھُ امہِ صنفہِ ہُند اکھ تھکبُن لایق نمونہٕ ۔ اتھ زبانۍ منٛز تہٕ یہٕ تاہ واش امہِ صنفہِ کوٗڈ ستہِ چھُ تأجبس لایق ۔ مذہبی ، اخلاقی ، علمی ، ادبی ، سیأسی ، تفریحی ، سنجیدٕ تہٕ مزاحیہ ہوی قسمہٕ لیکھہٕ آے امہِ صنفہِ ہنٛدِس وانگس منٛز ۔ اکہِ پاسہٕ ابوالکلام آزاد ، سجاد حیدر یلدرم ، نیاز فتح پوری ، رشید احمد صدیقی تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ قاضی عبدالغفار ، حسن نظامی ۔ مہدی افادی ، پطرس ، فرحت اللہ بیگ ، کنیالال کپور بیترِ ۔ یہ سوٗرے کینژھہ سپٕن ہٕتس سوادس ہٕتس ۏرِیس اندراندرے ۔

کأشرِ زبأنی منز پھو امیک بیأکی پھوٚل پرتاب میگزین، پتہٕ کونگ پوش تہٕ خاس کٔرتھ گلریز رسالس منز شایع سپدن والیو مضمونو ستی ۱۹۶۶ کس سون ادب سوٚ مبرنہ منز شأمل سید محی الدین حبیب سُند لیکھ ''میوٚن نوٚو سوٗٹ'' تہٕ پتہٕ سوم ناتھ سادھو سُند ''بیٚلہٕ مےٚ نبک ٹایی لاج'' مضمون چھ کأشرِس نثرس منز شایع سپنہٕ متی گوڈنکی ابسے۔ تاہم ہیٚوٚک نہٕ توتانی یہ ناو کأشرِس نثرس منز ہیتھ۔ یوتانی نہٕ پرٛوفیسر محمد زماں آزردہ ہن دعواسان پنہٕ نِبن لیکھن ابسے ناو دِتھ تم شایع کٔری۔ حالاں کہِ تم آسہٕ کیٚنہہ ریڈیوٹاکہٕ یم ریڈیو خاطرٕ ے لیکھنہٕ آمٕژ آسہٕ تہٕ وِزِ وِزِ نشر سپزٕ۔ پتہٕ سپزٕ یم گوڈٕ ''فکرِ ہنٛز ٹکر'' تہٕ پتہٕ ابسے ناوِ چھاپ تہٕ ساہتیہ اکیڈمی ایوارڈِ تہٕ سپدُکھ حاصل۔ یتھن لیکھن چھُ دینا ناتھ نأدم، پرٛوفیسر مرغوب بانہالی تہٕ اوتار کرشن رہبر ہیو لِکھاریو تہٕ ابسے ووٚ نمُت۔

یتھی لیکھہٕ آسی امہِ برٛونٹھ وٗری ۲۴ رٕ منظور ہاشمی صأبن تہٕ ''زعفران زار'' ناوِ پننہٕ اَکس سوٚ مبرنہٕ منز شایع کٔری متی تہٕ وری جورا امہِ پتہٕ سوم ناتھ ویرن تہٕ ''شبِ رنگ'' ناوِ بیٚیہ تہٕ اوس کأنسہِ کأنسہِ لِکھأری اتھ صنفہِ منز طبع آزمأیی کرنک جُرت کوٚرمُت۔ پوٚز یم چھ ابسے ...... یہ دعوٰیی آسکھ نہٕ کٔرِمِو۔

منظور ہاشمی صابنین زعفران زار کین لیکھن تہٕ آزردہ صاب نین اسے ین منز چھے طنز و مزاح مِلہٕ مِش تہٕ اظہار ک بےٚ پھٔروُک انداز۔ انشاییہ ناوکین یمن لوتہٕ ۄُے لوتہٕ ۄُے تہٕ مزٕ دار مضمونہٕ سوٚمبرنوٚ پتہٕ سپز یم نٕے لیکھن ہنز بیا کھ سوٚمبرناتہٕ ۱۹۸۶ہس منز شایع، جناب سید رسول پوٚمپُر صابنٕز ''یتھ آدمی ونس منز'' ناوس تل۔ یمن لیکھن منز تہٕ چھُ کھلہٕ ڈُلہٕ ووٚنڈ باوُت تہٕ پانہٕ نیاریُس اسے ہچ اکھ شناخت چھے۔ یتی کُنہٕ کُنہٕ لطیف مزاح تہٕ یمن کوشش چھے بہر حال کاشرس نثرس منز اسے صنفہٕ اندر تواریخی اہمیت تہٕ اولیت حاصل۔ عبدالاحد حاجنی چھُنہٕ کاشراد ب پرن والین ہند خاطر کانہہ نوٚو ناو۔ کاشرس ادبہٕ کین کینژن گوشن پیٹھ لکھنہٕ آمتی تہنٕدی کینہہ مضمون چھ ۱۹۷۳ اتس منز ''کاشرس ادبس پیٹھ اکھ نظر'' عنوانہٕ اکس سوٚمبرنہٕ منز شایع سپدی متی تہٕ امیک تذکرٕ چھُ کینژو صاحبو تہٕ ادبی نقادو پننہٕ نین کتابن منز تہٕ کوٚرمُت۔ افسوس چھُ امہٕ کتھِ ہُند زِ یتھ ووتھ وُن لِکھاری روُ دالہٕ پلہٕ پنٕتی مین ژُجھن وٕری ین سانہٕ باپتھ اُس تہٕ اتھ وٕتھ۔ تہٕ ژھے باُش یوسہٕ حبیب کامرانس سپز، شُکر چھُ زِ ژھور اونہٕ چھوٚ کوشش و باوجود چھُ اتھ نارس بزہہ تک بیٚون انداز تہٕ جلاو دِنچ توژھ موجود۔ ضرورت چھے صبر سان قلم ژُلنچ تہٕ قدم ترٛاوُنچ زیرِ نظر مسودٕ کی لیکھِ چھِ

انشاییہ لیکھن والین ہند بولیکھو نِشہِ بیٚون تہٕ بدوٚن پنُن اکھ الگ انداز تہٕ طرح ہیتھ، عنوان تہِ وکھرِ۔ مثالہِ پاٹھی "مژر"، "بتھی"، گیوٚر، قرنہٕ پھیر بیتر عنوانہٕ تلہٕ چھُ باسان زِ لیکھس منز آسہِ اچھ وبرھنےٚ۔ پوٚز تہِ چھنہٕ۔ یہندِس نتیجس منز یُس احساس زایِن لبان تہٕ سائنس اندرونس منز حاوی سپدان چھُ تمی چھےٚ باوتھ لبِ مژ۔ امہِ حسابہٕ اگر ییمن ہنز یچھِ نثری نظمہٕ وننہٕ ییہ خبر غلط ما گژھِ۔ پیٹھی پیٹھی باسان گانٔسہِ مُتی ہنز پاٚنی پانس ستی دندوتلی کتھِ پوٚز ژِ کس تل سہٕ وُبدُر، دم پھچر تہٕ شاپھ لد صورتحال یُس سون ماحول، سانٔی سماجی تہٕ سیاسی زندگی، غرض کلھم لسُن بسُن (وسیع معنہِ ہیتھ) پُتی مین لگ بگ ترٕبن وُری ین اسہِ کیُت پاٚدٕ کران روٗدتہٕ ووٚں اکس حساس لِکھاری ہنزِ باوٕژ ہنٔد وسیلہٕ اسہِ نوسرِ تیتھےٚ تبلُن ژلان تہٕ تیتھِ نے نارٕ تمن ہُند احساس دِوان چھِ۔ یوسہٕ بتھی بدلی از کل سانہِ زندگی ہند بن مختلف گوشن منز لبنہٕ یِوان چھےٚ، سوٗ چھےٚ تتھی دعنوانہٕ لیکھس منز آنہٕ ہاوان۔ ییم لُکھ قدرن لاری چھِ تمن میلہِ "قدرٕ" ناٚوی ابسے لیس منز دل تسلی۔ "باوٕژ بل" ابسے لیس منز چھِ اظہار چہ عملہٕ ہنز ژھرٕ تہٕ ژھرٕ ٹھ "دنکس نینٔدرپرٕنکس پیٹھ"، ابسے لیس منز دنیا دنیا کرنچ حال حارانی "لول" عنوانس تحت چھےٚ لولہٕ کمن وژنن ہنز ذکر۔ "سُے" چھُ اکہِ قسمہٕ کہِ صوفی سوٚنچ ژینہٕ ون دِوان تہٕ سُے سُے کرنچ

لٔے تیز کران ''زوٗنہٕ گاش'' چھ اکھ روٗمان پسند مزاژ بروٚنٹھ کُن انان تہٕ ''تبدیلی'' اکہِ شخصی پریشانی ہُند طرحدار اظہار۔

''ہاوس'' چھُ انسانس ووتل بُجہِ کرناون واجنہِ جبلتُک زیو دِنچ کوشش تہٕ سارِنٕے ابسے ین چھُ ژٕکس تل انسانس پنہٕ پنہٕ کرن والہِ طمعِ دنیا رکس زالس ولنہٕ ینہٕ والہِ عذابک باس تہٕ یہٕ زال ژٕٹتھ شانتی تہٕ سوکھ لبنگ بے شونٹک درس۔

یمن لیکھن ہُند عام انداز چھُ شخصی لبنہٕ ینہٕ باوجود غار شخصی۔ پانس کُن مخاطب سپدتھ تہٕ وٕ ژھس لارِ گتھ پڑھس، خود کلامی ہِندِ انمانہٕ یُس واریاہ شوٚبہٕ وُن چھُ پوٚز اتھ اندازس چھُ تمہِ ساتہٕ ٹوکھ لگان ییلہِ ''تبدیلی'' ابسے یس منز قلمکار پنُن ذاتی معاملہٕ بروٚنٹھ کُن انان چھُ۔ کیٚژون ابسے ین منز چھُ باوٕ ژٕ ہُند ہشر پٔڑییٚ وُن باسان۔ ہوی لفظ، ہشی باوتھ، کینٛہہ جُملہٕ یا بیان پھرنہٕ تہٕ پھرنہٕ آمتی۔

قلم کارٕ سُند قلم چھُ تھہِ پکان تہٕ لفظت چھُس جان پٲٹھۍ اتھہ روٹ کران۔ مقامی محاورٕ تہٕ روزمرٕ لیکھس منز ورتاوِتھ تھر کھائنہٕ تہٕ رٕژھراوُن چھُ خاص گون۔ ژھوٚچرٕ تہٕ موچرٕ ییٚمیٚک برٕتھ لیکھس منز خیال تھونہٕ آمت چھُ گو ابسے صنفہِ ہُند اہم شرط یِمہ کِنٕہ لِکھارٕی ہِندِ امہِ صنفہِ ہِند بن لوٲزی

ماتن أنژ ی منز ی گرِ ھنس تصدیق سپدان چھُ ۔ وومید چھےٚ زِیم ابسے روزن کأشرِ ادبہٕ چہِ اتھ صنفہِ منز پننی جاے شیرنس منز کامیاب۔

جٹی روڈ۔خوجہِ باغ
بارہمولہ

ڈاکٹر مشعلؔ سلطانپوری

# بۂ کیٛاونہٕ؟

بۂ کیٛاہسکہٕ وٕنتھ! پۆز وُنن تہِ چھُ کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ ......ہۆ زی تو......تمہٕ تہِ گوواریاہ کال ییٚلہِ مےٚ قلم تُل تہ روٗدُس کاغذس رٕ کھٕ دِوان تہ پٔنٛن بوس لۆ ژراوان ...... گرااکھ صنف تہٕ گرابیٛا کھ صنف ورتاوان ۔ أخرس آو مےٚ ابسے لکبھنٛگ صنف راس ...... یتہِ چھم نہٕ پَے زِ مےٚ کیٛاز ژأر یہَے صنف ییٚلہِ زن گوڈٕ انوار بہٕ تنقید ۔ تاریخ تحقیق ، تبصرٕ ، افسانہٕ تہٕ خاکہٕ اوسُس لکھان ۔ وون ریوز پزر أیی سپز نہٕ ......نہ......! ......سو چھنہٕ کتھے ۔ کتھ اگر چھے سۆ چھے ابسے لکبھنچ ۔ یۆ دوَے مےٚ سێٹھا کوشش کریٖہِ تمہٕ تأویلہٕ سمجنچ یمہٕ وٕ کھرٕ وٕ کھرٕ مکتبہ فکرٕ کنۆ تأویل دنہٕ والو پن پننہِ آیہِ یہِ صنف دأیراوان

دأ یراوان اسہِ بڑ وٕنہہ گن ترٛاوِ...... پرٛتھ کأنٛسہ ہُنٛد نظریہٕ باسیام بیٚون تہٕ جُداگانہٕ...... کانٛہہ نہٕ کأنٛسہِ ستی رلان نہٕ کُنہِ رنگہٕ کانٛہہ ہشر نظرِ گژھان۔ کأنٛسہِ نہٕ کأنٛسہ ہُنٛد نظریہِ ٹارکھسان۔ أمی تضادن تہٕ دیٛت پننہِ جایہِ اتھ صنفہِ جان باڈوتہٕ پوچھر۔ ووٚں گو کُنہِ کُنہِ آے تمہِ آیہ تأوِل بارسس یمن منٛز خلوص کم تہٕ ریاکأری زیادٕ ے پھن غالب رؤز۔ یہٕ گوٚس سنان سنان راوان تہٕ کُنہِ اوٚسم نہٕ انٛد شانٛدٕ ے اتھِ یوان...... أخرس گوٚس سننہٕ ورأیی پکان تہٕ لکھان یہِ زأنِتھ زِ قدر شناس تہِ چھنہٕ کم کیٛنٛہہ تہٕ وق تہِ کرِ پانٕے فأصلہٕ۔

مےٚ اگراتھ صنفہِ متعلق کانٛہہ پرٛژھِ...... گوڈٕ کیٛا ہکِس وٕنِتھ.... ووٚں اگر مجبور گژھِ تیلہِ آسہِ میٛون جواب زِ:

''یہِ صنف چھےٚ سہٕ بُنٛن گدٕرُن اظہار کرنُک اکھ ذریعہٕ یتھ منٛز پننی کیٛاوِ پردٕ بن ہنٛدی أندرٕٕ ٹی بدِ ہکو کڈِ تھ۔ تِہنٛد پسِ منظرزیرِ نظر تھأوِتھ پتہٕ سرِتہٕ سوٚنچِو۔ امیک ہرترتجرُ بن ہنٛدِس قألبس منٛز ترٛأوِتھ سہٕ آکارتہٕ رٕپ دِمو یُس پگاہ بارسس یِتھ پتھ کالہٕ کِس سوچس از کالُک أنہٕ ہاوِ تہٕ تمہِ آیہِ ووتلاویتہٕ تمہِ رایہِ ترٛایہِ تہٕ گرٛایہِ درٛینٛٹھی یِن۔ یمن منٛز زمانٛچ تہٕ مکانٛچ دود تہٕ دگ، سوکھ تہٕ دوکھ ٹاکارٕ باسہِ۔ ہاوسن ہنٛد بہار تہٕ جہار أسِن یا تِہنٛد بہٕ

گرٕھن ، دُ ژھی آوٕڑی مِتۍ خاب اُسن یا وقتہٕ کبِن بِدادن ہُند وُہٕر ، زمانُک
بُتھی پھیُر اُسن یا قربہٕ پھرِبن ہُند شاپھ ، تتھ وو کھنٔے کران چھُ نظرن واش
نیران تمہٕ چھے عجیب رنگن ہُند مشاہدٕ کُرتھ تتھ سہٕ اظہارتہٕ آکار بخشان یتھ
منز سورُے اُندرٕ وُن تہٕ پرٕ وُن ٹاکارٕ چھُ باسان۔"

یہٕ صنف چھےٚ شاید اوٕ موکھ تہٕ مےٚ راس آمژ تِکیاز یہٕ نظرٕ سرن ،
ووٕنِد شرُوٕ پراوِتہٕ ذہن دِیس پتہٕ دل تہٕ زِبو کربس وُہٕ ہارتہٕ بخشس سہٕ آکار
یتھ منز باوتھ تہٕ بٔتر رلہٕ گرٕہتھ سوتصویرٕ بارسس یہٕ یٔیمیٛک گرُت تہٕ شیٖرٕ پآر
پرن واُلس کیٛنہہ پلہٕ پاوِ ۔ تم آکار گرٕھن آشکار ییٚتہٕ اتی نظرٕ کھارٕ وانس منز
پرٕنی پیٹھ شِسترٕ مٹھاران رٔژھن تہٕ کھنٛجن وُچھن ژٕن گرٕھان تہٕ
اتی شِسترُک تکجار مدٕ دٔستھ گرِتھ تہٕ ژٔرتھ سہٕ سامانہٕ ۂنِ یُس وقتہٕ وقتہٕ
بکار لگہِ ۔ پرٕنی ہٕشزن وُ ہٕ وٕنبن نارٕ ژھٹن چھےٚ نظرٕ ژٕ دِوان تہٕ جوش اُندری
شرُوٕ پراُوتھ کمہ کمہٕ حال سران ۔ گاہے نظرٕ ڈُلتھ تمن شیٖنہٕ کوٚہن مٔدےٚ
گنڈان ییٚتہٕ تینتالبن ہٕنڈی ہٕند ریاٚ مِتۍ کھشگرٕ یمن شہلتھ تہٕ تراوتھ آسن
بخشان ۔ اتی چھِ یارونن تہٕ مرگن ژھونڈ دِنچ کل گنان ۔ بعضے آکاش کھٔستھ
کرٕ ہٕزن تہٕ تارکن کمند لایٚنکی خیال ووتلاوان تہٕ کُنہِ بٔتر اُژ وچھ کوٚرِتھ
کیٛاہتام ژھارٕنچ کوشش کران ۔ گاران تہٕ ژھاراں تہِ تہٕ سرنچ آش زُوان

ییٚتہٕ رمبہٕ وٕنۍ تہٕ لۄبہٕ وٕنۍ پیکر چھِ نظرن گتہٕ گیوٚ رٹلان ۔ کُنہِ ذہنکۍ پرواش
کڑِتھ وجوٗدس وُڈناونکۍ خاب وۄتلاوان ییٚتہٕ زنتہٕ ونہٕ وِگنین ہُند ونہٕ وُن
وۄلسنس چھُ انان ۔ اتی کُنہِ ماجن بیٚنین ، مالین تہٕ پوترن ہُند وُدن تہٕ
بۄژھُن کنن گرِژھتھ گردابس اندر پرِ کران ۔ کانٛسہِ ماجہ ہنٛز پوترِ دگہِ تہٕ
کانٛسہِ بینہِ بأے دگہِ ہنٛدۍ وبداکھ وأنٛج کوٗران ۔ کُنہِ سبزارن تہٕ ویرِ وارن
کولہٕ رادن ہُند سوزرٕ سِلین نغمن شہہ دِوان تہٕ کُنہِ ژ دونن تہٕ سوٚری گاٗمتین
آبادشہرن ہنٛدۍ کھنڈرات نظرِ یتھ أنٛدری آمتأوی دگ ٹُلان ۔ گاہے
پانٛژألی کاو، گانٛٹہٕ تہٕ گرٛبد آدمس تِکہِ تِکہِ ماز کوٗران تہٕ کُنہِ رامہٕ ہوٗنۍ تہٕ مار
خورآدمی رتھ چیتھ ڈاکر کران باسان ۔

یتھین وہین تہٕ برٛمن ہنٛدِس گتہٕ گیرس منٛز ہینہٕ یتھ چھ عجیب
ولہٕ گتنی کاژنوان گرِتھ ییٚتہٕ کُنہِ ہاوس جوشہٕ یتھ ہاوس رانس وۄتل بُجہٕ چھُ
کرناوان تہٕ منٛزی تگن گری ہنٛدۍ بیوٚن بیوٚن گون ورتأوِتھ پانس تسلی دِنٕچ
ناکام کوشش چھُ کران ۔ پتو پتُن وجودالرٕ ونین کنین پیٹھ نژنأوِتھ مژرانکس
انکس دگ ٹُلان تہٕ رُم رُم چھس شٕٹھنیارٕ ستی لگِتھ گژھان ۔ یام ٹھہراوھوان
یُن تام چھس کنہٕ وامہٕ گژھان تہٕ ادِ چھُ پانہٕ ہے ستی ونہٕ نس مجبوٗر گژھان
زِ دونکس چھےٚ نِنٛدرِ پرٛنکس پیٹھ ۔ "اتھ مولہِ لِس نُنخس سُٹتھ چھُ سوٗنچس بدلاو

یوان تہٕ چھس لگان لوٗلس گرٕ کھ تہٕ تتھ لولہٕ للہٕ ونٛچ کل گنان پوٗ زگوٗ ژھ آسُن سہٕ لول یتھ اندر پزرٕکی پرتو، سبزٕ رٕکی گون تہٕ حقیقتکی رنگ در ییٚتھی پہن ۔ ییٚتہٕ نہٕ دٕ ے تہٕ نہ کانٛہہ ڈوگنار آسہِ ہے ۔ ییٚتہٕ ''سُے'' سأری ہے حاطہٕ گرِتھ باسہِ ہے ۔ پتہٕ کرِ سُے سُے ...... تتہِ کوسہٕ پرٕگی روزٕ ۔ نتہٕ اگر بُتھی پھیٚر لوٗگُن تیٚلہٕ روزبس نہٕ ''وٗزن'' کُن کُن پکنس ۔ ''قدرٕ'' راونس تہٕ ُراون تیٚول کرناوبس چھوچھِ کیٚترٕ ۔ ''گیٚوٗر'' آوٹبس ہن ہن تہٕ فکرِ تاربس گٔی چھُ گز میٚنن وأنی لاگنس پیٚشمن تہٕ رژھن حساب ۔ جمع، ضرب تہٕ تفریق ٹلبس ٹاوس تہٕ کھالبس کأتھس تہٕ تقسیم والبس مدٕ ۔

تکیٛا زٕنہٕ ہچ بدلنس ستی ستی چھےٚ وٕنچ ڈٕنڈٕ پنٛزٕ تژ اے تہٕ گژ اے رٹان، زمانہٕ چھ تمہٕ رنگ ُوچھناوان ییٚتہٕ ژینہٕ ون لگِتھ وارِیاہ کینٛہہ چھُ ہیٚچھان ...... وون اگر ُوچھتھ ہیٚچھِ تہٕ پیٚیہ پالیس ادٕ ییس ہچ زِ ''گُس کر گونگل تہٕ گُس کرِ کرِ اوٕ'' ظونہٕ سوٚ در کرِ بگہٕ تہٕ ہٕمن پوٚ پھٹٕ تہٕ ژیتہٕ ووٗتر کرناوبس پرواز ۔ تہٕ تہِ ہاوبس تیٚچ نہٕ آش تہٕ نہٕ بڑ انتھ آسہِ ہٕس ۔ نتہٕ اگر زولہِ گیس تیٚلہِ ییس وتن کھر ...... راو ...... راٗوتھ ژابس ''قرنہٕ پھیٚر'' ۔ وتہٕ ڈألِتھ راوربس دیٛان تہٕ ''وُژھ'' کرنأوتھ ڈالبس انگہٕ ییٚتہٕ زندگی زارزأنتھ ہارناوبس داو ۔ ''باوٕ ژ بل'' ہاوبس نبٕھ تہٕ کربس سأری ہے کرنجلی آب ۔ قدمس قدمس پینس تم

"تبدیلی یہ" بڑ وٚنھی ییٚتہٕ اتی وٕنڈ ماچھ زم ہریر ژھٹھ لگتھ نیس تہٕ اتی ہارٕ نی کڈاے وبگلاوتھ نابوٗد ٕدے کربس۔

یتھین حالن سٕنتھ چھِ رنگہٕ رنگہٕ تجربہ گژھان ییٚتہٕ گاہے عجیب دولابن منٛز گیر گژھتھ راوان تہٕ کُنہِ سبق لبتھ زندٕ روزن چھُ ہیچھان۔ یمے حال چھ، مےٚ یمن اسبے ین منٛز پننہِ مقدوٗرٕ رٕ دٔ یر اوٕنچ کوشش کرمٕژ...... بہٕ کوتاہ چھُس اتھ منٛز کامیاب روٗدمُت تہٕ تراٚوِ بہ پرن والین پٕتھ، یہنٛزن راین تہٕ مشورن روزٕ بہٕ مُدٔ ے گنڈِتھ...... یوٚ دوے میانہِ اظہارُک انداز تہٕ زبانٕی ہُنٛد ورتاو کأنسہِ روایتہٕ ہناڈٕ لتھ باسہِ......تتہِ نس ہکہ بہٕ یوٗتے یوت وٕنتھ زِ لکھأرس چھُ پنُن اکھ طرز تہٕ ادا......سہٕ کھسیا کأنسہِ ٹارِ کنہٕ نہٕ......؟ البتہ ونہٕ بہٕ فن پارٕ پرتھ گژھہ ہناسوچن سرٕن پیٚون ادِ پییہ کینٛہہ پلہِ ۔راہی صابُن یہ مصرعہٕ چھُ مےٚ اتھ تناظرس منٛز برمحل باسان۔

نظر گژھہ بے پناہ آسنہٕ دلس گژھہ پیچ وتاب آسُن

مےٚ گئے الہ پلہٕ ژورٕ دٕہلی لکھہٕ پٕرٕ کران ...... کینٛہہ ہاتہٕ ووم کتأبی صورتس منٛز مارکس انٛدٕ رتہٕ کینٛہہ رودِ وزٕ اخبارن تہٕ رسالن اندر چھپان۔ یہ کینٛہہ پتھ کُن اوٕر یور چھکرتھ اوس تتھ وٲتم پٕتم زٕ وری انٛدٕ بوزٕ دوان۔ انشااللہ تتھ سوٚمبرنہِ ستی ییہ تتہِ کتأبی صورتس منٛز تو ہہٕ برونہہ کُن۔ پرانین اسبے ین یمن

منز کینہہ ۱۹۷۰ء پٹھ بیٚون بیٚون رسالن منز چھپان رودی کرٕم ہنا کرٕنی ہش تہٕ کرِم یتھ سوٚمبرِنی اندر شامل تہٕ کینژن ہنز شیرٕ پارٕ چھے جارٕی۔ یہ سورُے سپد تیلی ممکن ییٚلہ بہٕ پننس محبّ تہٕ شفیق محترم احسنؔ صابنس سایس تل روزتھ قلمس واش کڈان رودس۔ تکیازِ تموکر ہمیشہٕ مےٚ تہٕ میانین ارمانن لولہٕ متہٕ لاے تہٕ ہچھنو وہس زندٕ روزُن۔

بہٕ چھس پننین بزرگ تہٕ محبّ ادیبن ہند سیٹھا شُکر گزار یمو مےٚ وُگرایہ رودی کران تہٕ ژینہٕ ونہٕ دوان اتھ داتھرس آند بورٕ دِنہٕ باپتھ۔ خاصکر قبلہ موحترم رشید نازکی صابُن تہٕ مشعلؔ صابن یم مےٚ مٹہٕ مٹہٕ دِوان تہٕ حوصلہٕ بڈاوان رٕودی یُہنٛد حق وسہٕ نہٕ مےٚ زانہہ نکھہ۔ ییٚمہ ستی مےٚ نوسرِ قلم تلنس کل گنییہ۔ پننِس شفیق تہٕ خلیق ووستاد موحترم پروفیسر محمد زمان آزردہ صابُن چھس مرہوٗنِ منت یمو ہمیشہِ میٚون رُت کونچھ تہٕ حوصلہٕ افزأیی رٕوٗدِم کران۔

حاجن
۱۶ر فروری ۲۰۱۱ء

عبدالاحد حاجنی

# سُے ......

سُے ہوسأری اندیشہِ کاسی

سُے سُے کرتوزُوو......

نُنڈٕ ریٚشؠ سُند یہِ شعراوس مےٚ بالہٕ پانہٕ پیٚٹھے سوٗنچس نٔژ ناوان تہٕ ووٗندس کوٚران۔ میٲنہِ نظرٕ ہیٚرِ یون تہٕ یونہٕ ہیٚوٗ رٕگرِتھ کیٚاہتام ژھاران، وٗنؠ دِوان تھکان تہٕ منہٕ سُدرس ڈُنگ دِتھ تمؠ ہٕنڈی تصوٗر بدِ کڈٕنکہِ خاب بٕ وونان۔ پوٚز کُنہِ نہٕ کینٛہہ درٛیٹھ یِوان۔ چھنہٕ کانٛہہ صرف "سہٕ"۔ تیٚلہِ کیٚازِ دوگنیٚار آچھہِ گٔرِتھ عجیب دولابن زایُن دِوان۔ عقل چھےٚ پرا کنٛدٕ گژھان تہٕ ...... پانٛنؠ پانس پرٕ ژھان۔ مگراورٕ کُنٛے جواب ......" یہِ چھُ

ناممکن" پۆز ووٚنُم چھُ بۆز وُنہٕ پلنٛکہِ خاب ووٚتلاوِتھ شوقس جوشہِ انان۔ دوٚہ گیٚ ژھپل ژہانٛجہِ رٔنٛدان گنٛذران۔ ناووٚمیدی چھےٚ شرٛاکھ وٲتِتھ ذہنس کھےٚ ٹُلان تہٕ پرادن پٔرِ شہ ہُنٛد سگ دِتھ بنٛدگی ہنٛز رز محکم تھٔوِتھ کرٕنکی درس دِوان تہٕ تمی ہنٛدِس لولس ہُر بر کران۔ گاہے چھُ دِل بۆز مان تہٕ سوٚنچان، "سُہ ہےٚ چھُ تہٕ کیا چھُ!" سٲری ہیٚ پٔتھ دس رس تھاوان وول چھُ "سُہ"...... ییم خیال تہٕ سوال ووٚتلِتھ اوس میٲنِس وجوٗدس وُترٕ بیٚئل ووٚتھان۔ مےٚ اوس نہٕ کینٛہہ دۆژھ ییوان پۆز کینٛہہ نس منٛز پیٚر گرِھتھ اوسُم کیٛاہتام محسوس گژھان۔ نظرن اوس واش نیران تہٕ لولہِ نغمن زاینٛن لگان۔ "سُے" "سُے" وِردِ زبان ہیتھ اُہم وجودس تیلہٕ وٕنی دگ ووٚتلان تہٕ أنٛد رِمس کرٕ تچھرس موٚ دراوان۔ أتی ہوشس گُلو آلہِ وان تہٕ أتی جنٛونس پان پُشراونس پٔتھ مجبور کران۔

أچھ لجم درس تہٕ پٔرِتھ وتہٕ گتس روٗدس پٔرژھان تہنٛدی جواب بۆزِتھ اوسُس دم پھٹُ گژھان۔ گاہے کنٛن آواز گژھان، "رُمس رُمس ییلہِ تمی سُنٛد تصور آوٕٹی پانے گاشری ہن ہن تہٕ نظرن ژلہِ نےٚ ٹھری ییموٚ ژ روٗٹہٕ کوٚ رمبت چھکھ۔ روٗحس ییلہِ تراوتھ شہلاوی، وجوٗد ژھری تہٕ پرواز ہبلکھ گرِتھ۔" عقلہِ پٔرژھہ ہاتہٕ کیاہ پٔرژھس؟ بےٚ صبری ہُنٛد سالاب چھُ

کلہٕ پیٹھہٕ نلس تام ژھٹھ کڈِتھ اکہِ اٹۍ یِوان تہٕ بیٚیہ اٹۍ واو کی پاٹھی ژلان۔
فکرِ ہنٛز ذکر چھم یادٕ وۄ ترِس اردشہِ وألتھ بے حبس گرِتھ نوان۔ ہوش ینس ستی چھُم یون ہیٚو رکرنأوتھ شہہ والان تہٕ کھالان تہٕ باسان چھُ زِتس بغأر چھُنہٕ کہنی۔ شہن ہنٛز یہ کھال وال أنِج نغمن بۄ مبراونہِ ز ''سے چھُ، تس ورأے چھُنہٕ کانہہ۔'' یادٕ وۄ ترِس پھیُر دِتھ چھم اکھ اکھ یاد اکھ اکھ قیامت باسان۔ دِپان تمی چھُ پانہٕ وۄ نمت،'' یہٕ چھُسے ستی ستی مگر یِیلہِ گارٕ ہم تیلہِ آسے بۄ ونٛٹھہٕ کنہِ۔ ینہٕ دۄ ربر زانکھ۔'' اگر یہ ٹاکارٕ حقیقت چھےٚ تیلہِ کیازنہٕ دزٕ یٚیٹھی یِوان؟ أمی خیالن کۄ رمیون وجۄ دتھامہِ۔ مےٚ چھُ امیک پۄرٕ احساس زِ سہُ چھُ موختارِ کُل تہٕ بہٕ چھُس مجبۄر۔ یہِ ذِپی زِ تہٕ آوٕ لنس منٛز ہینہٕ آمُت۔ پۄ زبندگی ہنٛزِ طنابہِ کتہِ ترٛاوِتھ یِلہٕ۔ لولہٕ رۄ دس آلو دِوان تہٕ سُے سے کران۔ تمہِ پتہٕ تہٕ ہاوس تہٕ ارمانن ہُنٛد پن زن ہرِ دنہِ واوٕ زرِ دِتھ پھر پیوان۔

''سُے سے کرتو زۄ''، تمی سُنٛد تصوُر لولہِ للہٕ دِتھ چھم عشقہٕ سُند رس تارلیٛنج آش کو چھہِ منٛز گرا آوٕ لِنس تہٕ گراگتن پان پُشراونس مجبور کران۔ آوازٕ چھم أنٛدری کۄ ران تہٕ دپان،'' دِ...... دِ ڈنگ منہٕ سُند رس منٛز۔ ژھانڈ تہِ...... تیمیُک طلب ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ چھی کرناوان۔'' بہٕ چھُس

پڑتھ کُنہِ پیٹھ عمل کرنس مجبور سٕد رس ڈُنگ دِتھ چھُم تی دڑیٚنٹھی یِوان یتھ باوتھ کرٕنی میۆن بٔڑ چھُنہٕ۔ گژکھ چھےٚ لگان تہٕ ووٚنٕچ ڈُبراے چھم وٕلسنس انان۔ تٔسی پان پٔشرٲوِتھ چھُس أندری شہن ہنٛز کھال واٲلِبساوان تہٕ فکرِ ہنٛدی پن ذکرِ ہنٛزِ بانہِ آپرٲوِتھ چھُس سُے زال وونان۔ یہِ زٲنِتھ زِ، ’’دیوٕ رازٕ ہونٛزٕ تیٚی زالس منٛز‘‘۔ ڈیٚنٛج آیہِ پنہٕ پنہٕ یجرنہٕ تہٕ أرِکس أرِکس وارس روٗداکھ اکھ حال ہُر برتہٕ بُرزٕر کران۔ بیٚیۆن بیٚیۆن حالن منٛزلتس کُنٕی سنٛز باوتھ۔ وار وار کھسان۔ پڑتھ کُنہِ وارس پٔنٛن پٔنٛن اظہار پٔنٛن آکار تہٕ پٔنٛن بجر۔ ڈیٚنٛج روٗزژمان تہٕ پیٚینٛز روٗز ہُران۔ ابسنٕی ورس کھٔتٕی متٕی پن چھ، ڈیٚنجِہ اورِ یورژناوان تہٕ ژینہٕ ون دِوان، پنہٕ ہوشہِ ڈلکھ...... ترٛاو وارِ وارِ وونن پن تہٕ دِزایُن زالس یُس پڑتھ کُنہِ حالس حاطہٕ کرناوی۔‘‘ ڈیٚنٛج روٗزژمان آچھرِ آچھرِ کمی گرِھتھ چھِ خم نظرن آے کانٛچھان تہٕ یمو خمو منٛزی زول دِتھ پڑٕھ ہنٛدِس ژٲنِگس وٲنجِہ ہنٛدِ رتہٕ شولہٕ ناوان۔ پتھ وٕنکی أنہٕ خانہٕ بدِ نیرِتھ آلو گرٕھان تہٕ ووٚنٕد ووٕلسنس یتھ باسان زِ ’’سُے ہوسٲری اندیشہِ کاٲسی، سُے سُے کرتو زُوو۔‘‘ أتی چھُ حوصلن ہُران آے تہٕ خابن حقیقتُک پاے۔ یُس بڑٕ وٕنہہ پکنٛچ کل چھُ کڈان بتہٕ لول چھُ گنان۔ شوقُک سٕدُر چھُ بکہٕ یتھ ذہنس ملرٕ ٹلان۔ ملرن ہنٛز یہِ ٹاسہٕ راے

چھےٚ اُنہٕ خانس ناپہٕ ناوٕتھ جوٗنس ہوش گلہٕ میٹھ دِوان ۔ تہٕ قدمن ڈنجہٕ تھاوٕتھ پڑاوٕ پڑاوٕ برٕ ونہہ پکناوان ۔ یہٕ دوے اتھ کشمکشہٕ منز چھُ بوٗ ٹھ گاہے دوٗ ران تہٕ گاہے چھُ پلوٗ نزدیک باسان ۔ زندگی چھےٚ گاہے بےٚ معنہٕ بنتھ سأری ہے لتھ دِنس پیٹھ واتناوان ۔ یوٗزدوہ چھُ کڈٕن کُنہٕ پأٹھی باے زماہکی وولہٕ گتنٕ تھوس تہٕ اٗنی تن مگر خاب روزن توتہٕ ووتلان تہٕ تعبیر ژھانڈٕنچ کل روزٕ گنان ۔

اُتھی حالس منز چھُ پرٕ ھہ ہُنٛد دامانہٕ رٕ ٹتھ کینٛہنس منز تہٕ کیاہتام درٛ ییٹھی یوان...... ووندٕ سران کیاہتام تہٕ نظرن چھُ واش نیران ۔ صحراون چھِ گولاب پھولان باسان ۔ پتھ ونہٕ زن گوم آلو تہٕ روٗ وس ،منہٕ سٔدرس لوٗیم بندگی ہُنٛد زال ۔ یہٕ زاٗنتھ زِ ’’رازٕ ہوٗزٕ مایہٕ زالس گن ۔‘‘ بیٛیہٕ گوآلو......

’’پکھ ...... پکھ ...... وُنہٕ گونہٕ گن کینہہ ۔ افتابہٕ چھےٚ درس ۔ اتھ گن تھاو دیان ۔ ژِہس ژِہس تھاو حساب ۔ یہٕ گانگل کری کانہہ اغیار ۔ پتہٕ کیا لوٗکھ ۔‘‘ یم آلو یوٗزی تھےٚ روٗ وس یہٕ تہٕ فکرِ تہٕ ذِکرِ گرم مِلہٕ ون ۔ وجوٗدس ڈُنگ دِتھ وُچھم سوٗرے موجوٗد ۔ اُتھی حالس منز گیم بیٛیہٕ کنہٕ وام ’’مہٕ پزٕار...... دوہ لوٗگے درِ ۔ وق چھی غنیمت ۔ ژیر کرُن چھی نہٕ جان ۔ پتہٕ گوٗر کٔری کرتہٕ کالی گانگل ۔ اتھہٕ موٗرکھ تہٕ نظرن گژھی پچہٕ پھیر ۔ پتہٕ کیا کرکھ......؟‘‘

مےٚ گوسورُے وجوٗد گُمہٕ ئرِ ۔ پھوٚر چھُم وٚوتھ وٚوتھ گرٛھان، اوتھٕ پوٚکھ چھُم نژان باسان۔ وِرِدزبان چھُم ''بس......بس......بس چھُکھ ژٕ ے۔ژٕ ے سِوا کُس کرِ م اتھہٕ روٚٹ''۔ مےٚ وچھِ مو چھِہ تہٕ اُنس کھے تُلتھ درٛاس۔ پوٚت نظر تہٕ دِژٕم نہٕ۔ پکان گوس۔ سورُے گوم مُشتھ زنتہٕ گو آناًفاناًسارِی سےٚ ژٕن۔ پھیکو پٹھہٕ وٚوتھُم بارتہٕ لوتیاس زنتہٕ سوٚ درس لاٰیم ووٚتھ۔ تھہِ تران تران روٗدُم سہ ُسرٕ گرٛھان۔ مےٚ آو حبس تہٕ لولہٕ والین عاشقن ہُنٛد بےٚ سو کھ سمندر اُندی اُندی گتھ کران۔ وِرِدزبان صرف ''اُسی چھِ حاضر......آ......اُسی چھِ حاضر۔ توہہِ سِوا چھُنہٕ کانٛہہ۔ سورُے چھُکھ ژٕ ے۔''اُمی گرٛزن وُزٕنو میٚون وجوٗد۔ اُچھ آیم مُژرِنہٕ۔ اُتی گیم بیٚیہٕ آواز کنن۔ ''یہِ چھُ تُمی سُنٛد گرٕ یس ژھاران اُچھ آسے لوسہٕ مژٕ تہٕ ووٚتھٕ اوسُے پراکنٛدٕ۔



# قدٕر

ژٕری اگہٕ تیٚوٚنگلوٚ منقل وُہناوِتھ تہٕ ''ھُو'' ہکہٕ دمہٕ پھوکناوِتھ
کُری منٕہ سوٚ دُرگرٚ کھ...... چھاوٕتھ لگی ناگہٕ رادس جوے......ژھرکھ تہٕ ہنہٕ
ہنہٕ گرٚھی أنٛدرِیُم بارکم تہٕ لوتکھ۔ نتہٕ......نتہٕ گرٚھی سورٚے أنٛدری شرٚ پٕتھ
تہٕ رٕٔہتھ۔ پتہٕ لوَکھ نہٕ کھٔنٛڈ ہار۔ گُلہ موٚرکھ تہٕ باس لگی شٕٹھنٛیا رُک۔ پےٚ
چھیہٕ؟ منقلہٕ ہنٛز قدٕر ہیچھناوی وجوٗد کارُن تہٕ کاُرِتھ قالبس منٛز ترٛاوِتھ
گُلکارٕی ہُنٛد فن۔ تس کیٛا ویٚپہٕ منقلہٕ ہنٛز عظمتھ لیس وجوٗد دِشٕشری آوٗٹُمت
آسہٕ تہٕ رتھ آسبس رگن منٛز باندِ گومُت۔ یُہ دوے ژٕنے قدٕردان بنٕن سہل
باسی تہٕ پوٚز قدرن رأچھ کرٕنی چھنہٕ گفہٕ کتھا۔ خبر تو ریہ کینٛہہ فکرِ......؟

یہِ اوس تُمۍ سُند وُنُن ۔ بۄ زبہٕ اوسُس بوزان ۔ ''دوٚپمے قدرن رأچھ کُرِتھ گاشراو پٔنُن پۄت کال تہٕ ازکا لکۍ کرنئے لولہٕ متہٕ لاے ۔'' مے اوس نہٕ کٕہنۍ پلہٕ پیوان ، تِکیازِ بےٚ قدری ہٕنٛدِس گوٚلِس وٕنس منٛز چھِم پٔنٕس پانَس پرٕ ژھیٚوِن تہٕ رووُمُت باسان ۔ وُٚران بونہِ ہٕنٛدِس حأران کاوِ ہنٛدی پأٹھۍ وتہٕ ژھاران ۔ نظرٕ آسم اکِہ بالہٕ وسان تہٕ بٔیپس بالس کھسِتھ زالہٕ منٛزٕ مُچھِہ گرٕ ژھنکۍ خاب ووٚنان ۔ بۄ زکُنہِ نہٕ کانٛہہ ڈٕسلہٕ وزٕیٹھِ یوان ۔ جیرٕ چھُم ووتھان تہٕ دیان چھُس کٔرکہِ دِمہٕ ہا ۔ بۄ زتِمن تہٕ نہٕ کانٛہہ یووبر ۔ باورٕ زأنِتھ مانٛنم چارٕ ہانٛژِ تہٕ دِنم ہٕٹۍ چیرٕ ۔ پانٛژٕ اُلی کاون ہٕنٛدِ لرٕزٕ روٗدُس أنٛدری پٔتھن گونن گرٕنٛد کران تہٕ یئیے دوٗژھرأوِتھ اچھرن زبو دِتھ من رئرٕ ناوان تہٕ خیأ لی صحراون سام ہیوان ، ڈٕنی دِوان تہٕ وتہٕ ژھاران ۔ پیٚاران زِمنہٕ سوٚ دُر کرتہٕ کأٹی کرِگرٕ کھ تہٕ جوین لگہِ زائِنُن ۔ دوٗد سہٕ لدن ہمہٕ ترٕلیش تہٕ وُٹھ پھیشُن تُلہِ تھٕچھ ۔

واُنیح آیم پھٹنس ۔ بۄ زگُرِتھ تہٕ کیا ہیکہٕ ۔ أنٛدری روٗدُس ویٚہہ زن ژاپان ۔ اظہارس ہیکہٕ نہٕ زبو دِتھ ۔ وُٹھن چھُ ژوپ تہٕ زبو زن تالن آچھہِ کرٕ ہو ۔ أنٛدرِ می اضطراب تُکنم وُتارٕ ۔ کانٛہہ چارٕ لوٚگم نہٕ تہٕ تُمۍ سُند ناو ہیتھ ووٚ تھُس تہٕ بیٚہہٕ لوٚگُس یئیے پنہٕ گٔڈ تہٕ گاسہٕ تمۍ ہلمس منٛز

سۆمبراوُنہٕ۔ ژمن ژٲیم مێژٕ تہٕ ٹێنٛڈ بن وٕژھم دگ ......سودگ یوسہٕ اکہِ
اٮ۪ڈٕ میٲنِس وُجوٗدس وُترِ بٹِیل ٹلان تہٕ بیٚیہ طرفہٕ تمن خیالن موٚ دراوان
اُس یٮ۪م مےٚ وِزِ وِزِ مٹہِ مٹہِ چھِ دِوان ۔ یہٕ روٗدُس کچھِہ گلبن موٗلہٕ
پڑاےٚ کران تہٕ سبزارس رٲچھ کرٕنکی گون بدِ کڈان۔ پوٚز ہوش ہناڈنجہِ
پِتھ لٔجم کھورو تلہٕ زٔمین ژلنہِ یێلہِ باسیام زِ اصلی مال و متاع چھُ پٔدی
ماںٹڈِ ستی سوسنان، ژمان تہٕ زن میٚے گُن ونان'' کچھ کڈ نکہِ ہپتہٕ متہٕ کرتم
لتہٕ موںٹڈ۔ گوڈٕ چھُنےٚ بےٚ قدری ہٕنٛدی سُہلا بن کلہٕ پپٹھہٕ نلس تام ژھٹھ
کٔڈِتھ دیان چھلہٕ چھانگرِ کوٚرمُت ۔کونہٕ چھےٚ ژہتہٕ ووتُر، کیٛا پٔزی
رٕژھرُن تہٕ کیٛا پٔزی راوٕرُن؟ یہِ رٕژھراوُن اوسےٚ تہِ چھُکھ ترٲوِتھ
ژھنان تہٕ یہِ ترٲوِتھ اوسےٚ ژھنُن تتھ چھُکھ تھپہ تھپھ کران۔'' مےٚ
گےٚ اتھےٚ رٕہتھ ۔ ہلم اوسُم لِژھہ گاٗمژ ورژھوتہٕ پپٹھو ستی برِتھ۔ دِنہٕ ہا
ہلم مگر من چھُم نہٕ یہِ زٲنِتھ پژان زِ خبر اتھ تہِ ماتیٚم پارٕ، تہٕ کیٛا زِوٗنہِ چھم
جگرس سودگ تیلان یوسہٕ قدٕرداٗنی ہٕژز باس دِوان تمو نیزٕ ترٗسبوٗ گلہِ
میٹھِہ چھِہم دِژہژ ۔ زنتہٕ یہ گُمی تام غاٗبی طاقتن ہلم دِنہٕ نوٗدس ۔ بٕڑ وٕنٹھہٕ
کنہِ گو اکھ امبار جمع ۔ ہنا دوٗر روٗزِتھ روٗدُس اتھ ڈیرِس تھلہِ تھلہِ
وُچھان ۔ دوٚنژھرٲوِتھ تہہ وارتھا ونچ کل گنےٚ یٮ۪م ۔ اکھ اکھ تہہ اوس پتھ

کالُک حال بأوِتھ قدرٕ ردآئی ہنٛز ژینہٕ ون دِوان ۔ کٔنہٕ وام گیم ......

"مہٕ دوٚنٛژھر...... رٕژھراو...... گوڑٕ چھےٚ سائِنس لأنِس بےٚ قدری پتہٕ وتھ باگہِ آمٕژ ۔ تہٕ سونس تہٕ سرتلہِ کُنےٚ باوگوٚمُت۔"

راونچہِ تہٕ رٕژھراونچہِ اتھ عملہِ منٛز روٗدُس بہٕ گاہے بوڈان تہٕ گاہے ووتلان ۔ رٕژھراوُن تہٕ راوٕ راوُن...... بوڈُن تہٕ ووتلُن ...... کتھ آس اتھ دولابس منٛز ہینہٕ ۔ بیٚیہ لوٚگُس یمن گاسہٕ تُلبن تہٕ کرٛیچن تھلہِ تھلہِ وُچھنہٕ ۔" کتھ چھُکھ یم گاسہٕ کرٛیٚچہٕ تہٕ کاٹھہٕ ہرِ سوٚمبراٗوِتھ تہہ تہہٕ تھاوان ۔ اگر پےٚ لگٕی یم کموٗلٕگو لنٛجو نشہِ چھےٚ ژھبنہٕ گرٕھتھ لِژھہ گامٕژ تیٚلہِ زرکھ نہٕ یمن کُن وُچھُن تہِ ادٕ برٕ ہکھ ہلمس تہہ گرِتھ۔"...... پتہٕ گُن دِژٕم نظر وزٕیٹھ آم نہٕ کہنٕ ۔ پوٚز کنہٕ دلمہٕ روزم وأنجہِ کوٗران ۔ سأرٕی ہیے کنہٕ ڈول دِتھ لوٚگُس بیٚیہِ أتھی دزٕاٗتِس ٹوکھ ٹوکھ دِنہٕ ۔

تاپہِ کرٛایہِ اوس میٛون وجود وبگلو وُمُت تہٕ پنہٕ پنہٕ کوٚرمُت ۔ دٕپیام شہلاوٕ دم یُتھ گُمہٕ پھٹنس ہناگُمی ہیٖر ۔ اماپوٚز شوٗقچ کُل کتھ دِیم سوکھہٕ بیٚہنہٕ ۔ سبزارلؤبہٕ ناونک مارٕ موٚت اوسُم سوار ۔ توٚے روٗدُس دِل دوٚزگرِتھ ڈورٕ ڈورِ تہٕ چمنہٕ چمنہٕ گوڈبران تہٕ کچھس موٗلہِ پرٛائےٚ گرِتھ اتھ شوٗب لاگان ۔ اکہِ انٛدٕ روٗزٕم ذہنی کشمکش لمان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ شوق ۔ مگر بہٕ

رۄ دُس گوڈ بران تہٕ مۄلن سگ واتناوان۔ یِیتھی گٔلِس دِنن لگان تہٕ اُتھی گل نافہٕ ژھٹان تہٕ میٲنِس پراکنٕد منس رنٛزٕ ناوان تہٕ شوقس کل کڈان۔ خیالن ہُنٛد گتہٕ گیوٗر اوسُم بڑ وسراوان تہٕ پتہ روزنک باس دِتھ مجبوٗر کران زِ خبر کانٛہہ پانژٲلی کاو ما پھربم اتھ پوشہِ باغس تہٕ خۄنہٕ ستی سگہٕ ناوی متِس چھنس ما کربم اُچھن ڈیشمان لُرِ پار، یِنہٕ بہٕ زٲرِتھ ہیکہٕ۔ یِمو انٛدیشو آوٗٹ میٚون ذِہن تہٕ لۄگُس بِیٚیہِ راونہِ۔ تہِ کیاز بے قدری ہِنٛدِس یِتھ گِہرِلِس تہٕ انہِ گٹہ وِنس منٛز چھُم پٔنُن پان پرٕ ژھیٚون تہٕ اوٚند پۄکھ دم پھٹٕ باسان۔ مٕژرِ ہازو...... تتھ تنہٕ وار۔ یپٲری کۄر گرٕ یشمہٕ ژٕنجہِ میٚون وجوٗد گُمہٕ ٲسری۔ وۄشلنیٚ آوٕتم ہن ہن تہٕ رُمس رُمس اُلجم دگ تیلنہِ۔ یِیلہِ کنن گوم...... "دِیان یِتھ وٲناکھ بُستی منٛز ہنہٕ آمُت پرٕتھ کانٛہہ نفس، غمناکھ کشمکشہِ منٛز آچھہِ گرِتھ ژھرٕ ٹھ ژھرٕ ٹھ کرناوُن چھُ یِمن پانژٲلی کاون خوش کران تہٕ امی ستی چھِ تم پٔنن من رنٛزناوان۔ "مہٕ سن اتھ۔ پتو لاکن چھ سٲری پنٛنِس گٔری متِس پیٹھ ماتم کران، گٔلی مۄران تہٕ باکہٕ ژھٹان۔"

یہِ حال ٲسرِتھ لۄگُس بہٕ اَنٛدری سوچہِ کینٛہ اَنہٕ خانن سٲر کرنہِ۔ رنٛگہٕ رنٛگہٕ چھے رنٛگن ہنٛزان سپدان۔ پۄز سرٕنکی خاب وو تلنس ستی چھم زیو

کلان تہٕ سوچہِ چہِ کژانکہٕ ہانٛکلہِ بنٛدٕ بنٛدٕ کرنس کل گنان ۔ بنٛدن گرٛنٛد کرنہٕ تہٕ رنٛگن سام ہینہٕ ہیٚے ستۍ چھم پتھ وٕنکۍ نغمہٕ جوشہِ یوان یِوانےٚ گرٛکھ پتۍ گرٛھان تہٕ منہٕ رکس پتھ ونس ژھونٛڈ دِیُن محال بنان ۔

بےٚ قدری ہنٛدۍ خوفن آوٕ روومیٚون وجوٗد تہٕ رنٛگہٕ رنٛگہٕ انٛدیشوکۍ رمیٚون ذہن پراکنٛدٕ ۔ پتھ وٕنکۍ لوٗہتۍ خاب اُسۍ واُناکھ تاُپر وگوڈے بڑ گری مِتۍ ۔ کمہٕ خاب؟...... کمہٕ تاُپر؟...... مےٚ وتھ کلہٕ گیوٗر ۔ تہٕ اُتھی گیرِس منٛز گیم کنہٕ وام......

"متہٕ ہیتہٕ دِلس پیٚٹھ ۔ ازچھی پنہٕ نی دِل رٕنیامِتۍ تہٕ توژھ پنہٕ پنہٕ گاٚمژ ۔ مہٕ راو رپنُن وقت قدرن تہٕ بےٚ قدری گرٛنٛد کران کران ۔ امہِ منٛزٕ نیری صرِف تہٕ صرِف پراکنٛدٕگی تہٕ بس ۔ یُس وجوٗد نژناوی، پوٗز تمیٚک انٛجام تھاو نظرن تل ۔"

زوٗ گیم گلہِ ۔ دپان چھس چیر امارن ہوٚٹ، تہٕ ہوشس کرٕ موچھہِ موٗرن یتھ نہٕ کلہٕ ہیکہِ کڈِتھ ۔ اڈۍ کانٛہہ دوہ شوٗد شِہلی پاٚٹھی باگہِ پیہ...... پنٛنۍ ارمان اڈ ماٚری گرِتھ وتھس تہٕ لوٗگس بیٚیہِ وزٕمن کانٛجن تہٕ کچھہِ ٹُلبن ٹل تژاو کرنہِ ۔ اکہِ انٛدٕ یِوان تہٕ بیٚیس انٛدس گرٛھان ۔ پوٗز ییمن تجُن تہٕ گاسہِ حُسن چھنہٕ اکھ رژھ تہِ کمی گرٛھان ۔ یم روزٕ زُوان تہٕ کلہٕ کڈان ۔

یُوت یُوت ٹینڈ بن زوروا تان تیُوت تیُوت دگ گنان ...... یہ دگ اُسم امارن ووتھ ژاتھ کرنکی درس دِتھ ہمتھ دِوان ۔ نظرن چھم اُتی شوٗ دتہٕ شفاف سبزار مٹہٕ مٹہٕ دِوان تہٕ اُتی چھُم کچھہ ٹُلبن ہُند امبار بامبراوان ۔ گاسہٕ خسن تہٕ ژھوٹہٕ ٹُلبن ہنزِ تھپہِ تھپہِ ہنٛدِس اُتھی عالمس منز ہنہٕ ہتھ چھُ خیالن وُتش لگان تہٕ ذہنس طلوطُم ووتھان ۔

زن چھےٚ قدٕردانی میےٚ یۍ ژمٹہٕ کھُژ ہش ۔ زورِ چھُس پریشانی ین تہٕ دولابن اتھہِ یان بُچھہِ ناوان ۔ مےٚ چھنا امہٕ ورٲے بیٚیہٕ کینٛہہ نصیبس ۔ مےٚ ہیُوٚت تمی سُند ناو تہٕ لوٗگس بیٚیہٕ تجن تہٕ خسن سوٗمبراوِتھ تہٕ کرنہِ ۔ تہس تہس منز رنگہٕ رنگہٕ ارمان تہٕ ہاوس دفن گژھان باسان ۔ یہ اوُسس تھلہِ تھلہِ وُچھان ۔

"ووٗنی آیہِ وتھ کتھ اوسےٚ دِلس پٹھ ہیُوٚ تمت ۔ یہ چھُ پتہٕ وتھ حساس لُکن گُدران رُودمُت تہٕ اُمی سُہلابن چھِ کم کم جانانہٕ پھکبھ کھیٚاوی ہتی ۔ زرگر صأبس تہٕ چھ شاید دِلس یوہےٚ کان کوٗران ۔

لی پانہٕ ہرٛوم جانہٕ مولس تی تھوٗوم ارزان
بیگانہٕ دیان توتہٕ لولس سےٚ مےٚ دِلس کان



# باۄژبل

تھنہٕ پبنہٕ ہے ٕستی یوسہٕ گوڈنچ آوازاڑ أمس تہٕ أوِلس وجودس کنن چھےٚ گژھان، تتھ منز چھُ زندگی ہُنٛد سورُے لُبِ لُباب گُپتھ آسان۔ یہے آواز چھےٚ پتہٕ منشس وأنسن نژٕ ناوان۔ یام أچھ مُژ راوبن تام چھِ تمہِ تصوُرٕکی نقش دِلس کھننہٕ یِوان یمن منز زندگی ہٕنٛدی رازتہٕ کاینا تکی اَنگ بۆن بۆن پڑاون ہٕنز ٹاکارٕ باوتھ چھےٚ باسان۔ یۆ دوَے تس امرِ حق قبۆل کرنچ صلاحیت گوڈے عطا چھےٚ کرنہٕ آمژ آسان پۆز پلالہٕ کرن وول چھُ أمس رنگ دارتہٕ بےٚ رنگ دولابن منز گیر گژھنہٕ وِزاتھہٕ

روٗٹ کرنک ذمہٕ وار۔ تھنہٕ پیوٚ تہٕ گوڈنچہِ آوازِ منٛز چھس "دتُمی" ہٕنٛدِ یوٚ ڈ آسنک باس دِنہٕ یِوان۔ تہٕ دوٚدِ ہبڈٕ رچھُ یِہے آواز پانس رُمس رُمس منٛز شرٛ وٕپراٗوتھ اورِ یورنظر اکران تہٕ چھس کُنی چیکھ نٕیر تھ ژلان۔ شاید ونان...... "بہٕ کوٗت اوٚ نتھس ؟ یِیتہٕ کیٛا چھُم کرُن؟ متہٕ گٔری توم دولابن منٛز گیر! یہِ اٗسی تن یِمنے مبارک۔"

اٗچھ گاہے نٔژ ناوان تہٕ گاہے بنٛد کران تہٕ اٗتھی عملہِ دوران اٗس مُژراٗوِتھ زوٚرِ گلوان۔ وُٹھ پھولان زن تہٕ کیٛاہتام باوُن یژھان پوٚز باوُژ بلُک ناگراد چھُ وُنہِ دوٗر سبٹھا دوٗر۔ توٗ تام چھِ وُنہِ پڑاوِ پڑاو۔ وق روزِ پکان تہٕ پکناوِ اٗمس اڈٕ اٗمس تہٕ پانس ستی ستی۔ ژھہِ پتہٕ ژھہِ تہٕ گرِ پتہٕ گرِ اٗی سُنٛد پان ژھرٛ ٹاوُن چھُ یِمنے پڑاون ہنٛز ژینہٕ ون دِوان...... چھِکھ دِیہِ ہاتہٕ یورِ بیہ ٹینٛڈ ٹیک تھوٚپ لگنس تیار۔ ژٕ دِتھ چھُ یہِ دوٚدِ ہبڈٕ ر امرٕبتھ گلہِ گلہِ چوان۔ اٗرکس اٗرکس گلِس ستی اکھ اکھ عالم رُمس رُمس منٛز شرٛ وٕپراوان۔ وق چھُ ژلان۔ دوٚدِ ہبڈٕ رچھُ باشہِ کران کران گِہے ڈبکہٕ چیران تہٕ گاہے وُٹھ پھوٚلراوان۔ یِمن اِرسرن چھِ ہتہٕ بٔڈی تعبیر کرنہٕ یِوان مگر باوُژ بل نِدارد۔

منٛزِل پاٗراٗوِتھ الرنس دوران گِہے کھوژان تہٕ ووٚٹہٕ کڈان تہٕ گاہے

أمِس دوٗدِ ہبڈرِس فرٕستہٕ اسناوان۔ وُٹھہٕ تَل ترٛاوِ تلہٕ باسان زِ کیٛاہتام چھُ باوُن یژھان۔ مگر...... سمجھِ گُس۔ اتھ بولہٕ چھنہٕ زبانے۔ باوتھ، کتھہٕ پأٹھی سپدِ ...... کھوٚج کرنس دوران یہِ دوٗدِ ہبڈُ رأتی ڈٕچھن تہٕ أتی کھوٗرتھپہ دِوان۔ نارُوچھہِ تہٕ دِیہِ اتھ تھپھ یہِ زانہٕ ورأے زِاتھ چھےٚ زانِنچ خاصیتھ۔ دوٗدِ ہبڈٕرِ ہِنٛدِ موصوٗم بُتھیکہ اکھا کھانگ چھُ کھُلہٕ کتاب۔ یوٚزِ پرن وول گرٕشہِ نظرباز آسُن۔ ڈبکہٕ ژٕ کراوُن یا پھٔلراوُن أسِن، أچھن ہُنٛد خمار یاوُٹھن ہُنٛد گُمہٕ جارروخن ہنٛد پھولُن یا بُمہٕ ترٛ کراونہٕ غرض اکھا کھانگ چھُ أمی ہِنٛدِ أنٛدرِمہِ حالچ ٹاکارٕ باوتھ۔ یوٚزِ زانن وول، یمی زأنی ہُنٛد مس طلربو چوٗمت آسہِ ہیکہِ یہِ کتاب اچھرٕ اچھرٕ پٔرِتھ پانس منٛزشرٛ ڈپرأوِتھہ تہٕ امیک وٕیوٗ رٹُلِتھ۔ دوٗدِ ہبڈٕرِ ہنٛزِ یہِ ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ تہٕ اِرِ سرٕ ژرژِتھ چھ أنٛدری وأ راگ دوتھان ...... ظوٗنہٕ کہِ یارِ بلہٕ من چھلِتھ تہِ چھےٚ اورٕ زمأنی دامن گیر روزان۔ گھنٛزِ نہٕ پلہِ پیوان ...... أمی سُنٛد تھلہِ تھلہِ وُچھن باسان کیٛاہتام ژینان تہٕ أنٛدری زٕسمن تل رٔٹِتھ بزٕگن ہیوان۔ أتھی ستی أمی ہِنٛدِس موصوٗم ڈبکس پیٹھ کتابہِ ہنٛدی ورق پانے ترٛجِہِ کران پھیران تہٕ اکھ اکھ اچھر شاید باوتھ کران ...... "میانہِ تخلیق کرن والہِ کرُم ہدایت، عطا کرُم عافیت رٔژھنٛدی پأٹھی یمن توہہِ نظرِ کرم چھوٗ کرٕنۍ۔ یہِ مےٚ عطا کرکھ تہٕ مقدرس باگہِ انکھ۔

تتھ کُرِ زبم برکت ۔ مے تھاوِ زیچھ کاروٗنشہِ محفوظ۔"

وق چھُنہٕ ٹھہران ۔ یہ چھ پکان تہٕ ژلان ...... منزلہِ ؤسنھ چھِ کوچھہِ کھسنکی خاب تہِ ووتلان ۔ نرزنگہ ژھرٹہٕ وتھ کوچھہِ منز پتھروسنج ژینہٕ ون دِوان ۔ گاہے چھوٕرِ چھوٕرِ کران تہٕ قہرِ گرشھان ۔ ژھوپہٕ کرناوتہٕ موکھہٕ آنگنس منز پہوان کڈٕن ۔ تتہِ نوٗوُے عالم وُچھان ۔ ژوواپاُری سام ہوان تہٕ باسان زِ کیاہتام چھُ ژھاران ۔ کوچھہِ منز تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ اَچھ پھِرِ پھِرِ شاید رنگہٕ رنگہٕ رنگہٕ واُلی سندٕ بن رنگن منز غوطہٕ دِتھ پان رنگناوٕنکی خاب ووتان یہٕ زن اُمی سنز وچشموتہٕ ڈیکہٕ وُسہٕ جاہٕ تہٕ وُٹھہٕ کُمہ جاہٕ تلہٕ ٹاکارٕ چھُ باسان ۔ زبو کیا باوِ باوٕ ژبل چھُ وُنہِ سبٹھا دوٗر ۔

کوچھہِ منز روٗ زتھ ڈُچھنی تہٕ کھووٕری تھپہٕ دِوان ۔ پان ژھرٹہٕ وان تہٕ باکہٕ ژھٹان ۔ اتی پانہٕ ہیے ستی گنڈِ باشہِ کران تہٕ فرستن ستی اسان ۔ گاہے پُتھرس پتھہِ ووٹھ لاُتتھ گرایڈ تہٕ گراکوٹھی کھوکھشہِ اورِ یور لاینہٕ یِوان ۔ گاہے ژھرٹھ ژھرٹھ گرِتھ ووگہٕ ڈُلنی دِتھ تن رتہٕ داُوِ گوٗشھان، گنڈِ باشن ہنٛدِ وقتہٕ ییٚے سند بن وُٹھن ہنٛدِس ٹُل تژاوس ستی ستی خبر کیا گنگراوٗن ہوان ...... یوٗ زباوٕ ژبل ندارد ۔

منزلس گوٗر گوٗر کرنس ستی منزلی باُتن تہٕ شُری کتھن ہنٛز مُدرتہٕ

میٹھ لَے چھےٚ دودِ ہبڈرِ سُنٛد من رٕنٛز ناوان تہٕ لولہٕ بأتن ہُنٛد سوز تہٕ سنہٕ
وِنی لَے پانس منٛز شرٕ وٚپراوِنی یِزھان۔ پوٚز ژڈبکہٕ ژٕ کرتہٕ بُمہٕ چار کھُلہٕ کتابہٕ
زیرٕ دِتھ ورقن پھِران زنتہٕ ژینہٕ ون دِوان تہٕ باوان...... "متہٕ انتہٕ تم کتھ
زنٛبِ پٹھ یموٚ ستیٚ میون اڈٕ اوم وجوٗد آلوٗدِ گژھہ۔ متہٕ گنٛگراوتہٕ تم نغمہٕ یموٚ ستیٚ
آوُلن آوٕتم۔ دوٗن درٕ ییٹھا کن ہنٛز ڈلیلہٕ ترٛاو۔ تمیٚ سُنٛد بجرتہٕ عظمتھ ووکھناوتہٕ
تم راز گنٛگراوتہٕ یموٚ ستیٚ تمیٚ سٕنٛدِ قہرٕ نِشہِ بچہٕ۔ تمیٚ سٕنٛدِ خوفُک تصور دِتم یُس پننہٕ
والہِ وقتہٕ اتھہٕ ژٕوٹ بنِم۔"

بُتھہِ کنِن انگن انگن ہنٛز ورق گردأنی کرِتھ تہٕ تمیٚک ہرترنظرِ تل
تھأوِتھ چھہِ منٛزلی بأتن ہنٛز لَے تہٕ طرز تتھ سوزس شیہہ دِوان تہٕ تم نغمہٕ
گنٛگراونس مجبوٗر کران ییتھ منٛز تمیٚ سُنٛد بجر، تمیٚ ہنٛز عظمتھ تہٕ تمیٚ سُنٛد
واحدالقہار آسنٕک باس لگہِ۔ تس آلو دِتھ "میانہِ غفارٕ بنتہٕ میانہٕ خأطرٕ
وہاب...... اے عظمتہٕ والہِ بن سانہِ خأطرٕ غفورالرّحیم۔ یا
توابُ...... یا غیاث المستغیثین بن سانہِ خأطرٕ خیرالغافرین۔"

دودِ ہبڈرِ سُنٛد گاہے بُتھس اتھہٕ دیُن تہٕ گاہے اتھہٕ مُژرِتھ تھوٚدٕ تُلنٕ تہٕ گلہٕ
ناوِنی، وُٹھوٚ پیٹھی زٕ وٕ پھرٕ وِنی تہٕ أچھ درس دِتھ زنتہٕ تمہِ بانٛچ ژینہٕ ون دِوان
ییتھ منٛز زندگی ہنٛدی آنٛتھہٕ رٕسی راز درٕ ییٹھی چھہِ گوٚھان۔ پوٚز باوٕژبل چھُ

وُنہِ سبٹھا دوٗر۔ توتانی چھِ پڑاون پیٹھ پڑاوسرٕ کرٕنی۔ نظر بازس چھُ سورُے
بزٕ وٕنٹھہِ کنہِ باسان۔ یتھ پیٹھ نہٕ عام فہمہٕ سنز نظرٕ ے چھےٚ آسان تہٕ نہٕ ہیکہِ
تو رٕمی سُند ظون پلوٗ گرِتھ۔

کوچھہِ منز روٗزِتھ اڑاوم دوٕ ہبڈ رکن وامان تہٕ ڈبکس دزٕہ کھاٗلتھ
گراأ چھ مُژراوان تہٕ گاہے بنٛد گرِتھ باکہٕ ژھٹان زنتہ ونان ...... ''چون دوہ
یُوٗ دوٕ ے لوسنس تیار چھُ پوٗز وٗنہِ چھی آدن۔ اُخری شہہ اگر سیٛو دگژھی'
ساٗری رٕتی شرنیرنے تہٕ پھولراُ وِتھ دِیِ سہٕ بہاریمہٕ ستی مالامال گرٕ ھکھ۔
سُتہٕ تیلہِ ییٛلہِ پزٕ دِلہٕ پشیماٗنی ہُند اظہار کرکھ تہٕ شرمندٕ گیہ ہٕندِس سرس منز
وجوٗ دمدٕ واُلتھ کارکھ تہٕ عجز وانکساٗری ہٕندِ جوشہِ گژھی ہنہِ ہنہِ بسمہٕ۔ سُے
بسمہٕ چشمن تُجہِ لاُ گِتھ نیرکھ گٹہٕ منز۔ دماغس انی ڈنٛجہ تہٕ وُندس ڈوب دِتھ
تُلہٕ ناوی تمہِ پزٕ گاشُک ویٛو ریمیٛک تلخہٕ تہٕ کرٕیشُن وُمرن چھےٚ نژناوان
روٗ دٕمُت۔''

اُمِس دوٕ ہبڈ رٕسنٛد بن انگن ہٕنزِ یہ کتاب پران پران چھُ پرن
واٗلِس واٗراگ ووتھان تہٕ پننِس پوٗت کالس محاسبہٕ گرِتھ چھُ شرمنٛدٕ گی تہٕ
پشیماٗنی ہُند زہر اٗندری چنبس مجبوٗر گژھان۔ باسان چھُس زِعمرٕ توہس
دوگ دِتھ گوم وجود گر دِیزی۔ سہٕ گردیٛمی نہٕ بہٕ کاٗنسہِ بُتھ دِنس لایق تھوٗس تہٕ

گٹہٕ ژٕلس منز آچھہِ گٕرتھ نہٕ تھوونس اوٗرک تہٕ نہٕ تھوونس یوٗرک۔ یہِ
رٕژھرٕن اوس تہِ ژھُن چھکرِتھ۔ یہِ تزٕ اُوتھ اوسُم ژٕھنٕن تہِ بۄ رُم جولہِ ییمۍ
دتھ راوٕ رٕاوم تہٕ حاصل صرف تھپل ہۄس۔ وق چھُ کتہٕ کورووتمُت۔ دوہ چھُ
لۄ گمُت در۔ کیا نیرِ گرٕ ژتس تہٕ کرٕ اوٗ ژتس پھیرٕ دِنہٕ منزٕ۔ کتھ آیم
نۍ زبان کتاب باگہِ ییمۍ بہٕ پیتی رُسوا کوٗرُس۔ کاش امہِ کتابہِ ہُنٛد درس
آسہِ ہیم وقتس پٔٹھ پۄ رمُت تہٕ پولمُت۔ کاش پالن ہارٕ ہنٛدِ امرِ ہیٖچ آسہِ ہیم
قدر گرٕمژٕ۔ تیلہِ کتہِ کرٕ ہنم اُمس دودٕ ہبڈرٕ ہنٛزٕ زُرکہِ تہٕ ٹوپہ دگہِ دگہِ
بنٛنی۔ یہِ گوٗ وٗنی کنٛنس حال ییلہِ نہٕ اُمس باوٕ ژبلے چھُ۔ صرف اُمۍ ہنٛدِس
بنٛتھس گن وُچھنہٕ ستی ڈبکہٕ رکھن، وُتھہِ کمہٕ جارس تہٕ اُچھن ہنٛدِس خمارس
سنٛتھ گوٗ یہِ حال۔ تمہِ وِزِ کیا کرٕ ییلہِ اُمس 'باوٕ ژبل' ییہِ تہٕ اُمۍ ہنٛزن زُر
کنٛن، ژینہٕ وننٕ ہُنٛد ٹاکارٕ اظہار کربہ بےٚ پردٕ تہٕ ٹکسارس کھاُلتھ روزِ نہٕ
میٚون داغدار وجود گُنہِ لایق...... میانٕن عابن تہٕ نابہِ کارٕ ین لگہِ سرِ عام
دل۔ تہٕ ...... بہٕ ...... بہٕ آسہِ شۄزٕ د پشیمانی تہٕ شرمنٛدگی ہنٛدِس گہِ لس تہٕ
کرٕ اٹھِس دلدلس منزٕ اتھہِ مۄران...... ☆☆☆

# ویُور

یام نظرو واش کوٚڈ تام کٔڈ خوشوٕنی وادن کل تہٕ بوچھہِ ہٕز نظرٕ ژھ سمیس سام ہیٚنہِ۔ تاپہٕ کرٛ ایہِ ہٕنز وہوٕنی دہن اُس وچھس آمتاو دتھ گأمژ۔ آرن ہٕندی وسہٕ وٕنی شینہٕ وأنی اوس گرٛز تلُمت تہٕ بٔر گاٹمتین شرن ہٕنزِ موٗنیٚنڈ راٗسن پنہٕ پنہٕ کرٕٛمژ۔ سأری سے أندی پکھِس أس ٕسراے اُلجمژ تہٕ پرٛتھ انٛدِ اُس ژھرٛٹہٕ ژھرٛ ٹھ تہٕ ووسہٕ درٛ وسہٕ۔ نوِ انمانہٕ آوزوَن پاے بارسس تہٕ خوفتہٕ پیٚمتی لولہٕ نغمہٕ آے جوشہِ۔ تالہٕ ہوری لٔگی نوِ آیہِ رٔسلی بأتھ آبہٕ ٕگنگر ایہِ ٕستی گبونہِ۔ کالہٕ اوبرٕ چ زأج ٔلج پنہٕ پنہٕ گرٛ ھنہِ۔ آکاشہِ پیٹھٕ پاتال تام گوٗنبر۔ ژھایہِ ہلبو آوٗ ٹمت گٹہٕ زوٚل گاشتیاو۔ پرٛتھ انٛدِ وۄتھ سربستہٕ خزانن ٹھان۔ رووُمت ہیوٚ تُن ہمٛ وٗنہہ گٔن یُن تہٕ لوٚ بمُت لوٗگ رتھہِ کھسنہِ۔

ٹھٲرِ تہٕ رٕٹۍ آے وٕستھ ۔ پٔتھ اٲںٛدٕ گوسمہٕ سۄ ٹُر ۔ نظرن دژ ایہِ گێنز ۔ روٹہٕ
گاٛمتۍ احساس آے وۄلستھ تہٕ لگٕ منزِٕل پٕ اوٕنکی خاب دأیٕ رنہٕ ۔ نظرو کوۄ ڈ کاڈ
تہٕ لجہِ سٕنِس کیاوِ وۄ گنِس منز کیاٛ ہتام ژھارنہِ ۔ ژھیۄپتھ راز گے فاش ۔ آشن
ہیۄتُن نوۄ د آے لگُن ، یاوٕنکی رنگ لگٕ گنٕدِ باشہِ کرنہِ ۔ بےٚ سوکھ سۄ درس گوکھن
تہٕ ڈٕدۍ متۍ بدن گے سأراب ۔ زندگی ہیۄت پٕنُن مقام ژھارُن تہٕ
ہمتس لوۄگ وُسجار ۔ آرِ کۍ وسہٕ وِنۍ کھشارن ہیۄچھِ نأوۍ پلن سینہٕ دارُن ،
طوٗفانن ژُو آیتن تھاوُن بنیاو زندگی ہُند اکھا ژھیٚن انگ ۔ منزِل رۄد پانے
وتہٕ ہاوُک بٔتھ انتظارٕ چ ترلیش ہۄ مراوان ۔ خوشوٕنبن تہٕ منہٕ پژبن ژاین آو
ویٚوٗ رُٹلنس آے ۔ سیکہِ صحراون منز آے گولاب پھُلِتھ تہٕ خوشبوے ٲنٛج نافہٕ
ژھٹنہِ ۔ نظرو ہیۄت شُلیہس ژٕہ دیُن ۔ ذوق لطیفن پژ بزلوو منگ پتھ
پُرستان ۔ وِگنہِ آیہِ وۄلستھ تہٕ ترٕپرۍ متۍ دارِ بر پھُٹراوِتھ آیہِ نبر نیرِتھ ۔
گاش آو پٔتھ اٲںٛدٕ ژٕستھ ۔ ٹھٲلۍ آوٗ ٹمُت کرأنژۍ گومُت سبزار آو پھُلِتھ ، کاڈ
کوۄ ڈُن ، نٔوی بامن دژ اے ، پٔتھ اٲںٛدٕ وۄتھ چُرۍ گیٚش ۔ خوفتہٕ تہٕ دم پھُٹۍ آدم
گوۄ بیدار ، أنٛدۍ پکھِس لوۄگ سنہِ ۔ شوقن کٔڈنس تمہِ آیہِ ویٚوٗ رٕنٛج کل ییمہِ
کہِ جوشہِ وچھکھ نِلہٕ وٕٹھ آو بگلِتھ تہٕ لولس ٲنٛج گُنی دار ، قطرٕ قطرٕ لوۄگ دوکھن
تہٕ دادبن مایہِ ہُنٛد مہلامہٕ کرنہِ ، پژانبن زخمن ہیۄتُن انگ کھسُن ۔ جگرتارن

لۆگ ضرب تہٕ لولہٕ ساز لۆگ مُدرِ ی تہٕ رٕسِلی نغمہٕ گبونہِ۔ ہمن ہمن آیہٕ
وۄلسنس۔ آچھِ گاٹمتس چھٹہٕ پۆشرِ ی ہشدی پاٹھی لۆگ آدٕ می مرِبن أنٛدی
أنٛدی گھ کرنہِ تہٕ لول برنہِ۔ نفرت کس کرٕ لی ونس لٔج ربہہ...... ڈ ے پیّیہٕ پنہٕ
پنہٕ ڈٕ زتھ۔ سۄر کھوٚت وُلہٕ منمن۔ پانہٕ نیا رُک زال آووہراونہٕ۔ ڈہی ریگ
کھۄشٕ آکاش تہٕ لٔج ڈ یہٕ ہنٛزٕ وُنلہِ مایہٕ ہنٛزٕ کرتلہِ ستی وچھ ژٹنہِ۔ شکم پھُٹھنس۔
أنٛدرم نمبر کڈٕتھ کوٚرنس سأری ہسے ننبر تہٕ بوچھہِ ہنٛز نظرِ لجہٕ ویٛو رٹلنہِ۔ أچھ آیہٕ
مُژرنہ تہٕ نظرو کوٚڈ واش۔ ٹھرِ گے دۄرگتھ راز آے بڑوٚنہہ کُن۔ سأری
ہسے گوننبر۔ راز گے فاش۔ سورٕ ے داتھُر کھوٚت ٹکسالس۔ پڑٕ أنس گری
متس تہٕ کرٕ أوی متس لۆگ حساب۔ ضرب تہٕ تقسیم گری گری یُس گیٛو رلولہٕ
دیوتاہن اوس وۄ تھمُت تتھ لۆگ ووں اوٕنگجہٕ ٹینٹ بن پتھ حساب پنہِ۔ نوٕ
انمانہٕ لگی نوٕی خاب بارس پنہِ۔ تعبیرن ہُند رُت، مُدُرتہٕ میٛوٹھ تصور لۆگ
ذہنہٕ کنِبن أنہٕ خانن منٛز ژہالہٕ مارنہِ۔ وأنا کھ تہٕ وۄ درٕ وتن آوگاش ہیٛو۔ مایہٕ
تہٕ ملہٕ ژارن ترٕ وو پرٕتھ انٛد ڈیر۔ خوٚنہٕ گلین لۆگ چھۄنیار پھیرنہِ۔ کھاسرِ
پھاٹونس تہٕ وچھ کترنس آوٹھہراو۔ مایہٕ ہُند آرٕ آوگرٕ زتھ تہٕ سونٛچکی تأری گے
چھلہِ چھلہِ۔ ذہنچ بند دأر آیہٕ تھاونہٕ تہٕ واو رینگوتل سأری ہسے وُتر بیٚل۔
بوغھلکی تہٕ ڈ یہٕ ہنٛدی قلعہٕ سپدی مسمار۔ پرٕتھ انٛد گوسوٚم سوٚتھُر، نظرن دژ او

واش تہٕ لجہ سمہٕ یِس وِنۍ رٹلنہٕ ۔ گردئے فِقِھس منز گبر بچہ کرنہٕ ۔ نظر ویتۍ تم سرحد سرٕ نی ییمیک وأنجہٕ تیٛول اوس ۔ نوٚوٕے عالم آوژھالہٕ ماران بزٕ ونہہ گژھن ۔

وأران وتن ہنٛد بن حأرانن ہنٛد سہ حالہٕ بد کتہٕ ییلہٕ زندگی ہنٛد انزٕلی داردامانہٕ یُس وقتہٕ کہو زولانو کأژ گرِتھ پنہٕ پنہٕ کوٚ رمُت اوس ۔ ڈوگنیار کہٕ ملبہٕ ستی ئری پیٹھی گرِتھ اوس سورے پرٕ ۔ انسأنیٛچ پژھ أس دِلو منز کرتام وُڈو گرِتھ گأمژ ۔ ذہن أسی ژھوٚژ تہٕ عقلہٕ اوس جواب کوٚ رمُت ۔ عرفانہٕ کس صحراوس اوس ژھایہٕ پزٕ ہو قبضہٕ کوٚ رمُت ۔ رژھہ رژھہ أس دُژتو تہٕ أندرٹو زالس منز آچھِ گرٕمژ ۔ آدم اوس وُٹھس منز ژۄٚتس پیٹھ روٹہٕ ۔ بے پژھی ہنٛد پہر اوس ژوواپاسے حاطہٕ گرِتھ ...... وأرانن، جنگلن تہٕ پہاڑن ہنٛدی سینہٕ أسی تھپل منوشن کتر بتہٕ گرِتھ تھأوی ئتی ۔ زنتہٕ أسکھ پنہٕ نِس قسمتس پیٹھ روان رِوان وچھ ژیٹے گرٕمژ ۔ آدٕمی پد بن ہنٛدی زہرن اوس ئس ووتھ وُن تہٕ پھولوٚن سینہٕ داغدار بنوومُت ۔ ییمن وچھن کھور ڈکھری ڈکھری آسہٕ خبر کأتی ہن موصوم ارمانن لتہٕ مونٛڈ گأمو ۔ تظرٕ لجہٕ وارٕ وارٕ ذہنہٕ کمن پوٚت ونن وِنۍ رٹلان ٹلان بالِ پنہٕ تہٕ حالس منز غرق گوٚھتھ گے بے حألی ہنٛدی جامہٕ چاق کرنس مجبور ۔ تکیاز آرٕ کی گرزن أسی مُد رلیہٕ

مژ کمہٕ تام نغمہٕ تلٕی ہتی ۔ یمن مژ مژٕ لچ باوتھ ٹاکار پاٹھی دزِ یٖنٹھی چھے گژھان۔
وونٛدس ہنا قرار باگہٕ تہٕ تھ گیہٕ وچھ ژ برایہٕ کمی تہٕ نظرٕ لجہٕ درس ۔ وونٛدٕ آو
وولسنس ، ذہنہٕ کنین پوٚت ونن ئیٚ ہسرا ے تہٕ ژھوپہٕ ہنٛدی پردٕ گے پنہٕ
پنہٕ ۔ تالس لجمژ زیوٚ ژاونو وزو ۔ وُٹھن ہُنٛد تُل تژ اولوٚگ کیاہتام باونہٕ ۔ ٹاریو
ہیٚوت واوجہٕ واوکرن تہٕ اُچھن ژوٚ ل شاپھ، نظروکوٚ ڈواش تہٕ لجہٕ کیاہتام
ژھارنہٕ ۔ پھوٚرہیٚوتُن ووٚتھی ووٚتھی گژھُن تہٕ سأری ہے پھٹیوٚ رزُوزہتہٕ۔

زنتہٕ پہو دزٕ وٕ نہٕ منقلہٕ شینہٕ وونی ۔ کھکھر کھٗو ۔ اوتد پوٚکھ آو جوشہٕ
تہٕ ہُمر ووٗن وُہوٗن الاو ۔ آدم آوجبس مژ تہٕ لوٚگ ہنہٕ ہنہٕ تہٕ رژھہٕ
رژھہٕ ویٚو رتُلنہٕ ۔ سنان سنان گوسُلتھ تہٕ لوٚگ زندگی ہنٛد بن کرٕ ٹچھرن تہٕ
کڈ جارن مُلہ پزائے کرنہٕ ۔ عزمس لوٚگ نوٚ وآے تہٕ پاے ۔ نظرن
دژایہٕ ڈوکہٕ تہٕ منزل آوپدبن تل، زنگن ژول ڈنگ تہٕ ہیٚتن سوٚت سوٚت
پری تژ اوٕنی ۔ پری کڈنس ہتی ہتی آیہٕ ہن ہن بارٕ بگہٕ ۔ ذہن گوتازٕ تہٕ سأری
ہے آیہٕ گژاہ گتھ چھلنہٕ ۔ لوٚگس دوٚب مل دژاو...... اوتد پوٚکھ مُشکیاو، پژتھ
اندٕ پہو پزُرک گاہ ...... سہٕ گاہ یمہٕ کہٕ برکتہٕ انٛمن اُچھن آوگاش ، گٹہٕ
ژول گوناپٕد ۔ راتھ ہُنٛد گٹکار تہٕ انہٕ گٹیک زال گوپنہٕ پنہٕ سنگرو ہیٚوت نوٚر
ژھٹُن تہٕ صُبحکی واون ہیٚتی گُلی آلوٕنی ، پژتھ اندٕ پہو گاہ ۔ انہٕ گٹ آوٕ ٹی ہتی کھوٚتی

لگِ وسنہٕ۔ صُبحکی پرتون شولہٕ نو وسورٕے اوٚنڈ پوٚکھ۔ کاینات آیہٕ وولِستھ۔
نوبو رنگو تہٕ رٕپوتر وو پرتو۔ سورُے آو پھلِتھ۔ ون وِگنہٕ لجہٕ ڈرِ گنڈنہٕ تہٕ
ڈھن پیٹھ لگِ نوِ انمانہٕ وٕنسی گاٮ۪تی ارمان ژھالہٕ مارنہٕ، آرکی گرزن بدلوو
سازتہٕ تمہٕ نغمہٕ لگِ بارسس ییٚنہٕ یمن منز زندٕ روزنکی سبق گُپتھ چھِ۔ مأرِ
مُنڈی تہٕ لوٚیہٕ وِنی نغمہٕ کھتِی نمن پیٹھ۔ نوِ آشہٕ تہٕ نوِ منزِل لگِ بدٕ نیرنہٕ۔
غمہٕ رِکس سازس آیہٕ تارٕ وٕستھ رٕسی لبو نغمو ہٕرٕ رووزندگی ہُنڈ باو۔ کایوالن آیہٕ
اٚچھ مُژرنہٕ، ہمتس لوٚگ آےتہٕ نہٕ ہکنس گوٚل بیٚول۔ وقتک آلولوٚگ
مٹہٕ مٹہٕ دِنہٕ۔ خوفتہٕ کاژنیاٮ۪تی ارمان تہٕ ہاوس آے وولِستھ۔ پرٕانی خاب
وو تلیے نوِ انمانہٕ تہٕ برٕ گاٮ۪متین شرن پیو نوٚو زوٚز بہٕ۔ روٹہٕ گومُت دریاو آو
جوشہٕ۔ خوشونہٕ واوِ گرٕ ایہٕ لجہٕ ڈرِ گنڈی گنڈی تم نغمہٕ گیونہٕ یموٕستی تھامہٕ
گاٮ۪تی ملراکھ اٚکس پان چھاوِتھ ہمتک درس لگِ دِنہٕ عزمن مُژرو ووپئن
دفتر۔ سأرِ ہے لوٚگ پھیٚر ...... جمع تفریق، ضرب تہٕ تقسیمس ہُریاو باو۔
پیٚچتین تہٕ رژھن لوٚگ حساب۔ اٚچھ آیہٕ مُژرنہٕ تہٕ نظرٕ لجہٕ اتھ دوٚرژھراوِ
مِتس داتھرِس وِیٚو رٹلنہٕ۔

ہن ہن تہٕ رژھ رژھ اُس ٹاکارٕ باوتھ تمہٕ عزمچ تہٕ ہمتچ یتھ منز
یاونک سورٕے لُب لِباب ژھٚپتھ تہٕ گُپتھ اوس۔ سأرِ ہے لوٚگ پھیٚر،

زِگس تہٕ پرٛٮ۪نس لٔج چھاںٹھ ...... عزمن تُل مژر ...... سہٕ مژر یتھ منٛز بے قرٲری تہٕ اضطرابکی سالابن تمہِ آیہِ کلہٕ کوٚ ڈیمی کلہٕ پٹھٕ نلس تام گٔنی ژھٹھ کڈٕ۔ اٚندرِمس توٚندرس لٔج رہہ۔ جوشن اوٚن سوٗرے چھاوِ تہٕ بارٕ بگہٕ یتھ دیٚتِن چھکار۔ بیرن تہٕ بٹھبن کوٚرُن گنٕے۔ تھزر سنبر تہٕ ووگنٛیار روٗدنہٕ گنہٕ۔ سٲری ہیٚے گوسوٚم سوٚتُر۔ ووٚں ہیٚوت کھشارن روخ بدلاوُن۔ پوٚز زعزٕ مکی جنونن ہیٚوت یہِ کاثرٕ تنہٕ بایتھ سامانہٕ ژھارُن۔ کل روٗ زگنان۔ آرن ہٕنڈی گرٛزن بدلوو طرز تہٕ رنگہٕ رنگہٕ رایولوٚب زایُن۔ نظرٕ لجہٕ اٚنڈٕ وٚنڈٕ پھیرٕ دِنہٕ تہٕ اٚکِس اٚکِس قطرس گرٛنڈ کرنہِ۔ پرٛتھ اٚنڈٕ ووٗتھ طلوطم تہٕ ووسہٕ دزٕ وسہِ بدلوو سوٗرے۔ دُہلی خابن دزٕاو جنازٕ۔ سفید وردار کفن وٗلتھ دزٕاو سیاہی تہٕ گٹہٕ ژٔلس توبوٚدٕ۔ پتہٕ پتہٕ ژھایہِ پرٛاہ تہٕ برٛم راہ چاٚکی اتھ موٚران تہٕ سینہٕ ژٹان عالمِ خاموشس گُن دوان۔ صرف ودان، روان تہٕ باکہٕ ژھٹان۔ گُنہِ نہٕ کانٛہہ کانٛسہِ ستی رلان تہٕ نہٕ کانٛہہ پہٕنٛدِس حشرس سنان۔ پوٚز نظرٕ چھےٚ ویٚٹھٕ رٹلان۔ وُچھان وُچھان آیہِ پرٛانین زخمن کرٛاٚلی وٚوتھتھ۔ رتہٕ دارِ لوٚب زایُن ...... دار گیہِ زیٹھان، تھدان تہٕ کھسان۔ سوٚنچکی تاٚری آےٚ یکدم وٗستھ، مجبوٗر گرٛشِ ھتھ لایہِ نوٗون نےٚ سنگاہ وسہٕ وٕنس آرس منٛز ووٚتھ۔ آبس گوٚ ووٚٹ تہٕ لوٚگ سوٚتھی ژٹنہِ۔ لوٚہتی ارمان لگی غوطہٕ دِنس گُن۔ تمن

پھیرٕ ئو زندگی تہٕ سرتاز گرِ ھتھ لگۍ کشمکشہِ ہنٛدِس آوٕلنس منٛز غرق گژھنہِ ۔ کلہٕ پٹھ نلس تام دزٛ ایہِ ژنی ژھٹھ رُم رُم گیٛہِ ئرِ تہٕ ہن ہن آیہ وولستھ ۔ نظرٕ روزٕ وئوٕ رٹلان ۔ کمہٕ نِلہٕ پلٕ خشمہٕ ہتۍ بتھِ یوان ۔ پوٗ زگاسہٕ حسہِ ہنٛدۍ پاٹھی تمن کھشارٕ ڈٕھتھ نوان ۔ اکھ اکس ستۍ کلہٕ ٹھاسوٕتھ تہٕ ٹوکہ زد گرٕھتھ پرٕ وسان ، یہنٛز پزٕ بنتھ مسخ گژھان تہٕ دون چشمن کھران ۔ نظرو یپٛلہِ وُڈو ہیوٗت کرُن تہٕ یاونک سوٗ دُرلوٗگ گژٛ ایہِ مارنہِ ۔ آرٕ کی گرٕزن وولہٕ نو وآدم تہٕ ووٹھ لاینس کوٗ رُن مجبوٗر ، آبن کڈٕ نس کلہٕ پٹھ نلس تام ژھٹھ ......
کھشارن وول ڈُلوم نِلہٕ پلٕ ......کھاسرِ لوٗگ چھوکھ......خوٗ ئِلکۍ پھموار لگۍ ہوٕہس ستۍ کتھ کرنہِ ...... رتہٕ دارِ ترٕ اٗ و نِوٕ انمانہٕ رو ۔ ژنی چیکھ گیٛہِ ......
عزٕ ملکی اٹمن کوٗر کھشارٕ تھامہِ ...... روخ بدلاونس کوٗ رُن مجبور تہٕ ڈٕٹھ لگۍ پھولنہِ ۔

گاشا پوٗ تھنہٕ آبِ روانس
اونٛد پوٗ کھ سوٗنچس وولسنہٕ آو
پر بزٕ لیے نۆۍ سرحد امکانس
یپٛلہِ اسہِ ژُل عرفانک باتھ

(مرغوب)

# قرنہٕ پھٕیُر

قرنہٕ پھٕیُر چھُ ساٲری ہٕسے ٹۆٹ انان تہٕ کُنہِ تہِ انگس یا رنگس چھُنہٕ
پننہِ گاچہِ تھاوان ۔ ساٲری ہٕسے ودل اٲنتھ چھُ سہٕ تمہِ آیہ مسنخ گژھان ییٚتہِ
سوٗرے اصل نابود گٔژھتھ پھیشہِ لدموٗمنزٕ دژٕ ییٚٹھی یوان چھہِ ۔ ودل چھُنہٕ
کنھے ییٚلہِ زمانہٕ بُتھی پھٕیُر گژھ تیٚلہِ چھ ساٲری ہٕسے انہِ گۆٹے انہِ گۆٹ
آوٹان ۔ یہٕ تمہ انڈہٕ چھہِ گٔنزٕ تہٕ وٲنا کھوٗنل آوٕژتھ نہٕ بژٕونہہ تہٕ نہٕ پتھ نیرنس
وار تھاوان ۔ رنگہٕ رنگہٕ ولہٕ گتنٕن منزٕ گیر گٔرتھ چھُنہٕ ژھرٕٹھ دِنس تہِ موقہٕ
تھاوان ہن ہن والہٕ بربن منزٕ ہبنہٕ تتھ چھُ نظرن شاپھ لگان ۔ اٲندری چھُ

ووٚنٛدٕ کوٚران ۔ تیٚچ دگ تہٕ تیٚہ سہٕ پوٚت کال یاد چھُ پاوان ۔ یتھ منٛز ذہنکی انہٕ خانہٕ تمن مُدربن تہٕ میٹھن خابن لولہِ للہٕ وتھ ووٚنٛدس تمہِ آیہٕ سکون بخشان چھُ ۔ یتھ منٛز پوشہِ ؤنی تہٕ لوٚبہٕ ؤنی تصور نظرِ یوان آسی، پوٚز از......

وٕنٛسی گاٹہٕ تی ارمان خاب ہٕنتھ زخمن کوٚران تہٕ کرٛالی ٹلان تہٕ تیلہٕ وٕنہٕ دگہِ ستی مُدراونچ ناکام کوشش کران ۔ یتھ کالہٕ منٛز کڈِتھ تہٕ حالس منٛز اٚنتھ اٚنٛدرٹھن تہٕ ولہٕ گتہٕ نٛبن گرٛنٛد کرنس مجبور کران ۔ پوٚز یلہٕ انہٕ گوٚٹ پٚنٕن زال چھُ ہوٚان وہراوُن سأری سے چھےٚ زن واتھ پیوان ۔ گاشرٕ وتہٕ چھےٚ انہٕ گٚڈ بٔزی گرٛہتھ پکہٕ وٕنس روٚٹہ کران ۔ کڈِ ہا قدم تہٕ للبس ڈنگ پکہٕ سأرِتھ تہٕ لگہٕ نس ٹھولہٕ ، نہٕ روزان اتھ سارلایق تہٕ نہٕ ہبکان قدم کڈِتھ ۔ پادروٚٹہ گرٛہتھ چھ سوٚرے وجود ہتھ زن گرٛشان ۔

اتھ حالس منٛز چھ پاسخ درن تہٕ راتہ موغلن تھوتھ ژلان ۔ بےوایہٕ پاٹھی حالس زالس منٛز رٹان تہٕ پنٕن بول بجاٚنتھ پکھ وہران تہٕ سأری سے پنٛجن تل رٕٹِتھ بےٚ زوٚ زوان گرِتھ ۔ یہنٛد یہِ راج چھُ سأری سے تاراج کران ۔ یتھ یابرٕ وٕنہہ ترٛاوٕ نظر صرف...... ہاہاکار!!! ژلہٕ لار...... زچن نہٕ یوان نال اتھِ ۔ پانژٕ اٚلی کاوٕ آکاشس حاطہٕ گرِتھ چھِ پاتال تام پٚننہٕ منحوس ژھایہٕ ستی بٕچھان تہٕ ٹوپہ دِوان ۔ سأری سے زوان چھِ لتھ لور گرِتھ ۔ ماجہ

بُتراَژ ہِندِس وچھس ژبہِ ترٛاوان تہٕ داغدار بناوُن پنُن حق زانان۔ واٗراگ چھُ ووتھان یہِ زانٛتھ زِ یہِ گوتمہِ وچھک حال تیمی پننہِ ستھ ناٗج آیتن تھاوِتھ اُمس پلالہِ کوٚر۔ یہِ زاننہٕ وراٗے۔ زِ ''گس کیا گو؟ یا گس کیا چھُ؟'' پننہِ نبو منحوس پنچوٚ ستی کوٚرن امیک بجر، عظمتھ تہٕ پٔر بزنتھ مسخ...... احسان فراموشی ہِندِ حدِ ڈٲلتھ پھوٚلراٗوِن تم گل یمہٕ بوے بلہٕ ستی پٔرتھ انٛدِ دہن وُژھ۔ بتو چھُ تتھ اٗندی پکھس ڈبہٕ ڈاس نوان گرِتھ ییتہِ راتھ تامتھ خوشبوی خوشبوے اُس درٛ ییٹھی گرٛ ھان۔ پوٚ زاز ساٗری ہے وول اٗنتھ سہٕ تاثیر بخشان یُس راتِچ نِندرِ تہٕ دوہک آرام اتھہِ مُہتھ چھُ نوان۔

راتھ یمن کولن امربت اوس دارِ وسان، یمن وتن ہِندی گل تہٕ گلزار دِلس تسکین تہٕ ذہنس فرحت اٗسی بخشان...... ازتم نہٕ کولن خونِ ناحق جویہِ وسان تہٕ تم نے وتن پٔٹھ خوٚنہٕ سٔری بے گور وکفن لاشہِ ڈولان۔ ساٗری ہے بنگہٕ، دم پھُٹے تمہ وٕ ے اُچھو یہِ حال بدوُ چھان یم اُچھ راتھ تام یمنے کولن تہٕ رادن وُنٛ ژتلتھ زند روزنُک خاب آسہٕ داٗیراوان تہٕ ازیٔے وُچھِتھ زُوس الہِ الہِ اژان...... پٔرتھ انٛدٕ مرِ مرِ لگان، دوہ کڈُن کوہ کڈُن تہٕ اکھ اکھ ساتھ اکھ اکھ قیامت باسان۔ اتی مران تہٕ اتی زُوان۔ یہِ کڈُر تہٕ کرٛ یوٚٹھ عذاب چھُ موٚ ژراوا ن تہٕ چھوٚنی راوان۔ دگہِ دگہِ بٔنی لوٚ ستی چھُ

وجۄد بُترٲژ پٹھ بار باسان تہٕ بےٚ پڑھی ہُند شکار سپدِتھ یورِ ییمس آلو دِنس مجبور گژھان۔

وۄں ژٕلہِ ہے کوہو تہٕ بالو پٮ۪ٹھ پۆز زُسہ انہِ گوٚٹ کوٚت تژٕ اوبس ییٚمی سأرۍ ہے ژھٹھ چھےٚ آسان کڈٕ مژٕ تہٕ ہن ہن چھن آسان آچھِ گرِتھ تھامہِ گٔرمژٕ۔ بےٚ زُوو جود چھُ أندری ہژر ہتھ گلان۔ اتھ کشمکشہِ منز ییٚلہِ ذہنہٕ کیٚن پۆت گُٹھن چھُ ژھونڈ ہوان دیُٚن تمِ تصور چھ وۄتلُن ہوان ییٚمن منز پۆت وٕنکۍ تمِ نغمہٕ وِرٕ وارن ہُند شہجار، کولہٕ رادن ہُند پُرسوز گرزُ تہٕ کوہن تہٕ بیابانن ہُند رنبہٕ وُن مأرۍ منز رِ دِل اوس مُہتھ نوان۔ پۆز از چھُ أندری وأراگ ووتھان۔ وۄں ییٚلہِ راتکۍ مُدرۍ تہٕ میٹھی خیال یادٕ وٕترِس زِرِ چھِ دِوان تام چھُ دُ دأسی هاوس پراکندٕ منس کمند لایہ ناوان ییٚتہِ سوائے افسوس تہٕ واویلاہ کہنی چھُنہٕ پلہِ پیوان۔ پانسے ٕستی چھُ سونچناوان...... ”ییٚمے وُن ییٚتہٕ راتھ وُن ہارِتہٕ وِگنہِ ڈرۍ گنٛڈی وِنہٕ وان آسہٕ تتہِ از بوسید لاشن ہنٛز بوی بدٕستی منہٕ پھیُر لگان...... ییٚمن نیر بن تہٕ نین منز بے قرار وجود قرار اوس لبان تتہِ از پاسخ درتہٕ پانژٕ ألی کاوڈیرِ دِتھ آدٕ مرتہٕ ترلیش ہوٚ مراوان۔ ییٚمن کولن تہٕ آبشارن ہُند گرزاسہِ زندٕ روزٕنکۍ درس أسی دِوان تِمے از وُ دأسی، دم پھُٹرٕ تہٕ دِیان۔ سأرۍ ہے باسان زن شاپھ لوٚگمت تہٕ پژتھ انٛدٕ دوٚ دون

......!!!وُٹھ ہوان ٹُلنہٕ تہٕ زبوٚ تالس لگان ...... أندری وچھ کوٚران تہٕ صرف

وُٹھن پیٚٹھ یِوان ۔

حیاٖتکی مس چھےٚ ژِ دوہ راٗوی افسوس

پھُلےٚ گیہِ ڈوٹھِ بُزی چھِم کھرٕ آوی افسوس

یمےٚ کاٗنچھِم تمو سٕری پیٹھی کٕڈِم ژھٹھ

مےٚ سگہٕ وِم گُل مگر گٔنڈی چھاوی افسوس

(م،ل،س)

یِتھس دولابس منٛز پرٛگرٛشتھ راونس منٛز راوان تہٕ نےٚ سٔنگاہ زِنوِ

پیٚٹھِ یِوان، ’’کاش۔ دےٚ کرِ ہے دیہِ گتھ ...... یہِ گٹہٕ زوٚل کرِ ہے نابود۔

أچھن پیہِ ہا گاش تہٕ وجودس ژلہِ ہاشاپھ۔ ترٛ وٕپراوی متیٚ دارِ بر گرٛہ ہن

تیلِکی پاٗٹھی یلہٕ ......تکیاز ...... ژھمبرٕ میلنہٕ ہٹھٕ سنگر پھولنس تام چھُ روتل اندٕ

وندٕ واٗنا کھ کربکن تہٕ چیٚچن منٛز نیران۔ دوہلہِ ترٕ ہرِ تھانہِ گٔڈ گُٹھمن منٛز دارِ بر

ترٛ وٕپرتھ روزنس منٛز عاٗفیت زانان۔ أندری شہن ہنٛز کھال وال بدنس

منٛز شرٛ وٕپراوان۔ بٕ اُشمن یادن پھِرِ تھُر کران تہٕ پانہٕ ہےٚ متیٚ تم حال بدٕ

کڈان تہٕ سوچان ۔ یمن کوچن تہٕ آنگنن منز راتھ تام گوٗن تہٕ دڑ وکُن ،
نژُن تہٕ اسُن وولسنس اوس انان تمہٕ نے کوچن تہٕ آنگنن منز موتگ رقص
پرتھانڈ ودُن ، برٛ ژھُن تہٕ وچھ ژیٹے ۔ کانٛہہ ٹائٹھس گوٚ برس لبلہٕ کران
تہٕ مس پراٹان ، کانٛہہ اکھ پنہٕ نس سرتا جس توبودس پتہٕ پتہٕ پان ماران تہٕ
کانٛہہ معصوم مالی سنٛدِس جنازس پتہٕ پتہٕ خوٗنِ باران ہاران تہٕ کانٛہہ پنہٕ نس
أچھ گاشس ژھاران ژھاران اوٚن گژھتھ ژوٚتس پتھ دیوانہٕ وار کرٛ بکہٕ
دِوان ۔ یہ حال بدچھُ پرتھ کانٛہہ وُچھان تہٕ سران پوٚز زباو تھ ندارد ۔ أندری
یہ زہر پیالہٕ چوان تہٕ شرٛ وٚپراوان رُمس رُمس منز ۔ پتھ کالس تہٕ از کالس
سئنتھ تمن کرٛ تچھرن تہٕ ژاشرن بدِ کڈان کڈان بے حال گژھتھ پنہٕ والین
دوہن متعلق عجیب ئٹر کران ۔ راتہٕ رِکس تہٕ از کس دوہس سام ہیتھ ونان :

"ییٚتہٕ راتھ آسہٕ ون ہارِ ونوان ، ییٚتہٕ یارِ گلی أسی نغمہٕ گیوان ییٚتہٕ
جاناوارن ہنٛد بولبوش اوس دِل بزمراوان ۔ ییٚتہٕ کولہٕ رادتہٕ پاژ ادرِ آسہٕ
دوٚدمُت جگر شہلاوان ، ییٚتہٕ لولہٕ وگنہٕ آسہٕ ڈری گنٛڈی گنٛڈی أندی پکھس
اسنٛئوتھ وولسنس انان ، ییٚتہٕ بالہٕ تھنگین ہنٛز عظمتھ اُس کھسہٕ ونین گلی آلہٕ
وان تہٕ وسہٕ ونین پادن میٹھی دِوان ۔ ویرٕ وارن ، کوہسارن ، مرگن ، بٹھین
تہٕ بیرن گُل پھولرأ وتھ نافہٕ ژھٹناوان ، خوشبوٗنہٕ واوٕ رینگہٕ آسہٕ گلین کٹین تہٕ

پنہٕ برٕ گن میٹھی تہٕ مُدٕری نغمہٕ گیوناوِتھ پکہٕ ہکہٕ خاب وونہٕ ناوِتھ منزل بدٕ

کڈنس اتھ روٗٹ کران ۔ خوش تہٕ خوشحال گلن آے تہٕ پاپے کاچھتھ

پھولراوان تہٕ ووندٕ رنز ناوِتھ ذہنس وُزناوان ......'' تتہٕ از ......ونن تہٕ مرگن

منز پانژٕ اُلی کاو ، گانٹہٕ تہٕ گرز بد زندٕ لاشن کن چھلان ، ژونژٕ وستی اچھ کوٕران ،

یتہٕ شوردہن وجودس انگہٕ ڈاُلتھ پاٗر دی وجودس بے قراری تہٕ پراکندی

دِتھ لرِ ژھ چھُ نوان اَرِتھ ۔ سوٗرے دم پھُٹ ۔ جاناوارن تام پرٕ ٹُکتھ آسن ،

یتہٕ خوٗنِ آدم جویہِ وسان آسہ ۔ یتہٕ چشمن زوٗن لگتھ اوش باندِ آسہِ ......

تتہٕ چھُ اکھا اکھ وُٹھ ، اکھا اکھ زیو ، اکھا اکھ دِل برٕ ژھان ، وِدان تہٕ وچھ ژیٹان

پرتھ اندٕ شورٕ شر ، کرٕ کہٕ ناد ...... اتھ گٹہٕ کارس کیا دِموناوتیمی سأنی ناو غمہٕ کس

سُہلا بس منز پرٕ ژھنی ...... نہٕ تھووٗن ہم تہٕ نہٕ تھووٗن کھوٗراتھس منز ۔

ساٗری الہٕ تژیشہِ کران تہٕ سارِنے وردِ زبان : '' کس ونو تہٕ کس بوزِ یس

سانین اندٕ رمبن داد بن واتہٕ تہٕ اسہِ دِیہِ خلاصی تہٕ یتمہِ عذابہٕ تہٕ کھوٗ کاسہٕ

منزٕ موکلاوِ تہٕ پرٕ وِنی ناو لاگہِ بال ...... کس آسہِ یُس یتھ واوٕ ہالہِ منزٕ تتھ

ژاٗنگِس زالہِ یُس گٹہٕ ژلِس سینہٕ کوٗرِ تہٕ اندی پکھس راتکی پاٗٹھی شولہٕ

ناوِتھ شوٗب تہٕ لوٗب بخشہِ ۔ ژدی متین ارمانن پھیرِ نو وُزوُ تہٕ نیرِ بامُن ، لبہٕ

بہار تہٕ جہار ، پھُلراو گُل تہٕ گلزار ۔ ووندٕ شیہلہِ تہٕ لولہ ہژن چشمن ژلن

ژُھری، پراکنۂ ذہن پژاوِ سکوٗن'' ...... پۆز یہِ چھنہٕ گفہٕ کتھا۔ کتھ اگر چھےٚ
سوٗ چھےٚ بترِ چ تہٕ دگدارن تہٕ دردِلن ہُنٛد دادس واتنچ ۔ شاید چھُ امی نارٕ د
ٚودمُت کنوٗل سوٗ پۆری یہِ ٚگنٛگراونس مجبۆر کوٚرمُت ۔

کانٛہہ کتھ نہٕ سہل کانٛہہ وتھ نہٕ شٕہج مےٚ چھےٚ زخمن زہرِ چ زٕ ہللہٕ وٕنی
بہٕ تہِ تھوٕ نہٕ ژٕتبس تم کرتجہِ چھوکھ ژٕتہِ چیر یہِ رتہٕ دامانہٕ متھیو



# بُتھ

بُتھ ...... ہتہٕ موکھل ...... اُنتھہٕ رٕسی روخ ۔ روخس روخس بیٚون

بیٚون آکار تہٕ انہار ۔ کانٛہہ نہٕ رلان کانٛسہٕ ستیٚ ۔ییٚمہٕ گرتنٛگ بُتھ بُتھہٕ پیٚیہ

تمہٕ آیہٕ چھیٚ رایہٕ گنان تہٕ تم خیالات چھہٕ ووتلان یِمن منٛز یہُنٛد اندرُوٗن

تہٕ بیرٕوٗن بزٕ ونٛہہ گن چھُ یِوان ۔ تہٕ بُتھین وژنن ہُنٛد مولہٕ مایہٕ چھُ ذہنہٕ کین

اَنہٕ خانن وُترٕ بیٚٹھ تُلان ۔ امیٚک ووٗہار چھُ انسانس کانٛہہ ناوان ۔ تھرُو تھتھ

چھُ پانس لرزٕ اژان ۔ یوٗت یوٗت بُتھین سنان تیٚوت چھہٕ گرداِبس منٛز

ہینہٕ ہِوان ۔ سہٕ بُتھ پھِرٕن یا بُتھہِ لگُن یا بُتھہِ یُن أسن غرض پٕتھ لحاظہٕ چھُ امیُک اثر کسرِ تلی آب ہُنتھ سأری ڈٕھٹھ نوان ۔ تمام قدرن تہٕ منٛزِلن أندری سوسُر ژأنتھ بڑٕندٕ ہن منٛز ژن کران ۔ بُتھی لاگے گرِتھ بُتھبن وۄشلاوان ۔ گاہے بے بُتھ ہُنتھ دوۄس کاٗنٛز کران تہٕ سأرِ ہے ژوکبر کھالان ۔ بُتھہِ پیٹھہٕ تُلتھ چھُ بُتھہِ بُتھہِ دیاوان ۔ پٔنن کچُل بہہ مُن کرنہٕ خاطرِ بُتھی دارن بُتھ کھوان تہٕ بُتھی کنٛز أنتھ شرٕیفن بُتھی کھکھر دِوان ۔ وۄں کس چھُ بُتھی ہٕنس ستی بُتھی لاگے کرنُک طمع ، تتھ گژھہ تژھ بُتھأری آسنٛز ۔ شاید چھُ یِہے بُتھی وُچھتھ پژانبن پیٚومُت وَنُن ، ’’ژھوپہٕ چھے روپہٕ سٕنٛز ، کرٕ کھے تہٕ سونہٕ سٕنٛز ۔‘‘

کأتی ہن بُتھبن کروژأر ، کتھ بہو چھٕتی تہٕ کرِ ہنٛز ژارنہِ ۔ کأتی ہن دمواٹھ تہٕ کمن دِموجواب ۔ پٕتھ انٛدٕ چھِ دولابے دولاب زوان ۔ بُتھبن بُتھہِ لگِتھ چھِ تمہٕ بُتھی وۄشلان تہٕ سوٕسنٛز ژھٹھ چھکھ آوٹان یِمن ہُنٛد موکھہٕ پٕنبرتہٕ ڈبکہٕ بجرودٕ ونبن بُتھبن تہٕ چھُ اسہٕ ناوان ۔ بُتھی لاگیہٕ کھوٚژِتھ بُتھ تل گن ژھنس مجبوٗر گژھان ۔ تکیاز بُتھی نوٚن چھُ بُتھی ہُنبن أچھ منٛز کرٕٹر باسان ۔ بُتھی پھِرِس نہٕ چھے تھرتہٕ نہٕ بُتھ ۔ یِیلہِ تمہٕ بُتھہِ پیٹھہٕ تُلن تیلہٕ روز نہٕ کانٛہہ کانٛسہِ بُتھ دیُن لایق ۔ وۄں وُچھہِ ہے نہٕ انسان کانٛسہِ ہُنٛد بُتھ ۔

پۆزتس چھےٚ فطرت کُنہٕ کُنہٕ پٔنُن بتھ وُچھنس مجبور کران ۔ اُنہٕ چھُ پیوان
وُچھن اگر نہٕ وُچھہِ تمس چھےٚ پنہٕ نی کمزوٗری یوان ۔ اگر گرِ نیرٕ تہٕ کُس بُتھ
ہیتھ ۔ توٚے چھُ مجبوٗر ۔ یام پتہٕ اُنہٕ وُچھہِ ۔ تم بُتھی چھِ زوان تہٕ کلہٕ کڈان
یمن بُتھہِ بُتھہِ وُچھتھ اضطرابٕ اضطراب چھُ پلہٕ پیوان ۔ یہِ اضطراری
کیفیتھ اتی واُنجہ کوٗران تہٕ اتی شہلتھ ترٛاوان تہٕ اتی اَندری نار گنڈِتھ بُتھہِ
بُتھہِ دِیا ونس واتہٕ ناوان ۔ تِتھین حالاتن منز اگر نہٕ انسان پٔنُن حبس اڈمور کرِ
دوہ رٕکتھہِ نیر بس ۔ کُنہٕ وزِ چھےٚ ضمیرس شرٛاکھ وا ےِتھ بُتھی کھُنڈ پیوان
کڈٕنی ۔ اُسس ترٛوپ تہٕ زیوٗ تالس لاٛ رِگتھ سورٕے نار اَندری ژالُن پیوان
تہٕ منہٕ رٕکس تندرس پٔنُن اکھ اکھ انگ لاٛ رِگتھ جوشہِ انُن پیوان ۔ پٔنُن پان
دم پھٹِ کرِتھ واُنج گیر بچہ کرناوٕنی چھُ تمہِ وزِ کمال آسان ۔

بُتھین گرٛنڈ کرِتھ چھُ بُتھی بُتھی دژیٖٹھی گژھان ۔ کمن تہٕ کاٛتھن
بُتھین سنو ۔ لاگ تہٕ حساب کرتہٕ بیٚون بیٚون خانن منز تھٲوِرنہِ تہٕ خمیرٕ پننہٕ
آیہِ تعبیر ۔ سنتہٕ تہٕندِس تاثیرس ، خصلژ تہٕ وٕطیرس ، تتہِ چھُ بُتھ ووشلان
تہٕ گُمہ چھِ انگس انگس پھٹان ۔ اَندری چھُ اکھ طوٗفان ووتھان ۔ سہٕ
طوٗفان وولان تہٕ ہمہٕ تُک ناوِے نہٕ ہیوان ، کربکہٕ دِیاوان تہٕ زچہِ ژٹناونس
واتناوان ۔ اتھ حالِ بدس منز گیر گرِژھتھ چھُ دِل بزمان پٔنُن بُتھ

وُچھنس۔ ٹلان أنہٕ اتہٕ بُتھی بُتھی دژ ییٚٹھی گژھان...... وڈ وٕنی، اسہٕ وٕنی،
وُد اُسی بُتھی بُتھہٕ پتھ پریشانِ حال کران۔ ٹلان أنہٕ تہٕ ژوٗتس پتھ
پھٹر اوان۔ تُھنہٕ یم بُتھی بُتھہٕ پننس۔ اکھ رژھ نہٕ پانس تام روزان تہٕ کڈان
أتھی ژکھر۔ شیشس کھنجہٕ گژھتھ نظر اتژ اوان أکس أکس کھنجہٕ منز اکھ
سُہلاب بُتھبن ہُند۔ أکس أکس بُتھس بیٚون بیٚون گرُت، تہٕ آکار۔

کانٛہہ نہٕ رلان کانٛسہٕ ستی...... تمہٕ بُتھی ژُوان یم نہٕ اوٚ تام وُچھی متی چھہٕ
آسان۔ ژوٗ ہنہٕ تہٕ نبرل ...... یمن بُتھبن ہُند نہٕ اوس زانٛہہ تصوٗر کوٚرمُت
نہٕ اوس ذہنس منز کانٛہہ خیال نہٕ کانٛہہ تجرُبہٕ۔ کُنہٕ ڈُلامی، کُنہٕ ترِ کونٛجل تہٕ کُنہٕ
گلہٕ ژٔڈی، نستہٕ ژٔڈی، کأنی، ہوٚنگنہٕ رٕسی ڈبکہٕ ژٕکٕژ، کھاٗنڈٕ، وندانہٕ تہٕ کُنہٕ سفید
تہٕ کُنہٕ گرٕ، کُنہٕ ہأمی تہٕ کُنہٕ کرٕہنی۔ کیٚنہہ بُتھی کنورٕسی، أچھورٕسی تہٕ کُنہٕ چاٗنٹ
ژٔڈی۔ واُراگ چھُ ووتھان ییٚلہٕ بُتھس گٔژھ تہٕ ژٔری شہرس منز ہبنہٕ چھُ
یِوان۔ ییٚتہٕ نہٕ بوزُن آسہٕ تتہٕ کیا گری زِ۔ ییٚتہٕ أچھن گاش آسہٕ نہٕ تتہٕ کیا تھاوو
وومید۔ ییٚتہٕ ڈھنکھہٕ جنگ آسہٕ تتہٕ کُس قہر آسہٕ ییٚتہٕ تنگ نظری پشن تہٕ کرٕ یشن
آسہٕ تتہٕ کیا حال آسہٕ ییٚتہٕ چاٗنٹ ٹھٕ، کنہٕ ژٔڈی ہأمی تہٕ گرٕ آسن، ییٚتہٕ پانے پانس
جان دبد ونن واُلی آسن وتہٕ ہاوِ کہٕ، یمن بُتھی ذاٗژن ہُند شور...... پرٕ تھ کُنہٕ
ضرورٕ...... بورٕ یہٕ کینژھا چاٗنٹ ٹھٕ دہانہٕ منز نیرٕ، بامے تتھ پھکھ

اُسن، بوے بد اُسن یا خوشبوے اُسن یورٕ چھُ سنہٕ وراۓ ضرور
آسان۔ اتہِ چھُ کلہٕ ہیربن ہُنٛد سرٕ ونگ تہٕ سستہٕ سوداگر اُچھ ہِٹہٕ وہرٕ منٛز
کلہٕ ہیربن ڈیر کرناوان گژھان تہٕ پننی نوکری تہٕ طلبس ہُر برکرناوُن اصلی
مقصد زانان۔

پشیمان گژھتھ چھِ اتھہٕ موٗرٕنی پھوان......مےٚ کیاز پھٹرووِیہٕ اَنہٕ۔
اُمۍ ٹُل جادے وۅراگ، پریشانی تہٕ پراکندی منٛز گوس گیر۔ یمو کھنٛجو تہٕ ژٕ پو
کوٚرٕ رہم کاژ۔ اَکس اَکس کھنٛجہِ بنیام اکھا کھ داغ۔ واٚنج چھم یمو کھنٛجہِ ژٕ سبو
ہتۍ ژھبنان۔ اَچھن چھم یہِ شیشہِ ژن ڈلان۔ ییلہِ تھپر چھِ ہوان مُرن
دِنہٕ ہتۍ چھ اَچھ خوٗنی گژھتھ تہٕ باکہٕ ژھٹہٕ نۍ چھُ اَچھو منٛزٕ ڈوٗٹھہٕ باران
وسان۔ اَندری دم ہبتھ چھُ گلان، ژمان تہٕ ژھوکان۔ ہوش راوتھ یمہِ
کھنٛجہِ تہٕ ژٕ پہ پھری پھری مےٚ بزوٗنہہ گن ہتھ بُچھان۔ زرس زرس تہٕ
اَنگس اَنگس چھےٚ یمہٕ ژونٛزلہِ تہٕ ژٕ سِلی رتہٕ داوۍ نوان گرِتھ۔ اَندری چھےٚ
رُمس رُمس وگ تیلان۔ یمہِ کھنٛجہِ زن چھےٚ بُتھس پیٹھ شُٹلی آکھ۔ یوٚ دوے
شُٹلی بُجہ کرتام نیالِ گاجا کھ پوٚ زنو بن رنگن منٛز آیہِ یہِ بکری ڈٲر بُتھ لدِتھ۔ گس
کرِ اَمس وُکری بُتھس ہتۍ بُتھی لاگے، تس گژھہ تیتھے بُتراسُن۔ نتہٕ باسہٕ دوہ
کڈُن کوہ کڈُن۔ کتھ گیم یمہِ کھنٛجہِ اگا د زورٕ اونم پانس ٹوٹ۔ مےٚ اوس

ییٚتہٕ وُچھن ۔ یہ چھُسا بُتھ دِیُن لایق کِنہٕ نہٕ؟ اَنہٕ پھوٚرُم وُچھن پتہٕ مَتہٕ
پٕژھی تو پانس سَتۍ کوتاہ دزٕ ڈوگ پیوٚم ۔۔ کمہٕ نار پیم ژالنۍ ۔ کُمہٕ کَڈ جار پیم
سرٕنی ۔ حبس اڈٕ مور گٕرِتھ چھُم اکھا اکھ ژُیہہ گُذارُن پیوان ۔

بُتھن سُنِتھ چھےٚ یاتہٕ پانس زورٕ بڑیڈی ترٛاوٕنی نتہٕ پریشانی تہٕ
پراکندی یورے آلو دِتھ سارِے ودل اَنۍ ۔ گرٕ نیرِ بُتھہِ پیٚیہ بُتھی پھشل دوہ نیرِ
پٕنڈی نہٕ پیٚیہ کُنہِ اتھ وتھہ نہٕ لگِہ کُنہِ انڈ یوٚر ۔ ووٕنی اگر بلکل تِھس بُتھِس ستۍ
بُتھی لاگے گرِٕشہہ اڈٕ متہٕ پٕژھی تو...... دوہکۍ ژور پہر چھِ اُچھ پھاٹہٕ
وِتھ نیران ۔ وتہٕ وتہِ چھِ باکہٕ ژھٹہٕ وٕنی بُتھی دریٹھی گرٕشھان ۔ پٕرتھ
طرفہٕ ژلہٕ لار، ٹاسہٕ رائے تہٕ کربکہٕ ناد...... صرف زیوٚن پٹھ ہُتہٕ موٚدی زٕییتہٕ
موٚدی ترٛے، ہورٕ دپان درجن واد زخمی، وتہٕ رتہٕ سُری، زٕنڈٕ وجوٚد خوٗن ہاران
ہاران تہٕ ژھرٕ ژھرٕ ٹھ کران ۔ پٕرتھ کانہہ بُتھہِ بُتھہِ دِوان تہٕ اوٗش
ہاران ۔ اتِہ تہٕ کتۍ بُتھی یمن زن تمنٕ کٹرلو گمت ، ووشلان ، یہنز خوٚنی اُچھ
زنتہٕ باوان، دُنہِ چھکھ رتہٕ پوٚچھِ ، رامہٕ ہوٚنی سندی پاٹھی بٕشہہ مشُرِتھ
شکارس پیاران ۔ وُنۍ تو کاتۍ ہن بُتھن وُٹو اُچھ ۔ کاتِس دِموکنہٕ ڈول ۔"

تم تہِ چھم بُتھی دُچھی متۍ یم وتن چھِ اسناوان، ویرٕ وارن تہٕ سبز
زارن وو لسنس انان ۔ رِگلی ٹو رین جیرٕ تُلتھ جامہٕ ژٹناوان ۔ کولن تہٕ

آرن ہٕنٛدِس گرٛزس سہٕ سوزٕ بخشان ییتھ منٛز زنٛدٕ روزنٕکۍ راز گُپتھ چھ باسان ۔ خوفتہٕ پیمتین تہٕ مُمنٛیامتین خابن تہٕ ارمانن جوشہِ أنتھ تتھ ووٛنٛدس شہلتھ تہٕ فرحت بخشان ییتھ ووٛنٛدس ووکھہٕ تہٕ وأنا کھ بُتھو أنٛدری ززُر چھ آسان ژوٗنمت ۔ ییلہِ ڈ یکہٕ پھولہٕ وُن تہٕ نوٗرٕ بۄ رُت بُتھ چھ بُتھہِ پیوان ، اکی نظرِ چھِ تم منزل بد نیران یمن وأنسن ہٕنٛزٕ وأنسہٕ چھےٚ ژھارنس لگان ۔ سہٕ ترٛپِش چھ پنہٕ پنہٕ گرٛشھان ییمۍ کاژ چھُ آسان کوٚ رمُت ۔ مأری موٚنٛد بُتھ وزٕیِیٹھی تہٕ تھ چھُ دل بڑمان ۔ تھلہِ تھلہِ وُچھتھ تہٕ نہٕ تسلی یِوان ۔ تُمِس تخلیق کارٕ ہِنٛدی نغمہٕ چھِ بے فُرصت زیوٚ پیٹھ یِتھ تم گون گیوٚ ناوان ییتھ منٛز تُمۍ سُنٛد بجر ، تھزر تہٕ عظمتھ چھےٚ ٹاکارٕ آسان ۔ داد دِوان دِوان نہٕ زیوٚ تھکان ۔ امہِ تخلیقہِ ہُنٛد شوٗبہِ دار تہٕ لوٗبہٕ وُن گرُت چھُ دل مُہتھ نِوان ۔ تمۍ ہِنٛدِس بجرس دأیر اوان ۔ تمہٕ حال سران یِیتہِ گاشری مُنار پرٛزرس پرٛدٕ تلِتھ سأرۍ سے گیٚنٛی چھُ کڈان ۔ تِتِھس نوٗرٕ ساٗوی بُتھِس چھےٚ بادأمۍ چشمہٕ تہٕ پھولہٕ وُن ڈ یکہٕ زیٛادٕ ے بجرس ہُر برٕ تہٕ نظرن اثر بخشان ۔ لیس تہِ نظر ترٛاون تُمۍ ہِنٛدِس أنٛدروٗنس تہٕ بیرونس تہٕ ژھٹناوان گاہ تہٕ انہٕ گٹہٕ کھوتین گاشراوان تمہِ انداز یِیتہِ تسلی تہٕ سکوٗن گرٛایہِ آسہِ ماران ۔ پیٚرٛھہ تہٕ پرٛھہ ہٕنٛدِس ناگرادس لگہِ وُزنی تہٕ تشنہٕ لبن لگہِ سیری ...... سوسیری

ییتہٕ یاونس ژھوہ مارنکی درس آسن تہٕ زندگی منز ژٕ مِتس تہٕ باگہِ آمتس برکت منگن ہیچھناوِ ۔ ...... ہوٚت نظر دیاٗ وتھ دِلس ژھینہٕ ون ثناء پرنک ۔ یہِ ماٗرژ موٗنذ بتھ چھُ اکی نظرِ بُتھی پھر بن مدٕ والان، بُتھی رستبن ٹلہٕ کتر عمارٔژ ہنٛدی پاٗٹھی وبگلاوان ۔ بُتھی ہُنبن تہٕ بُتھی لاگے کرن والبن تکبرٕ چ کھے کاسان تہٕ سہ آکار بخشان ییتہِ سُے بتھ اسہٕ دُن پھولہٕ وُن تہٕ ماٗرژ منز رٕستی مالامال سپدان چھُ ۔ تتھی بتھس پتہٕ بُتھِ بتھ وُچھتھ نہٕ ژٕ ہنٛز بُتھِ پہوان باکل بُتھبن اسہٕ ناوان تہٕ پھشل بُتھبن زانٛڈ کاسن وول نوٗرٕ بوٚ رُت بتھ چھُ تمنٛزٕ بُتھبن بتھِ پیٹھہٕ روسیاٗہی ہنٛدی داغ چھلتھ بتھ پژٕنی راوان ۔ یتہِ نِے بُتھبن اتھہِ پتہٕ بتھی کھیٚنٛڈ کڈن والبن بُتھی کھکھرِ پکناوان تہٕ بتھ لدِتھ ونان "امہِ منزٕ کیا نیر بو ...... پانس شوتہٕ پرژٕناوِ وینٛز ذاتھ تہٕ تژٕاوِ وُبتھ ہاوُن تہٕ بتھِ لگُن ...... اِدلکوٗ نہٕ کانٛہہ بتھِ ...... نتہٕ گرِھہ پژٕتھ کانٛہہ مجبور تہٕ ٹلہِ بتھِ پیٹھ تتہِ کوسہٕ بتھاٗرژ لکوٗ بکار ...... اگر تھی کھیٚنٛڈ تہٕ آسو کڈٕ مِتو تہٕ دیاوِ وسر عام بتھِ بتھِ ...... پتہٕ لوٗ ونہٕ کھیٚنٛڈ ہارتہِ ۔ توہہِ وُچھاٗنہٕ ژکراون بتھ تہٕ قبرٕ چ نظر تژٕاوتھ روٗ زونہٕ کانٛہہ بتھ دنٕی لایق ...... ☆☆☆

# نٚنٛکس نٮٚنٛڈٕ رپٕرٛنٛکس پٮٹھ

پرٕانٮن ہُنٛد دوٚپ چھُ ''نٚنٛکس نٮٚنٛڈٕ رپٕرٛنٛکس پٮٹھ'' خبر یہِ ڈیپٹت کیاز
مےٚ پانس ویہِ وُن تہٕ ٹوٹھ باسان۔ ذہنس منٛز یہِ اچھرٕ ملہٕ ون یِوأنی کیاز
چھُم سکون یِوان تہٕ ووٚنڈٕ شہلان۔ سأری ہے وجوٗدس لوٗزرٕ لگتھ چھُم بوٚس
ژھاٗنژھنان۔ گوٚبیاٗمتیٚ اُچھ ٹاٗری زنتہٕ کوٚہہٕ تلہٕ نیٚرتھ یِوچھہِ ہٕرن نظرن
کاڈتہٕ وُسعت گلہِ میٹھ دِوان۔ دوٗردوٗرتام رنٛگہٕ رنٛگہٕ نظارن ویٚو رتلناوِتھ
ووٚنڈس فرحت آمیتن تھاوان۔ باگہِ بٔرتی سرحد چھُم مٹہٕ مٹہِ دِتھ بزٕونہہ
پکنس آسے تہٕ پاے کانچھان۔ کلنجٕبی آوِڈٕ متس وقس منٛز تہٕ چھےٚ صحراون

پھُلیٖ پھُلےٚ نظرٕ سران۔ زنتہٕ گُلن ہنٛز خوشبوے ذہنکہٕ اَنہٕ خانہٕ مُشکاوان تہٕ ناپہٕ ناوان چھِہ۔ خابن تہٕ خیالن تمہِ آیہٕ پوچھر بخشان یتھ منٛز ابدی سکوٗن ژھینتھ تہِ کیاہتام ژھارنچ کل گنٛز راوان ۔ یمیٚک پۆت منظر تہٕ لوٗب لُباب اَنٛدری منٛز چھُ ٹُلان تہٕ سوٗرے امہِ کس ہرترس منٛز غوطہٕ ماران باسان۔ اکھ اکھ غوط چھےٚ اکھ اکھ عالم سرٕ ناوان۔ اتھ سرٕ کھرٕ کرنچہِ عملہِ منٛز چھُ گُنہِ ہوش راوان تہٕ گُنہِ ذہنہٕ کنٛن پۆت ونن ژھونٛڈ دِیاوان۔ گاہے ووٚنٛدٕ ودٕلستھ بِوان تہٕ پتھ ونہٕ چن وِگنٛن ہنٛدِ ونہٕ ونٛک سہٕ مُنٛیوٗٹھ تہٕ موٚ دُرسوز کنٛن گرٛھان۔ یتھ منٛز زنٛدٕ روزٕنکہٕ نغمہٕ تہٕ دویمہِ عالمکہِ خوشبوٗ تہٕ پوشہٕ وٕنی نقشہِ اَچھن ڈیشمان ژھالہٕ ماران چھِہ باسان۔

اتھ کُس کرِ اِنکار زِ روبن تھٕر آدم۔ اشرف المخلوقات ناو دِتھ تھووٗن سارِنے سرس۔ یہِ سرداٗری بجاانہٕ موجب تھاوِنس وتہٕ موین۔ یمن وتن پکِتھ سہٕ پزِی پاٗٹھی سہٕ شرف ہیکہِ حاٗصل کرِتھ یتھ منٛز تم ساٗری گون تہٕ اوصاف ٹاکارٕ باسن یم اتھ القابس شوٗبن۔ یہِ چھنہٕ گفہٕ کتھا۔ امہِ القابچ قدٕر، بجرتہٕ عظمت چھِہ تمِنے پٔنن بہارتہٕ جہار چھاوٕ ناوان یم تتھ قاٗعدس تہٕ قاٗلبس منٛز روٗزِتھ دوہ دبن گذارن یتھ ورگہٕ پاٗٹھی ضاٗبطہ حیات تہٕ ہکوٗنتھ ۔ اتھ طریقہ کارس ورتاوٕتھ یا ورتاوس تل اَنِتھ چھُ انسان سہٕ

مقام تہٕ منزل پرٛاوتھ ہبکان یتھ منز سوچیاتی ییس باگہِ یتھ منز ابدِ پٹکی گون تہٕ حُسنہٕ متعلقکی پرتو رنگہِ رنگہٕ حاطہٕ گرتھ آسن۔ اتھ حالس منز گژھہ منُش ثابت قدم روزُن، نتہٕ باسہِ تس پٔنن وجوٗد تتھ دٔریاوس منز گاہے وٗتلان تہٕ گاہے بوڈان یتھ نہٕ کُنہِ بوٗٹھ نہٕ کُنہِ ووٚنت چھُ۔ قدمس قدمس پیٹھ سہٕ نُسخہٕ آزماوُن تہٕ پتہٕ ورتاوُن ییمہٕ کِس لوٗب لُبابس ویوٚرتلِتھ نظرن ٹھوٗرژلہِ تہٕ رُمس رُمس منز نُسخگ ہرترشرٛ ؤ پراوتھ دوہ دبن گذار۔ اکھاکھ دا ٔیرو ومُت طور وطریقہٕ آزماوِتھ انہِ ورتاوس۔ زانہہ تہٕ ییس نہٕ کُنہِ رنگہٕ پارٕ۔ سارِنے سرس روٗزتھ ژھٹہٕ تُم کی سُند وجوٗد نافہٕ تہٕ مُشکاوِ زرس زرس۔ ڈٔہلی خابن لتھ دِنی تہٕ پزرس گوڈبُرن بنہٕ تس کار۔ سہٕ کاریُس منزِلس واتنگ وٗسیلہٕ بنبس تہٕ یتھ منز سِر ہاگِتھ تہٕ تہٕ ٹاکارٕ تہٕ آسن۔ ییمہٕ بدِ کڈِتھ لبہٕ زندگی ہُند اصلی تصوٗر۔ یتھ منز پزٕرکی پرتوتہٕ حقیقتکی رنگ درٛیٹھی گژھن۔ نتہٕ اگر کھورڈُلس سارِے لگبس پھیش تہٕ وا ٔنسن روزِتوہس دوگ دِوان ییتہٕ پریشانی یوتہٕ پراگندی یو بغار رٔکھیں گژھبس نہٕ حاصل۔

یہٕ سوٗرتہٕ یہٕ دُچھ، یہٕ آزموویا یہٕ ورتووتتہٕ پہ پلہٕ صرف یہٕ زٔ تسلی دِنہٕ وول چھُ سہٕ پانہٕ۔ لیس دیُتن سہٕ گوٗ مالامال۔ لیس نہٕ پوٚژن سہٕ گُھنزِ تن کھوٗنہٕ وٹہٕ کھوڈ"..........لیس کھیتہٕ کھےلوٗگ تس روزِ بوٗچھِ ہُنز تمہ

ہر ہمیشہ ووتل بُجہِ کرناوان۔ تہٕ کأٹھس کھأئتھ طمع دُنیاہہٕ کِنہ سرابن منٛز گیر
گٔرِتھ اکہِ اَنٛدہٕ انان تہٕ بیٚیس اَنٛدس لاگان۔ حأصل ییس کولہِ کانٛگرِ تہٕ چھلہٕ
چھانٛگر۔ گاہے سیکہِ صحراون زول دِیاوِتھ گرٕ ددوٗنہٕ ناوان تہٕ ترٛیشہِ ترٛیشہِ
کرنأوتھ زبو پھاٹہِ وِتھ کڈان۔ نظرن صرف شیطان ترٛیش دڑ ییٚنٛٹھی یِتھ
بڑو ہمراوان تہٕ سفر کڈٕی کڈٕی تہٕ سفر بأیتی روزان۔ پٔدی راہ دگ ٹلان تہٕ
اَنٛگ اَنٛگ گوبان۔ نہٕ پتھ تہٕ نہٕ بڑونہہ کینٛہہ بوزنہٕ یِوان۔ صرف گردوٗنل
پٕتھ اَنٛدہٕ زال وٕہرأوِتھ تہٕ پٔتن وجوٗدأتھی منٛز کاژ گٔرِتھ قأدوٗ چھان۔......
پراگنٛدہٕ وجوٗدس صرف بے قرأری ہُنٛد پٕرٛ کِژ اگادِ گٔرِتھ وأنسن آب
منٛد ناوان۔ تِکیاز تِمی سُنٛد مدعاتہٕ مقصد چھُ صرف تہٕ صرف زِنٛدہٕ روزُن کھۄنہٕ
خأطرٕ۔ اتھ عملہِ منٛز چھُ تِمس کھۄتھ "فاقے" حأصل گژھان۔ ضابطس تہٕ
حد بندی نبر روٗزِتھ پٕتھ اَنٛدہٕ ادلہِ بدل گٔرِتھ زورٕ پانس ودلِ انان تہٕ نہٕ
اوٗرک تہٕ نہٕ یوٗرک روزان۔ لمان رادس تہٕ زیٹھان چھُس ہوٗنز، لمان
ہوٗنزس تہٕ زیٹھان راد۔ نہٕ اسمانس واتان نہٕ تہٕ نہٕ زمینس زنٛگہ اتھ حالس
منٛز آچھہِ گٔژِھتھ کرٛیشان تہٕ پشیمأنی ہنٛدِس گھٕلس وِنس منٛز راتہٕ موغلہِ
ہنٛدی پأٹھی گاشس کھوٗژِتھ کلہٕ پکھن منٛز رٹان۔ آسمانہٕ ہیتھ زمینس پیٹھ
دب لٔگِتھ دکن تہٕ دڑسین لگان۔ بے صبری ہنٛدِس جوٗنس منٛز ہیٚنہٕ یتھ نہٕ گُنہِ

ووٚ نُن تہٕ نہٕ کُنہِ پٮ۪ٹھٕ اتھہِ یوان ۔ ہوا محل تعمیر کرٕنکی خاب ذہنس منز ووتلتھ آلودگی ہٕنٛدس دلدلس منز ہٮ۪نہٕ ہٮ۪تھ پانس لِتھہٕ کھوکھر کران۔

صرف تہٕ صرف چھُ دنیاوی رنگن اصل رنگ زانتھ تیمی عالمہٕ پانس ٹھوٗنڈ کرِتھ پکھٕک خیال مُشراوان ۔ بےٚ ایمانی، فنڈ بازی، ریاکاری تہٕ دوکھہٕ دِہی ہُنٛد کسب پنہٕ نٮ۪بر اتھو ورتاوِتھ پنہٕ وول دوہ مسخ کران۔ زانتھ مانتھ چھُ ہوٚدِ ہُربن تہٕ واٚنکنہِ وژنن پٮ۪ٹھن منزِل زانتھ پریشانی ین تہٕ پراکندِ ین یورٕ آلودِوان۔ دُنیاوی مان مانٛز تہٕ وقتہٕ کٮ۪ن رنگن منز پان رنگہٕ ناوٕنکی خاب وُچھی وُچھی زورٕ پانس بےٚ رنگ تہٕ بےٚ ڈنگ بناوان۔ أتھی شکلہِ بدس سہٕ ناو دِوان۔ یتھ منزٕ تس مقامہٕ رٚوس بجرتہٕ منٛزِلہٕ رٚوس عظمتھ چھےٚ یوان نظرِ۔ یہِ شیطان ترٕلیش چھےٚ أمس بُرٕ مراوِتھ ڈالان تہٕ بزم راہ چوک ہُنتھ چھلہٕ چھانگر کران۔ اتھ حالِ بدس منز گیر گرٕھتھ چھ أمس پنٕنی اصلیت تام مُشتھ گرٕھان۔ اتھ کُس کرِ اِنکار۔ یس پنٕنی اصلیت مُش تس رووسورٕے۔ اتھہٕ مسوٚن تہٕ نبتھہٕ نوٚن گرٕھتھ چھُ عام نظرن منز گران۔ ژھوکان تہٕ کرٕ بٹان۔ تِکیازِ پوٚت کالس منز چھُ سورٕے گُپتھ، یتھ سام ہٮ۪نتھ از کالچ منٛد ورتمہِ آیہِ پیہ ییر نہٕ یتھ منز بزٕ ونہہ کالکی خاب تہٕ خیال منزل بدکٕڈنس اتھہٕ زٕوٹ ہکبن گرِتھ۔ نتہٕ اگر پوٚت کال از

کالن مُشر ووتہٕ یِنہٕ وول کال چھا کھینٛز گژھتھ اُچھن پچہٕ پھیُر کران۔ تس چھےٚ مان مائز ستی ہاو باو پرٛکتھ ٹھُپس منٛز آچھ کران۔ سہٕ چھُ اتھ خام خیاٚلی ہنٛدِس ژٕکی گو بجرس تہٕ تھزرس کُن لمان۔ یُوٚت تھدان تیوٚت چھُ اُمی ہنٛدس وجودس شششر لگِتھ تھامہٕ کران تہٕ تموُنعمژ ونشہٕ اتھہٕ چھلہٕ ناوان یموٚ ستی اُمی سنٛز پرٛزنتھ نٛز نیرِ ہے۔ بامے تمہٕ اخلاقی قدرٕ، انسان دوستی، سماجی بندن یا انسائی قدرن ہُنٛد ہرتر آسہِ یا بیٚیہٕ کانٛہہ صفت یِیمہِ چہٕ اُڈرنہٕ ستی انسان اشرف المخلوقات ونس لایق چھُ بنان۔ یمہٕ صفت رأوِتھ کیا چھُ پلہٕ پیوان تمیٚک اندازٕ ہیکہٕ عام فہم انسان آسائی سان کٔرِتھ۔ یوٚ دوے وقتی طور تِمس پٔتن پان خبر کیا باسِتھ یِنہٕ وول منٛزِل راوان چھُ پوٚز گمراہی تہٕ نافرمانی ہُنٛد زال چھُ اُمی سُنٛد انگ آڈٕ ٹاوان تہٕ امہِ نبر چھٕنہٕ اُمس رٕکھیں تہٕ نظرِ یِوان۔ وزوِ ژھرٛ تہٕ ژھرٛٹھ کٔرِتھ بے تسلی رامہٕ ہوٚنی ہنٛدی پاٚٹھی پنجہِ وایان۔ تہٕ اورٕ یور تھپہٕ دِوان۔ یہٕ زانہٕ ورأیی زحق تہٕ ناحق کیا چھُ۔ اتھ حالس منٛز پرٛ گژھتھ چھُ خیاٚلی محل تعمیر کرہٕنکی خاب وُچھتھ پراکندی تہٕ ذہنی انتشارُک شکار بنان۔ کاش اتھ حالِ بدس منٛز آچھہِ گاٚمتس وجودس لگہِ ہنا ٹھہراو تہٕ اِدٕ ہیکہِ کاڈِبن کاٚم ہیتھ، لاگہِ نفعس تہٕ نوقصانس پزٕ دِلہٕ تہٕ شودمنہٕ حساب۔ کیا کوٚرُم تہٕ کیا پیوم پلہٕ، ذہن ڈنٛجہٕ یِتھ گژھہِ یہٕ مانس

مجبوٗر، ''منگس کمہٕ ہیٚے برکت۔ یتھ منٛز ذہنی سکون تہٕ تسکینِ قلب آسہٕ۔ یتھ منٛز
زٕنٛدٕ روزٕنکۍ گوٗن تہٕ تسلی تہٕ تشفی دزٕ بیٚنٹھی گژھہ۔ متوکلِ ہٕنتھ لمہٕ تتھ رزیہٕ
زاٗنتھ، ''یِی مےٚ لیٛوٗکھنم لوحِ محفوظس تی روزٕ نکھہٕ والان۔'' پانے گژھن
بے صبری ہٕنٛدی جامہٕ پنہٕ پنہٕ۔ وتہٕ گژھن معین۔ زٕنٛدٕ روزٕنکۍ تم گوٗن نیرن
بدٕیمن منٛز پزٕرچہٕ زٕ ژٕ تہٕ حقیقتکۍ موٕللی خاب ہٕنٛدری جہار بخشن۔ ہٕ چھن ژلہٕ
شاپھ تہٕ تم سرحدٕ ہٕن نظرِ یم ژھاران ہٕدی تہٕ پاد چھِ پھلان۔ تمہٕ
رزِ پکہٕ یتھ رضہٕ ہیچ ہینٛگ تہٕ پزٕ ھہ ہُنٛد وٗنن تہٕ توکلچ کاٗرگری آسہٕ۔ یتھ پزٕ
دِلہٕ تھھ گرِتھ پکن وول صبرُک تہٕ شُکرانک زادِ راہ ستی تلِتھ روان دوان تہٕ
مقام پزٕ اوان روزِ۔ تس پیہِ بول بجا تہٕ اسہٕ وٕنہٕ ہونٛجہ روزِیہٕ زاٗنتھ شُکرانہٕ
کران زٕمۍ ہنٛدِس دادس چھِ داد دِنہٕ وول کن تھاٗوِتھ اجابت بخشان۔ یوٗ دوے
اتھ سفرس منٛز گُنہِ شیطان تہٕ لیش بزٕ مراٗونی چھےٚ ھوان یوٗ زاعتمادٕ چ تہٕ توکلچ
سپر چھےٚ امہٕ وِزِ اتھہٕ روٗٹ کران۔ تہٕ تمن وسواسن تہٕ اندیشن لتہٕ مونٛجہ گرِتھ
بزٕ وُنہہ پکنچ کل گٔژ راوان۔ اٗتھی حالس منٛز چھِ یوان ہٕنٛدرِم ارمان وٕتلِتھ تہٕ
تمن پوشہِ وٕنین نغمن زاٗین دِوان۔ پزٕرِک تہٕ حقیقتکۍ پرتو چھِ جہار لبان۔ سہٕ
پوشہِ وُن تہٕ خوشوٗن تصورٕ چھُ تھنہٕ پیوان یُس گٹہٕ ژٕلی آوٕٹی مِتس وجوٗدس
تمہِ وُنلہِ منٛز کڈٕ۔ پزٕرُک تہٕ توکلُک ژوٗنگ زاٗلِتھ تمن وتن گاٗشرٕ اوان یمن

وتن خام تہٕ ابن الوقتو پننہِ خام خیأٚلی ہندی ٹھٔری چھ آسان تھأوِتھ متیٚ ۔ نفس مأرِتھ چھُ أنٛدرِم سرٕ دوجدس ییتھ تمن نغمن مُدرِ تہٕ میٹھ لےٚ بخشان ییمہِ ستیٚ خوفتہٕ احساس مرٕ نٛدرٕ زٔلتھ ہوش ڈنٛجہِ چھُ ہیوان ۔ رسی جرلیہِ مژتمہِ آیہِ آلو دِوان ییمہِ ستیٚ پراکنٛدٕ ذہن تہٕ کھیتہٕ کھےٚ گٔرِتھ تہٕ فاقیٚ احساس زُوٗن چھُ ہوان تہٕ وٕٹسی گاشتمن ہاوِن تہٕ ارمانن بارٕ بٔلہٕ أنتھ نظرن وُسجارتہٕ ووٗنٛدس فرحت بخشان ۔ ناوٕمیدی تہٕ ہُپر ہاتنٛ چھےٚ ژھٹھ آسان کٔڈٕمژ ییتھ مژ بےٚ صبری انگہٕ ڈٔلِتھ نظرن پچہِ پھیُر چھُ آسان کوٚرمُت ۔ فنٛدن فریبن تہٕ دگل دوٗزی ہنٛدِس سأُلابس مژ گیر گٔرِتھ چھُن راتُک آرام تہٕ دوہُک سکوٗن اتھہٕ مُہتھ آسان نیوٗمُت ۔ نوٚو احساس زُوتھ چھُ نوٚوُے عالم نظرٕ سران تہٕ پانہٕ سیٚے ستیٚ گنٛگراونس مجبوٗر گژھان۔

بصارتھ دِم مےٚ ییتھ روز کھأ چھن تل
منگُن کیٚت چھُم ییُتےٚ کاسُم مےٚ گانٛگل
ژٕ چھکھُ پردن اندر أستھ تہٕ روشن
برٕمن زٕنٛگکی مےٚ گٔرمژ جادٕی ہانٛگل

(م ل س)



# وٚزِن

آدم چھُ فطرتاً مجبور ییمہٕ کنِہ سُہ زندگی ہِندِ بن پیچ وتابن پننہِ ترٚ کرِ توٚلتھ تہٕ موچھہِ میٚنتھ چھُ اوہُر کڑان ۔ بامے خوش یُوٚن خاب اُسن یا پرٕ گوٗمُت شر...... پزٕ بزلہٕ وٕنی حقیقت اُسن یا وٕٹسی گاٚمتی ہاوس...... ییٚمن لوٚلہِ للہٕ وتھ تہٕ کنہٕ اُس تھوٚپ دِوان دِوان پننہٕ نٔنن ٹاٹھن امارن ہٕنزٕ رتہٕ چھچھ دِنی تہٕ نہٕ گال زانان ۔ پوٚز وٚزِن گژھس یِن ...... تِکیاز وٚزِن چھُ تمہِ وٲنا کھوتہِ ہُنٛدس سٕہ کھری دار موڈییتہِ کوچہِ پھیرِ گژھنگ تلواس وٲنجہِ نیز چھُ سٕنٛز راوان تہٕ کنہِ پدبن رکِنو نشہِ مچھہِ تھاوان تہٕ کنہِ نظرن ہُنٛد میٚل گژھاٲنی

ڈلہٕ ژھنان۔

وُزن ...... تابناک وتہٕ گٹہٕ زلیٖگ زال لاٛیتھ گاگرن تہٕ مژر
کنڈبن ہُنڈ اَنتھہٕ روٗس وتھراوکرِتھ کمن پوشہٕ پدبن رتہٕ ئری نوان کرِتھ۔
لولہٕ مژرن اَچھہٕ گرٕ ہتی نوزُک تہٕ نرم بدنن ڈُلنہٕ دیاوِتھ پننہٕ غمن سوناہرک
خابن زخمن کرٕ اُلی ٹلناوِتھ دُچھہٕ وٕنی تھاوان۔ زنتہٕ آنپہٕ منگان نتہٕ تاٛنی خیالن
مرہم کرنک خاٛراتھ...... گاہے مدٕ ماٛتی امارن ہنٛدی رنبہٕ وٕنی پیکر وٕستھ
پھوان تہٕ لرِ پتھ آرِ برژو چشمواچھہٕ رٛوٹ کرنک سوال دوان۔ تہٕ گاہے سم
سوٗ ترٛ گرتھ نوبن خابن طرح دِتھ نظرن گنڈ تہٕ ٹھری ژٹان ...... نظرن پلو تہٕ
باڑو باگہٕ اَنتھ نوبن سرحدن بدٕ کدٕ نچ کل گنٛی راوان ...... وون اگر وُزن
آسبس تیلہِ ترٛاوِ گولابکی پاٛٹھی پننہٕ وچھ داٛریلہٕ تہٕ کرِہےٚ پھرٕ وک اَنٛدی
رٹنن ہنز باوتھ...... سو باوتھ یتھ منزٕ نہٕ کانٛہہ کھوچر یا گچھر آسہٕ۔ سوٗرے آسہٕ
ٹاکارٕ۔ وچھس منزٕ ہتھ تہٕ شروٚ کتھ منہٕ سوٗ درس لگہٕ ناگہٕ رادس زایُن تہٕ
جوٗیہٕ گرٛھن جاٛری ...... وولسنس ییہٕ سوٗرے۔ تمن نغمن لگہٕ شہہ تہٕ کولہٕ
رادن انہٕ جوشہٕ ییمہٕ گنہٕ پلن تہٕ وٹسی گاشتن نِلہٕ وٹن بُتھ نہتھ تہٕ موکھ پہٕ نی
راٛوِتھ وشلنک زال ژٹہٕ۔ تمہٕ آیہٕ ترٛاوِ وییتہٕ پننہٕ نوٚ لولہٕ نغموٚ ستی بے قرارس
قرارٕ چ مُستی گُلہٕ میٹھہٕ دِتھ پدبن آنچ تراوتھ کرِ۔ سو تراوتھ یتھ منز سکون تہٕ

قرار یژھ تہٕ پژھ ناژپان آسہِ ۔ دِلاسہٕ دتھانہٕ ہوشہِ انگس انگس تہٕ بخشہِ آشن

زُون پاے ۔ خیالن تہٕ خابن ہنٛدِس عالمس دأ یراونٛچ ژینہٕ ون دِوان ووتلاو

تتھ اضطرابس ۔ یتھ منٛز آنٛتھہٕ رٔسی رمبہٕ وِنٛی تہٕ لۆبہٕ وِنٛی ارمان دم پھُٹے آسن ۔

یمہٕ أنٛدری شٕتھیارن ہنٛدرأ وی ٔمتۍ تہٕ ژٕ دمرأ وتھ تھأ وی ٔمتۍ چھِ ...... تمے کلہٕ

کڈان تہٕ وِزنکہِ زالہٕ منٛز نیرنٛچ وتھ ژھاران ظونہٕ کس ونٛس ژھونڈ

دِیا وان تہٕ بے وایہِ ووٹھ ژھانٛٹھ کرِتھ تھامہِ گأمتِس سۆ درس جوشہِ انان ۔

پزتھ لنٛڈ تہٕ پزتھ رنگہٕ تمن أنہٕ خانن کھۓ تُلتھ مأری مۆنٛد آ کاربخشان ییتہٕ

سورُ ے نظرن تل یتھ دِل بزمان چھُ ۔ سونٛچہِ سرس چھ ملر ووتھان تہٕ ژبتہٕ وۆتُر

چھُ پتٔ مس ستٔ مس داتھرِس ژۆتس پیٹھ ترأ وتھ ژأ رہوان کرُن ۔ اکھ

اکھ أنٛدی رۆٹ دونٛژھران دونٛژھران ہتہٕ بُدی خاب تہٕ خیال ووتلتھ گیرِس

منٛز انان ۔ أ کس أ کس ژٕہس تہٕ بزِنٛدِس پتہٕ اکھ اکھ یادژُوان تہٕ اکھ اکھ

قیامتھ گژھان ۔ اتی لوٕلکی پرتو دژ ییٛٹھی یِوان تہٕ اتی برٕ گأمتۍ شرُوترِ بنٛیل

ٹُلان تہٕ اتی اڑِ مأری ارمان کرژ یچھرِ کس نارِ الاوس منٛز ژھرٕ ٹہٕ ژھر ٹھ

کران ۔ یادِ وٕ ترِس چھُ کھولُو ووتھان ...... وِہ تہٕ بزأ نتۍ چھِ جیرِ ٹُلان تہٕ

ظوون چھُ راوُن ہوان ییلہِ تمن داغن تہٕ ترا گن موخ زلنہٕ چھُ یِوان، ییتہٕ

خۆنے خۆن چھُ پزبڈان باسان تہٕ رُمس رُمس چھے دگ تیلنٕی ہوان تہٕ انگ

انگ چھُ نٹان باسان۔

وُزِن ......گاہے وُزِن دار......شوبہٕ وُن تہٕ لوٗبہٕ وُن تصوُر دِنہٕ وول سہ گاش یُس گٹہٕ ژُلس لُر پار کرِتھ وتن کھُر کڈِ، یِیتہٕ انہٕ ہٕمن پنٕدرکتن تہٕ اتھہٕ چھونبن ہِن ہلم برنہٕ، یُوچھہٕ ہتبن پیہ سیری تہٕ نبتھہٕ ننن گرِ ھہ وُولت۔ پانے نیر نظرن ورتہٕ سأری ہیے ننبر گرِتھ لگہٕ تتھ کشمکشہٕ وُبُدر یُوسہ رٕہتھ تہٕ شرٕ ورکتھ اُس اَندری گلان۔ یِیمیک جوش خابن ہنٕدِس عالمس وُرُن تُلہٕ یِیتہٕ لولہٕ وأل پننہٕ پننہٕ پھُٹجہٕ گنڈمُژرنس مجبور گرِھن ...... لولک غم ٹوٹھ تھون والبن پیہ نوٗ ویاوُن یتھ منٕز تم پوشہٕ وِنٕ تہٕ رمبہٕ وِنٕ خاب تہٕ خیال ودٕتلن یمن اَندری کاژاوس گومت۔ تتھ اضطرابہ چہ زندگی ہنٕدِس دامنس جرن سہ کلابوت یُس ہر وِز پھولان تہٕ شولہٕ ماران روز۔ تتھ لولہٕ سوٗ درس کھالہٕ کُنی گرٕ کھ تہٕ کرناوس ببگہٕ ...... یُس سوتھبن ترٕاگ کرِتھ اَندری سینہٕ کوٗرتہٕ تتھ جو یہ بخشہٕ اضطرابک جنون......یِیمہٕ کہٕ گرٕزِتہٕ وزنہٕ ستی واوٕ رنگہٕ بے شونکھی پاٹھی خوفتہٕ گُلبن کتبن ہنٕد بن پننہٕ وتھرن تہٕ لگن لُنجن ہنٕز سوٕ گنگراے وُزناو۔ یتھ منٕز تمہٕ نغمہٕ ہِن بارسس یمن منٕز مایہ بوٗ رُت لولہٕ وِوٕ ہارتمہٕ آیہ ژھالہٕ مار......یِیمہٕ ستی کأنسہٕ تہٕ نازلہٕ بالہٕ رکنٕ ژلہٕ تہٕ دہانہٕ دیاوبس زمینس ...... سُتہٕ تیلہٕ یِیلہٕ آلون ہنٕدِس پھٔری پھہس وُزِن آسہٕ

......وۄں اگر وٚزِن اوٚسُس نہٕ تیٖلہِ چھےٚ پنٛنہِ پاٚڈٕ مسیٖح ہانٛکل بناٛوِتھ پانس سممن ، ڈُلامبن تہٕ پشلبن پلن پٮ۪تھ گُن ترٛاوِتھ تراگ دارن تہٕ خمدارن گٔنڈِتھ تھاوان تہٕ روزان مُدٔ ے گٔنڈِتھ کیٛاہتام ژھاران زن۔ننتہٕ تاٛنۍ ......

وٚزِن ......تارکن مارٕک گٔرِتھ کُنہِ ہوٚہس منٛز نژان، کُنہِ زٔرِبن واش کڈٛانۍ پنٛنِ غُلام بناوان تہٕ کُنہِ زمینس پادآلوان آلوان ژھوہ مارٕنۍ خاب وُچھان۔وٚزِنکس راکٹس پٮ۪ٹھ حُبابن ہنٛدی اڑ مارٕ تہٕ چھورٕ چھورٕ کرٕونۍ احساس تیٖلہِ بدلہٕ زاٛلِتھ شُنبس لول بران۔گاہے جنونس پان پُشران تہٕ گاہے مستی گٔلی آلہِ وان ......وٚزِنس آویزٕ روٗزِتھ پوٚت ونہٕ کٔمن لوٚہتمن خابن جوشہِ اٛنتھ پنٛنِ دوٗرِم منزل پادن میٹھی دِیاونۍ خاب وونان۔گاہے زول دوان کیٛاہتام ژھاران تہٕ کتھ تام گاران ......کُنہِ وُنی گرٛشہان تہٕ کُنہِ بڑاٛنتی ......عجیب احساسن ہنٛدِس گتہٕ گیٖرِس منٛز ہبنہٕ یتھ سہٕ مٔژرووتھان یتھ تہٕ کُنہِ اند شانٛدٕ ے چھُ روزان۔تمام حدبندِ یونبر گٔرِشھتھ راسہٕ زٕوس گری ہنٛدی پاٛھیٚ بکھر تچھان تہٕ بےٚ وایہِ پان ژٔٹِتھ رٕہتھ گرٛشہان تہٕ کُنہِ جیٖرٕ یتھ تمنےٚ احساسن انقلابچ تبراٛیتھ رتہٕ داٛوی کران۔گاہے لتہٕ موٗنٛڈ گٔرِتھ مُمناوان تہٕ دوہ کڈان۔

وٚزِن میٖوسون تہٕ گاہے سونس سرتل......کاٛنسہِ باگہِ محنت تہٕ کاٛنسہِ

برداسہ ہے تل حاجت نیران ...... کانہہ کرٕ ہ ساسا کڈان تہٕ کانسہِ بۄ وۄنتھ کُن واتان ۔ کانہہ دوہ راتھ جکھان تہٕ پتہٕ نہٕ اُس تہٕ نہٕ یٹھ وان ۔ کانہہ تالو پچھِ گُنزران تہٕ کانسہِ تالوٹنگ وُستھ کوچھہِ منٛز پیوان ۔ کُنہِ نہٕ کانہہ کُن واتان تہٕ نہٕ پرٕ ونی ناوبال یِوان ...... عجیب کشمکش تہٕ ہنہٕ متہٕ دِتہٕ ۔ پن پنہٕ حالہٕ پٔتھ کانہہ پریشان تہٕ حالہِ حأران ۔ گرٕ ھنہٕ گرٕتھ ...... نہٕ کُنہِ راد تہٕ نہٕ کُنہِ ہونٛز یِوان برابر ...... لمان ہونٛزس تہٕ زیٹھان راد ...... لمان رادس تہٕ زیٹھان ہونٛز ...... کُس واتھ دِمواتھ حالس ییٚتہٕ لبہٕ راوان ...... راونس منٛز راون تیٚول أندری کوٗران ...... ییٚتہِ سوکھ تہٕ مُہم اکھ مبہم تصور ...... گیٚنژوے علمن کھسان تہٕ گاہے پاتال پٔٹھ اٹنکی کوڈ رزوان ...... تہٕ زُوتھ مران ۔ مرنس تہٕ زُونس ٹھولہٕ ٹھول لگتھ کُنہٕ ٹانگی تلی آزاد گوھان تہٕ کُنہِ أتھی بُتھی لاگیہِ منٛز ڈٔٹھہٕ ہنہٕ ہتھ لتہٕ مونجہِ گوھان ...... پٔتھ لنڈہ وٕزنک کٹہٕ کال زال وُہرِتھ کُنہِ نہٕ کینہہ نظرِ سران نہٕ کُنہِ لنڈ کھور پتھ کڈنس دار ...... وُزنچہِ لیہِ ژھاران تہٕ گاران ۔ پوز کُنہِ نہٕ کانہہ لیایا ترٕ یایلہٕ ...... پٔتھ شایہِ صرف تہٕ صرف لنہِ گوٚٹ ژھوچرتہٕ گجرنال وٕلتھ ۔ اتھ اضطرابس منٛز ہنہٕ آمتس منٛشس چھے چشمہِ لوسان پوز کانسہِ لوٚسی لوٚسی نوِ انمانہٕ تمہٕ خاب ووتلاوان یمن منٛز پٔرانین قدرن تہٕ ترٛاین پٔز اُتی گی تہٕ نوبن طرزن افلاطوٗنی آدرش وٕنی وٕنی ٹکسارس

کھالان ۔ راتچ حقیقت پڑانہٕ وارزاتھ نوبن دُداسی خابن اَندی اَندی پنہٕ
نِس وجوٗدس نۭتہٕ ناوان ۔ نِژتھ گنہٕ گیوٗر پھر پاوان تہٕ اونہ پوٚکھ سورے نژان
باسان ...... تِکیاز زِیادٕ نژنس زِیادٕ گیوٗر آسنس ستی ستی بدلے خاب وونان اتی
وونُن ژلان بانہٕ منز تہٕ کھر اوژلان کھوروتلہٕ ۔ ییٚنز روزان پراِرٕونی تہٕ کِنگنی چھے
ژھرے ییٚنہٕ بُتھ زِلان ۔ گنہٕ کھراو پھیر گرِہتھ تتھ گل کاری وو تلاوان ۔ تتھ
نہٕ تھرتہٕ نہٕ بُتھ سیٹھ دچھ آسان ۔ اتھن منز کِنگنی تہٕ کھورن تل کھر اونہ بانی برنس
ژزن تہٕ نہٕ بانی تارنس آسے سُتہٕ ییٚلہٕ ژھرے آسہٕ ۔ کپٲری آپراوبس وونُن تہٕ
کپٲری دِیہٕ ییٚنہٕ واتھ ۔ مأنی توژزن چھ تھاوان دور دورٕونی تہٕ دورٕ دأرلس
پشناوان گنہٕ نہٕ ہمبکان واتھ دِتھ تِکیاژزنکی زالُن چھ آچھِہ کوٚرمت ...... نہٕ
اور تہٕ نہٕ یور ہمبکان پکِتھ ۔ رٕہتھ گوھان تہٕ ژنچہٕ ترٚکرِ ہندِ بن پوترہن
گاہے ہیٚور تہٕ گاہے بون وسان دُچھان تہٕ ڈنجہٕ نہٕ ٹھہر اولگان ...... راوان
تہٕ راونس منز میٚراپے ڈلان ۔

ژزن ...... کأنسہٕ ہندِ بن ارمانن ہنٛد جنازٕ تہٕ کأنسہٕ ہنٛد بہار ۔
کأنہہ کور سول منزم یأری سنزن چالن ہنٛد شکار سپدِتھ پھیکہٕ زہر کھیٚوان تہٕ
غلیمتھے زانان ۔ نتہٕ جگر پارچہ کورموتہٕ چہٕ نٚید رساوان ۔ کأنسہٕ گوبرٕ مأرلس
سوٚرٕ ڈیرس بیمر زلہٕ پھلراونکی برٛزم دوان ۔ آمنن پنن گنڈ گنڈ سپدنہٕ وز

ؤزنچہِ شرٛا کہِ ستۍ اڈ کھٔعتہِ سرِ راہ ترٛ اون وول مٔزِم یور کالہٕ اکھ نلتانہٕ تہٕ صجس بیٛا کھؤنتھ کورِ مأیِلس گوراژنس مجبور کران۔ گوٚبرٕ مأیِلی سٕنزٕ فرمأیِشہِ تہٕ گوٚبرٕ ماجہِ ہُنٛد خانہٕ وادتھکہٕ ناوان زوٗ پُئِہرٕ کھور ہٕش کران۔ نوٚبن تاونن تہٕ زولانن ہٕر دِنہٕ وول پٔنُن رٔکچُل باہ موٚن گرتھ پاک تہٕ مقدس رِشتس کارٕ بأرٕ رنگ دِوان۔ یورٕ زن ونو ''فرمأیِش گرِٛھ حالاتن تہٕ ہٕتٕر وُچھتھ آسنٕ'' تورٕ...... مہرازٕ سُنٛد وُنن۔ گوٚبرٕ ماجہِ چھُ مألنٕ کرٛأنس بُتھ وُٕنن تہٕ گوٚبرٕ مأیِلس چھُ نبر نیرُن...... یہِ مےٚ دوٚپمو تتھ چھُنہٕ کٔمی پیشی کرنس کُنہِ رنگہٕ ؤزن...... پتھ روٗزمیٛانٛیٕ بخشأیِش تتھ وُچھو۔ وول زن اوس نہٕ ؤزن کورِ مأیِلس یم تاون پرٛونس...... تیٛلہِ ییس پھولہٕ وِنس ڈبکس کوٗر متھنہٕ۔ پرٛتھ کأنٛسہِ باسہِ تمنٛز داغٕ ہتھ گوٗمُت تہٕ موٗشُوٗمُت...... کتھ پھولہٕ وِنس گوٗلأبی روخسارس آوٹہِ ؤزنک زال۔ پرٛھودرٕ ہوٗ تہٕ گیٛنوٕ ستۍ پٔنُن خال گیٛرِس مٔنٛز ہبنہٕ یتھ کھرِ کأنٛسہِ دوٗن أچھن، کأنٛسہِ کوٗرِ رووندس، کأنٛسہِ کرناوِ وچھ ژٕٹے تہٕ کأنٛسہِ دیٛاوِ وبد اکھ تِکیٛا زِاتھس مٔنٛز چھےٚ پانٛژھا وٚنگجہِ یم ہکبن نہٕ ہٕشے أستھ۔ کأنٛسہِ چھُ وُچھس مٔنٛز ماہِ بوٚرُت دِل تہٕ کأنٛسہِ نِلہٕ وٕٹھ۔ کأنٛسہِ أچھن مٔنٛز آب تہٕ کأنٛہہ ہوچھہِ باکہٕ ژھٹان۔ کیٛا کرِ مُنٛش ییٛلہِ ؤزنچہِ کرتلہِ دارِ تِل لگہِ...... ہوٚٹ وُچھنےٚ گرِٛھبس کھش...... بُتھ وُچھنےٚ دِنس بوگ تہٕ تھوٚ دوو تھنےٚ نِتس ژأنگج

لڈِتھ۔ پتہٕ کُس پاڑوبس اوٚرۍ روزِ کرٕ کہِ دِوان تہٕ اتھہِ موٗران۔ وُزنچ

شژاکھاتی ژھر کوٗنڈ پھٹراوان تہٕ اتی اُچھن دُگوش کرِتھ دژنہِ پھاٹہٕ ناوان۔

سوٗرے نژان باسان تہٕ رژھ نہٕ پلہِ پیوان۔

وُزِن کُنہِ ژھایہِ ہوٗل لوٗٹر...... کُنہِ سُنۍ ژوٗرٕ سُند ہتھیار...... کُنہِ

تھپلہٕ ہنٛز ژھلہٕ کیچ تہٕ کُنہِ غرضہٕ اُنۍ ہنٛز برِش نتہٕ تاٗنۍ پرتیتس کرٕ پام......

اتوٗل تہٕ بےٚ توٗل تھپہٕ دِتھ تھپل پننۍ گردن پانےٚ بُڈوان تہٕ وقت غنیمت

زانٕنتھ تہِ کران یپتہِ شیطان تہِ چھُ منٛد چھان...... حقدارن ہنٛدِس حقس

وُزنکوٚ پرمانوٚ ستۍ توٗلِتھ پوٗتُر ہور چھکان تہٕ دُچھنۍ آمتین تالہِ پٹھ تھاوان

یمن نہٕ کھورن تل تہِ شوٗبہٕ نہٕ جاے۔ طمع وُنہٕ وأنتھ......کانٛسہِ کران ؤنتھ نہٕ

یِوٚن تہٕ کانٛسہِ کران کُتۍ اکوٗت۔ آچھرِس تہٕ انٛسۍ منٛس وُزنک سانٛگ

چاٗرِتھ کُنےٚ کران۔ ورِ ورِ کھاٗنتھ تہٕ نہٕ درس دِوان۔ مأنتھ زأنتھ اتی ڈیٚنٛگ

تلۍ پن تہٕ پنہٕ تلۍ ڈیٚنٛگ اُنتھ شاٗلۍ تارکھ ہاوان۔ پنہٕ نین السبشن ہوٗنین تہٕ

خوفتن فقیرن اسامہِ ونہٕ کڈنہٕ خاطرٕ ہٹرِ ہٹرِ نژناؤِتھ آٹہٕ نوٗناہاوان تہٕ پلنٛگ چنٛدٕ

بران۔ یوٗت یوٗت زیٖر کی تہٕ ٹگڈم باٗزی وُزنکۍ پل ٹھرِتھاو تیٚوٗت تیٚوٗت

چھُ ہزان تہٕ اتھ منٛز وُتھنہٕ یِوان...... سیٚد بن تہٕ سادن، منہٕ پرٛژبن تہٕ

خلوٗصہٕ والین بروٗنٛہہ پکنس ترٛژھ تھوتھ انان یپتہِ دودتہٕ کوٗلے چھےٚ باسان۔

نُنہٕ گُری تہٕ تِلہٕ تلاوہاُوتھ تمن وتن کھر اُنتھ چھلہٕ چھانگر کران ییتہٕ پانہٕ رہزن
اُستھ رہبری ہندی درس چھُ دِوان ۔ پانہٕ قومُک غمخار تہٕ وتہٕ ہاوُک باس دِتھ
اتھ نبہٕ رے ...... ''اگر ژےٚ روزگار ضرورت چھےٚ تراوُکھ تمہ نلتانہ وتن وأ لی
یمہٕ مُلازمتھ دِنکی بزم اُسی دِوان ، تمن گیہِ تولچ ، تم رٕ ذِی نہٕ تھوٗ دوہ تھنٕ
لایق ۔ ووں چھےٚ سأنی وأ ری ...... یی یژ ھوتی بنہٕ ۔'' یُت پلوتہٕ بتہٕ سازندر
چھِ ہاں مےٚ ہاں رلاُوِتھ بےٚ خبرن دُنہٕ وأ لتھ ناووالان ...... یہٕ دُپِتھ ......
وقت گو بخت ...... پتہٕ پچھتاوکھ ...... تم باُزی گر موکلیے پتُن باُزی گر تماشہٕ ہاوِتھ
...... ووں چھےٚ سأنی وأ ری ...... ولہٕ ان کیاہ چھےٚ ...... از گوو ۲۳، ۲۴ مأنی توأ کس
مفلس اندر آسہِ تومہِ جواین کوٗرمُت ...... اُخر ...... مےٚ تژ ووتھمِد خاطرِ گرٕ
بار، عأش آرام تومہِ ادسے نہٕ کانہہ پژ ژھان ۔ دکہٕ لدن ، پتھر پیٹمتمن ،
لاچارن تہٕ نادارن ہُند گوس بہٕ نوکر ۔ بہٕ آسہٕ ہاخبر کتہٕ دُنی کنبس ۔ یہٕ زووٗنی
گوڈ بکہٕ یُو رے نہٕ تہٕ ...... شُکر از ...... از چھُ سون دوہ غریبن غرباتن ہُند
دوہ ...... بہٕ چھس ہر وزتہٕ ہرساتہٕ پتُن زُو تومہِ آیتن تھاوِتھ ۔'' زالس منز
ہنہٕ آمتس چھِ پیٚدی تہٕ پادپھلان پتہٕ گوتھ گُری کرٕ ی ...... یُو زحاصل نہٕ رُکھنہٕ
بِوان ...... برابر ستھ رتھ گوٗدھتھ کھوٗژی عوأ می غمخار سنزِ ڈیڈ تل
وأ تِتھ ووش تژ اُوتھ نظر دِوان تہٕ خوٗنِ جگرٕ کمن ٹانکین ہُند نظارٕ دُچھتھ

أنْدرِی ودان تہٕ سورُے چھُس دزان باسان ...... دٕہی رنگاہ چھُس نہٕ گُنہٕ اتھہِ یِوان ...... پانسے مترٛ ونان۔ ''کاش دٕہی رِنگاہ گِوھہ ہے نظرِ ...... مےٚ وتہِ ڈُلی مِتس ہاوِہے منزل، سہٕ منزِل ییٚتہِ نہٕ ژھایہِ ہِگی لوٗٹر، فند باز تہٕ سوٗٹہِ بوٗٹہٕ واُلی چنٛدٕ ژوٗر تہٕ رہزن نظرِ گژھن ...... بہٕ کرٕ ہاتتھ وتہِ جُت تکیازِ ووٚنی گوم رگن رگن تہٕ رُمن رُمن تسلی ...... اندراژنس تہِ نہٕ وُزٕن ...... خبر وٕتکی کاوٕ گاہٕٹلی رہزن ما کرناوِنم قاٗد ...... پتہٕ گُس موکلاوبم ...... کاٗنہہ تہِ صیغہ کرِنم ...... از چھا ژھانڈُن کینٛہہ۔'' یِمے خیال دأ ریاوان ڈیڈِ تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ سورُے زن کھیٚنہِ یِوان ...... أنْدرِی گُلی گُلی گژھان ...... اورٕ نیرِی تن قومُک غمخار دفیٚہر قراقلی دتھ ...... ''اچھاژ ...... آڈر چون ...... از اوُسُس سبکٹر بیٹ تتہِ اوس نہٕ وُزٕن آڈرٕ سترٛ انہٕ نس ...... نتہٕ کوسہٕ بُڈ کتھ اُس۔''



# یُس کرِ گوٗنگُل......

یۆ دوَے گوٗنگُل کرُن ونس منز چھُ سہل باسان پۆ زورتاوس اٖنتھ تمیٖچ کرٛاو کرٕنی چھےٚ ڈوٗنی گولرِ وولُر پازنس برابر۔ وٕچھتیٖچ زان تہٕ تمیٖچہ قدرتی باگنیہِ سٔنِتھ چھُ کرُن تہٕ کرٛاوُن تہٕ تمیٖک ہرتربڑ وٗنہہ کُن یِوان ۔ یہِ چھےٚ ٹاکارٕ حقیقت زِ یہِ کیٖنژھاسونتہٕ کاٗلُک وٚ ودتہٕ تی لونو ہرٕدِ واپھہٕ ۔ بشرطیکہِ تمن طور وطرٕیقن ہمبو کاٗم یِمہٕ وقتہٕ وقتہٕ بیٚون بیٚون پالہٕ نَے تہٕ پوشہ نے منز ضرٗوری چھِ۔ وَونس تہٕ لونہٕ نس درمیان وقفہٕ تھووقو درتن آیتن یُس رنگہٕ رنگہٕ باگہِ یۆ رُت آسنس ہتیٚ ہتیٚ قدردانن نِش اکھ موٗلُل سرمایہِ چھُ یتھ پٕرتھ انِدٕ رو بن بجرتہٕ عظمت چھےٚ بٔخشٕمٕژ۔ امہِ ہِکس مالہٕ متاہس منز چھِ تم ہِر

گُپتھ یمن وأنسہٕ چھےٚ لگان دأیراونس توتہٕ روزان اکہِ نٔے تہٕ بٔییہٕ رنگہٕ اوٚرزمان۔ اٮ۪ڈ وٮ۪ڈ غرض بیٚتہٕ کیاہِ تتہِ شادمأنی تہٕ پوشہٕ وِنہِ خوٚشی باگہ انٮ۪س اتھہٕ روٗٹ کران۔ سورخ روٗیی باگہِ أنتھ تمہِ ڈورِچ قدرومنزلت ووٚنٮ۪س سٔنٛز راوان تہٕ حیأتی ہٮ۪نٛدِس ڈورِس توکلک بیٚول وٕونأوتھ لاگہٕ نٔے کرٕنچ کل کڈان۔ امیٚک ہرترچھ نظرن کڈان واشٕ تہٕ اٮ۪ڈ وٮ۪ڈ ویٚور ٹلنأوتھ تمن ٹھٕربن سمہٕ سوٚتُر کران یموٗ نظرن کاژچھ آسان کوٚرمُت۔ تہٕ زندگی ہُنٛد وسہٕ وُن تہٕ ژلہٕ وُن ڈٕرِیاوتھامہِ گٔرِتھ بےٚ حبس تہٕ بےٚ حرکت آسان بنوومُت۔ اکہِ اٮ۪ڈ ترِگٹہِ کارتہٕ أژِجن سنہٕ وِنی ژٕرِنی ژھٹھ تہٕ بٔییہٕ اٮ۪ڈ سوٗنٹک آوآو۔ پوٚ چھِ تیار پھٹنس تہٕ سگّر چھ ہوان پھوٕلنٛ۔ ژٮ۪نہٕ ون چھےٚ لگان۔ ''ووتھ آدن چھی......سونتھ زان ابتدا......سُلہِ گرِ نیر یُتھنہٕ یہِ اتھہٕ گژھی۔ یہِ چھی وق گوٗنگل کرٕنٛک۔ یِنہٕ پتہٕ پشیمأنی ہُنٛد سأیلاب ڈٕہتھ یِیی۔ ترٛاونظر صرف کاینأتکی رنگ، تمام کُلۍ کٔٹ تہٕ تِھنٛزٕ لگٕ لنجہِ آلو دوان......کرسکھر ٹل الہٕ پھال نکھس تہٕ وال بیرٕ تہٕ بُٹھۍ کرٕس سمہٕ سوٚتُر۔ پھالہٕ ستیٚ کوٗرُس سینہٕ۔ رِڈن تہٕ ترٛاگن کرٕس کرٕو پُس، بناوُن سوٚم، لاگُس شوٗب تہٕ ہٮ۪من پأراوُن۔ وُبہِ تُلِتھ دِس شوقہٕ تہٕ ذوقہٕ سان الہٕ۔ بٔنجر پٔراٹھ، یِتھہٕ پھیٚر دِس اِدمو کلی نظرن ٹھوٚر۔ کھورہٕ شاند کُنیٚ گٔرِتھ یِیہِ پانٔے آگأہی۔ سہٕ آگأہی یتھ منٛز زگ تہٕ

پڑ ون ژاوِچ فکر رزن کھاٗلی تہٕ ذکرِ ہُند وِرد کرناوٕتھ دِیی بہار تہٕ جہار۔
ڈوٗری گٔنڈِتھ کرُس بیوٚن بیوٚن بیر۔ الہٕ پھال ٹٔل تہٕ تیچھ اہہ گٔنڈِتھ کرُن
لاژُس منز بنٛد۔ کوریچہ پھال آپٕرِتھ کرلارِ اتھس تٔمۍ سُند ناو ہیتھ چیر تھچھ
تھچس سٕینس پٕرڈو منٛزی پھال پکناوتھ آپراوُس دانہٕ دانہٕ ذاژل بیاٗلی پھول
تیچ خصلت تہٕ ہرترپگاہ سورخ رُوٗیی تھاوی۔"

ماجہِ زمینس سینہٕ پٕڑاٹھ آپرو ومُت رُت تہٕ ذاژل بیاٗلی دانہٕ
وچھس منزٕ ژتھ چیر لولہِ للہِ وان تہٕ ماے بٕرِتھ کھہ دِوان۔ پوردینہٕ یتھ
پھاٹو بس دٕ ژرِ تہٕ واٗنج کوٚرتھ بیٚیہ نبر نیرِ نچہٕ وتہٕ ژھارِ نہِ۔ دٕ ژپھٹتھ روزگرِ
پتہٕ گرِتہٕ ژ، ہہ پتہٕ ژمہِ پھبان، پوٚٹھان تہٕ پھوٚلن ہوان۔ اور ے آسہِ آلو
دِوان!!! وٕٹھ ژرِ گنڈ پڑھِ ہُند کمر بنٛد تہٕ یِیٚرِ ہہ سان ہس گوڈ ترٛ وٕپ
کرُن۔ بُرس گوڈ......ژوٗرِ گرِتھ پٕڑاٹ کھچس موٗل، یچھ خود روزاژن گال
نیٛخ......چھتِس تہٕ کرٕہنس......کنڈبن تہٕ کرٕلن کرتمہِ آیہِ موٗلہِ پٕڑاٹے یتھنہٕ
یمہِ بیٚیہ دُبارٕ کلہٕ کڈن۔

ماجہِ بُتراژچھے پٔن سو... یتن تھوومُت۔ اتھ سن تہٕ قدر گرِتھ
تھاوِ ایچ شان تہٕ عظمت زیرِ نظر۔ دین چھے اتھ نیٛزمی تہٕ لیزمی عطا
گرٕمو۔ یتھ پٔن اکھ جداگانہٕ مقام چھُ تمہِ کہِ فاُضہٕ چھ اتھ لال

بوان۔ گُلن تہٕ گلزارن وچھس ستیٛ رٔٹتھ لولہٕ للہٕ وتھ آسے تہٕ پاپے کانٛچھان ۔ مٔژھہ جن داوٕ رینٛگن گتہٕ کن رِگنٛدٕ نأوتھ وولسنس انان، سو دِلہٕ تہٕ پٕز منہٕ سپنہٕ مُژ رِتھ ڈٔری گنٛڈ ناوان، ونہٕ وِگنِن جوشہٕ أنتھ یارِونن ساز ٹلناوتھ تمن نغمن شہہ دِوان یمن منزٕ نوٗ وزوٗ زہتہٕ ووتھہٕ بوچھ لبان۔ قُمری تہٕ کوٗ ستوٗری چھوکوچھو کوسوٗنتہٕ رکس آغازس پکھہٕ مُژ رِتھ گلٛی آلہٕ وان۔ سوٗنتھ ہوان مدٕ ماتیٛ ہٕری ترٛاوِنی۔ سوٗت تہٕ مُدٕ رواوشٹھِنیارٕ آوٕمیعس وجوٗدس رُمن رُمن منزٕ نوٗ وزوٗ زہتہٕ بران۔ ڈکہٕ پھولان تہٕ وونٛدٕ شہلان، تتھ گرٕ پیاران یتھ انتظار کران أچھن زوٗن چھےٚ آسان لگمو۔ پٕژتھ اندٕ کرٕ بکہٕ ناد..........

سوٗنتہٕ یم جلھن تہٕ لاگہٕ نےٚ کرن

تم سو کھ برن پہٕ ونٛدٕ ے

شیخ العالمؒ

ییٛارٕ نظر پلہٕ تیٛارٕ نبتھہٕ ننن ووٗ لُت گوھنگ آغاز دٕرٛ ینٛتھی یوان گلٛبن کٹبن لگن لنجن ہوان بامُن پھٹن ۔۔ پنہٕ وِتھر ہوان کلہٕ کڈن۔ ٹوٗربن چھُ لگان زایُن۔ سبزارس چھُ ہُران آے تہٕ پاپے۔ سوٗنتیٚ شیٛچھ بوزٔنی چھےٚ یمبر زلہٕ تہٕ مسولہٕ کاٚرتھٕزرأ وِتھ امیٛک ہنگ رنگ پانس منزٕ شرٕ ڈٕ پراوٕن ہوان۔ ورِکیمی تہٕ ٹیکہٕ بٹنہٕ جامہٕ ژٹان تہٕ رنگ ژھٹان۔ یمبرزلہٕ نیران

بۆ مبرس ڈُنی دنہٕ۔ پرٛتھ انٛدٕ راتہٕ چہٕ ننتھہٕ ننہٕ لگٕ لنٛجہٕ واوجہٕ واو کران تہٕ بے سوکھ منس قرار بخشان ۔اِشارن منٛز باوان، "ڈلو چھاُو وِنیرِ کہ تہٕ مرگہٕ ،گُل تہٕ گُلزار۔" کولہٕ رادن ہُنٛد گرٛزُن تہٕ آبشارن ہُنٛد مۆ دُرتہٕ میوٗٹھ سوز چھُ ہوٚوان ترمہٕ نغمہٕ گنٛگراوُنی ۔یتھ منٛز سوتھنگ اتہٕ گھتہٕ بہارُک آو آو چھُ ٹاکارٕ پاٗٹھی درِچ قدٕر کرنچ تیٖنہٕ ون دِوان تہٕ مٹہٕ مٹہٕ دِتھ بزٕ ونہہ پلنٛکی مرٛتھلی خاب وو تلاوان۔

قو درتچ ورگہٕ باگے ووٹنٛدس سوکھ تہٕ ذہنس رُت آے تہٕ پاے کانٛچھان۔ سوتھ ہوٚوان پنٛن داتھُر وتُن تہٕ بہارس گلی آلوِ تھ جاے ترٛاوان۔ پاٗٹھ پوش جُرٕتھ قالینن ہُنٛد ورشُن وتن گُرِتھ استقبال کران۔ بہار ہوٚوان مدٕ ماٗتی پٕرِ کی ترٛاوُنی تہٕ سنٛدجہ ڈارن منٛز ون ہارِ تہٕ کُکلہٕ ہوٚوان ڈرِ گنٛڈنی۔ کولن تہٕ آرن لگان بِنگر بن سوشرٛ ونراے، وسہٕ وُن آرٕ سازس ووسنس انان، پرٛتھ انٛدٕ ھوٗھوٗ، کوٗکوٗ تہٕ گوٗگوٗ ہِک وِرُدو اُنجہٕ سٔنتھ گوھان۔ جاناوارن ہُنٛد رنٛگارنٛگ بولبوش روٗحس شہلتھ تہٕ ووٹنٛدس تراوت بخشان۔ پرٛتھ انٛدٕ آرٕ تہٕ کولہٕ جل ترنٛگ واٗیتھ گُملین دِل رنٛزناوان۔ مٹہٕ مٹہٕ دِوان تہٕ ورٕچ قدٕر یاد پاٗوتھ ثبتہٕ وُترِس کھہرن دِوان، "وقت چھی بخت اتھ کر قدٕر"۔ بہارُک آو آو چھُ نوٗ وُ ے آلو سرٕناوان۔ دہانہٕ بنٛد گلہٕ ٹوٗرِ یوان پھلتھ تہٕ نافہٕ ترٛھٹان

أنٛدی پکھس مُشکاوِتھ معطر کران۔ سبز سرِ ون ہُنٛد جہارتہٕ ویرِ وارن ہُنٛد شہجار
دِل تنبلاوان۔ گلی کٹی دجہِ تہٕ ڈۄرِ جوشہِ یوان تہٕ ہۄنۄزۄک ورِدکران۔ تمام
زُوزاۓ ژنغمہٕ خوان تہٕ وجدس یِتھ ژینہٕ وُنی دوان، " ندامت چھےٚ بُڈ
دولت۔" تُل اتھہٕ تہٕ منٛگُس ...... "میانی محنت کھالی زرتھہٕ ......اتھہٕ بانہٕ
دی زبم ......وُزملن تہٕ ترٛژتن نشہٕ تھاوی زِ محفوظ، میانین دجن تہٕ ڈۄربن دی زِ
ابدی بہار، سہٕ جہار گری زبم عطائیس پگہہٕ کہِ دوہہٕ میانہٕ باپتھ خوشی تہٕ
مسرتُک پاٮ غام آسہِ۔" تمو چھنا فرموومُت ............
"لیس ڈبکہٕ بڈِس أخرتُک ڈۄرٹوٹھ آسہ سہٕ پھولہِ تتہٕ۔ یِیتہٕ کہِ ڈۄریک
مالدارا گریتہِ پھولہِ پوٚ زاۓ خرتس منز گرِھبس ٹھونٛڈ۔"

ٹۄربن ہُنٛد جامہٕ ژٹُن یا بہارِ چ ژینہٕ ون وُنی توس یا جوانی ہُنٛد
شباب۔ غرض پرٛتھ انٛدٕ پھُلیی پھُلےٚ زرس زرس حاطہٕ گرِتھ۔ پٹرن ہُنٛد ہۄہۄ
منہٕ سۆ درس گرٛ کہٕ ناوان۔ وُتھر وُتھر ہران تہٕ پھل گوٗزن جاے تراوان۔
دانس دانس روخس ووز جار کھالان۔ ماری منٛد بن خابن چھےٚ قودرت پانہٕ
رنٛگ بران، شۆب لاگان تہٕ ماری منز رنجشان یِتھ منزمحنتُک لۆب لُباب
گُپتھ چھُ۔ اکھا کھ دانہٕ زن کاژ واوس ونان ......" پوٚری تراولوٚتی لوٚتی ییٚنہٕ
قہرِ گرٛ ھتھ کوٚ مِلس گانٛگل کرکھ۔" دانہٕ دانہٕ رنٛگ کھالتھ اُسس آب انان

پۆزۆنہِ چھُ مؤلہِ مالیس پاے ہناپتھ ۔لگ لنجہِ گوبان تہٕ باسان کتھ تاںٔ بارگاہہِ نمنچ سکھر کران ۔شاید منگان، ''روبہٕ ژلراوسانہِ وأسِدٕ بوچھہِ ہتبن بوچھہِ تہٕ ترِیشہِ لدن ہوٚ مراوترٕپش ، دِکھ تسلی تہٕ تشفی ۔''

بہار چھُ تزٕ اوان مأدان ...... گلبن کتھن نیٖر بن تہٕ نین چھُ ہوان ہرُ دبتھ ہاوُن ۔سأرے چھُ زردیا رہوان آوُٹن ۔آبشارن، کولن تہٕ آرن چھُ ہوان تھامہِ کرُن ۔آ گرٕ ے چھےٚ جویہِ ژھوکان تہٕ موژان ۔زندٕ زُون چھےٚ سوٕسنٕ ژھٹھ مُمہٕ ناوان ۔برٕژن دجن تہٕ ڈوربن تلَے کھکھر کھألتھ پیٹھہٕ دم کران تہٕ پھلس چھاوٕ انان ۔أندری دمن بستہِ ہوٚ ہوٚ کہِ پھوکہٕ نارٕ ستی برجوش أنتھ مؤلہِ مالیس شۆب تہٕ لۆب دِتھ مُشکنٕ ادفرژھٹہٕ ناوان ۔ہردُن واوأند رِمس تنُدرس تمہِ آیہِ وُہناوان ۔یمہٕ ستی سورُے چھاوٕ تہٕتھ پپان تہٕ منہٕ پژبن لولہِ سان رنٛزناونک سامانہٕ کران ۔ ہردُن واوپنٛن کمال ہاوِتھ سبزارن تہٕ لالہِ زارن سہلہ ہٕنتھ اکی جلوٕ زرس زرس لِدراوان تہٕ کاژ راوان ۔بےٚ پژھس ہأوتھ دِوان زِیہ، اوسُے بزم کتھ چھُکھ تم شُرٕ کران یمہٕ تُمی ہٕندِس ضابطس برعکس چھےٚ پٕتھ انٛدٕ لارٕ لارتہٕ ٹلہٕ ٹکھ کلہِ کڈان ۔اکہِ انٛدٕ لوٕنن ،سوٚمبرُن تہٕ دمس تھاوُن ...... امبرس چھُ سورُے بروٚنٹھہٕ کنہِ، کرمن ہُنٛد پھل وُنی توس ،یژھہ تہٕ پژھہ ہُنٛد ہرتروٕنی توس یارضہٕ ہُک

مؤلہٕ متاع۔ لاگتس حساب۔ اتہٕ تہٕ نیران کینٛہہ ڈیکہٕ بڈٕی شادمان تہٕ کینٛہہ پشیمان، کینٛہہ سینہٕ ژٹان تہٕ اتھہٕ مؤران۔ یہٕ زوٗنی کنبس چھنہٕ وقت

کولن وچھ ہوٗکھی تہٕ نأ گنہٕ وُٹھ چھےٚ پھیشان

چھہٕ گلٕی نبتھہٕ ئٕنی یمن پیٛہٕ ہرتھ شان

دزمُن لاریٛو زمینس دزاس کھانگھر

پھٕلتھ آمُت چھُ کونگ دجہٕ ڈوٗرٕی ونہٕ وان

(ساقی)

کتہٕ سونتہٕ واویُس زُو چھُ ژانان ۔ کتہٕ بہاریُس آے تہٕ پاے بخشتھ ئمی ہِنٛد اِزنہٕ پھلراوان ۔ ووں از ہرُد پرٛتھ انٛدٕ سوسہٕ نأوتھ مُمہٕ ناوان ۔ سأرِسے ژھٹھ کڈٕتھ مدٕ والان تہٕ کتہٕ پنہٕ واجنہٕ وٕنٛدٕ رأژ......ژھوٗٹس تہٕ گٹس منٛز آچھِ کران ۔ سأرِسے یخ بستہٕ گرِتھ گنٛےٚ ورشُن نوان گرِتھ۔ وق چھُ وٕقتے ۔☆☆☆

# لول

دون زُلفن منز باگ گژ ایہِ مارِ ونس ''واوس'' میٔل سپدِ تھ چھُ لول زایُن لبان۔ تژ بن اچھرن ہنٛزِ اتھ منڈ ورِ چھُ پٔتھ انڈِ اندر اژنگ بر۔ ''ل......و......ل'' ژٕ چھِنہٕ یِمو تہٕ لول کھوٕرِ سنوتہٕ لول چھُ لوٗلے روزان۔ فطرتاً چھُ انسان حُسنہٕ موٚت۔ فلواسپدِ تھ یہِ کینٛژھا کاینا تس منز اُمی ہنٛز نظر سران چھےٚ تمیٚک رنگ روغن تہٕ چال ڈال چھےٚ اُمی ہنٛدِس ووژندس منز سہٕ جذبہٕ پاداِ کران یتھ پتہٕ تہٕ بزٕ ونہہ لوٗلے لول چھُ گنتکس گندان باسان۔ اُمس وجدانی کیفیت وو تلاوِتھ چھُ پٔتھ گنہِ چیز کِ بجرتہٕ تھز ر پانس اندر شرٔ وٕ پراوان۔ یِمہِ ستۍ اُمی ہنٛدِس روٗحس تسکین تہٕ ووژندس شہلتھ چھےٚ

پھوان۔ اَچھ چھس مُورنہٕ یِوان تہٕ نظرن چھِس ژُھری ژلان۔ یِمۂ دوے دل کنہِ کھوتہٕ دوٗرتہِ آسبس پوٚز موم سپد تھ چھُ ستہٕ اَتھی کُن لاران۔ اَمِس چھُ صرف اکھ جذبہٕ اتھ کُن ماٚل پھِران سہ گو "لول"، غرض حُسنس سام ہیٚنہٕ ستی چھُ لولس زایُن میلان تہٕ یُہُے جذبہٕ چھُ انسانس بزم دِتھ کُنہِ پامال تہٕ کران تہٕ کُنہِ تہِ تہٕ سرناوان تیٚچ باوتھ کرنی سہل چھنہٕ باسان۔

پامال کٔرِتھ ترووُنس کس باوِ پٔنُن حال

لوٚلکہِ درٛسَے موکھتہٕ مالے پن مے ژھیٚتھ گو

(مجبور)

پرٛتھ کانٛسہِ چھُ لولس ویوٚہار کرنس تہٕ وُہوٚرتُلنس بالہٕ پانٔے شوق آسان۔ بامے سہُ اکھ شاعر، اَدیب یا عام انسان اُسن، اماپوٚز ییٚمہِ رایہِ لولس وو کھنٔے کرِ ہے تمیُک شیٚہجار تہٕ وُسجار چھُ خالے کانٛسہِ نصیبس آسان۔ نوبن کیاوِ پرٛانین داستانن ییٚلہِ تہٕ سام ہیمو...... گوڈٕ چھُ یِوان لول تہٕ اِدچھے اصلی آگریچ کتھ ووتھان۔ غرض لولُک زال چھُ پرٛتھ اندٕ وٕہرِتھ باسان۔ لولُک وجود چھُ انسانی فطرتُک گوڈنیُک ستی بوج یُس اَمِس پرٛتھ کُنہِ سنہٕ نس مجبور چھُ کران۔ نفسیاتی نوقطہٕ نگاہہِ کِنی یِمۂ دوے لول سبٹھا معنہٕ سوو چھُ پوٚز عام پاٗٹھی ہیکو اَسی یِتے یوت وٕنتھ زِ لول چھُ انسانی ذہنُک تہٕ ووندُک

سہٕ پأداواریتھ منٛز ماحولک بیأڈی پھۄل پھٕھس تہٕ اونہٕ بۄڈ وٲتھ لولک پرتو چھُ
درٛینٹھی گژھان۔ ووں ییلہٕ بیأڈی دانس ڈٕنٛز پھٹہٕ تہٕ پتہٕ ووتھ بولہٕ، یتھ
وٕ دولت یا گوڈتہٕ وپ کرُن پیٚیہٕ یہٕ پھبہٕ تہٕ نوٚتہٕ لول تہٕ روزٕ کاڈ کڈان تہٕ
وُسجار لبان۔ یہٕ چھُ سہٕ جذبہٕ یتھ منٛز کشش تہٕ ترٛپ گُپتھ چھےٚ ییمہٕ کنٛہ انسان
کاینا تہٕ کمن رنٛگن تہٕ زندگی ہنٛزن لنگ لنجن سٔنتھ سوٚن تہٕ ووگن پرزنأوتھ
چھُ ہبکان۔ یہے جذبہٕ چھُ انسانہٕ سُند سہٕ نکھ پھٕشۄک یُس تس پرٛتھ کانٛہہ
منزل تہٕ مقام سرٕ کھرٕ کرنس اتھہٕ روٚٹ چھُ کران۔

لولک جذبہٕ چھُ انسانس زہنہٕ کرِ پیٹھے ژھایہٕ ہنٛدی پأڈی پٔتی تہٕ
بروٚنٛہہ آسان گژھ دِوان۔ اکھ زاژر چھُ تھنہٕ پیٚنہٕ پیٹھے باشہٕ کران کران ماجہٕ نال
ڈٕلتھ لول بأ گراوان ییمیُک زندٕ ثبوت تمہٕ سُند زنانہٕ عرساتہٕ منٛزٕ پینہٕ ماجہٕ
تھہٕ ژھنتھ نال ولُن چھُ۔ یہٕ چھُ أمِس شُرِس ماجہٕ ہُنٛد فطری لولک جذبہٕ
کرناوان تہٕ مأج چھےٚ أمِس شفقتہٕ ستؠ لولہٕ للہٕ وان۔ اوتأنۍ چھنہٕ أمِس
دودٕ ہبڈرس کأنٛسہٕ ہنٛز پأرزان آسان یوٚتام أمِس ماجہٕ ہُنٛد لول چھُ گژھ
دِوان، وأنٛس ہُرنس ستؠ ستؠ چھُ یہٕ جذبہٕ تہٕ پھاپھلان۔ ییمہٕ وزِ اکھ
انسان دنیأوی رنگن ہنٛز زانکأری چھُ لبان تہٕ أمِس چھُ اکھ شعوری انقلاب
تھنہٕ پیوان۔ امی انقلأبی ووسہٕ درٛ وسہٕ ستؠ چھےٚ بیوٚن تہٕ این سام ہیٚنچ

کلٕ گنان ۔

لولے چھُ مےٚ تیٚمۍ وون زِ حیاتس تہِ سٔنُن گوٚژھ

یُس راز چھُ در پردٕ ژھیٚپتھ ووٗنۍ سہ ٚنُنُن گوٚژھ

یُس شوق اوٚ رُزمان گوٚمُت جوشہِ اُنُن گوٚژھ

(عاؔزم)

لولہٕ تب چھُ انسانہٕ ہنٛدبن جذبن وُتُش دِوان ییٚمہٕ کِنۍ تٔمِس پُٹُن سورُے وجود اَتھۍ اَندۍ اَندۍ گتھ کران چھُ باسان۔ کانٛہہ تہِ کرٕٛ تیچھر اسوٕنہٕ ہونٛچہِ وتر اَوِتھ تمہٕ خاب وونان ییٚتہٕ منٛزِل پدبن میٚٹھۍ دِوان چھُ باسان۔ ییٚژ ییٚژ شعوری بیداآری اَمِس باگہِ چھےٚ یِوان تیٚوٚت تیٚوٚت چھےٚ اَمِس پٔژتھ رٔنٛگنٛچ کامیاًبی لولس منٛز نظرِ گژھان۔ شاید چھُ توٚے خیاؔل صاٮ۪بن ووٚ نمُت ۔

مستی ونٔے لولُک یہِ غم قربان اتھ سارٕے خوٚشی

لولُک یہِ غم تیٚمۍ ژوٚٹھ تھوٚو دامانہٕ جوٚ رٔتمۍ زندگی

لولہٕ منٛز چھُ کیٛنٛہہ تہِ کرناوان۔ غمن تہٕ دوکھن منٛز ہیٛنہٕ تتھ تہِ چھُ پکان روزان۔ رنٛگہٕ رنٛگہٕ خابن تہٕ خیالن ہنٛدِس سوٚدرس منٛز ڈُنٛگ دِتھ چھےٚ لالن ژھاٮ۪نڈ دِنٛچ راے گٔنٛز ہوان۔ تمن اَندر ٹٮ۪بن تہٕ شرن چھُ عملی جامہٕ وٕلان یہنٛدبن تعبیرن وأنٛسن چھُ پژ اُرن پیوٚمُت آسان۔ یِمن راین تہٕ خابن

تمہِ آیہ لولُک آنٹہِ آپرأ وتھ آے تہٕ پاے کانٛچھان۔ خاب کمہٕ تہٕ اُسن، کاتی کرٕ تچھر تہٕ یی تن درٕ ینٛٹھی لولہٕ مژر چھنہٕ مٹہٕ مٹہٕ دتھ کم ہمتھ دِوان گرٕھنہٕ۔

اتھ چھنہٕ کانٛہہ شک زِ لولہٕ مژر چھُ بٔرِ گاٹتمن ارمانن گوڈ بٔرتھ بدلے سٔرٕ کرناوان تہٕ بٔرٕ ونٛہہ پکناوان۔ اتھ حالس منٛز چھِ کنٛہہ پرٕ انبن زخمن کرٕ اُلی تہٕ ہِوان وُتھتھ۔ تہٕ یمن مرہم تہٕ کران۔ یُٛ دوٕ ے گاہ بے گاہ کُنہٕ زخمن تیلہٕ وٕنی دگ تہٕ چھےٚ ووتھان پٔر زلولُک وبٕ ہار چھُ اتھ دگہِ مُدٕ رأ وتھ تمہِ آیہ انگ کھالان ییٚتہٕ سوٕرے کرٕ تچھر مُشتھ چھُ گرٕھان۔ ووٚن اگر کُنہٕ وِزلولہٕ دگ زیٛا دے وولہٕ ناوِ تمہٕ پتہٕ تہٕ چھنہٕ لولہٕ موٚت پوٚت ہنبس تیار آسان۔ سہ چھُ تمہِ وِزلولہٕ مژرس شاید ییمہِ آیہ وو کھنےٚ کران۔

دِلہٕ دار ووٚ تھُم چانٛی غمن کوٚرمےٚ دِلس ہول<br>
کس چھُکھ ژٕ امارُک ییہ مژر لٹوٚٹھ تھون وول<br>
ڈٕ وہس مےٚ بٕہ چھُس لول فقط لول فقط لول

(عاؔزم)

لول چھُ انسانہٕ سنٛدِس ذہنس رنگہٕ رنگہٕ پھولنأ وتھ سہٕ بہار تہٕ جہار بخشان ییٚتہٕ نہٕ کانٛہہ دوٕ ربر یا ژھربر چھُ نظرِ یِوان۔ دِے کأستھ مایہ ہُند شیٚہجار باگہِ انان تہٕ تمن گُتھ سرن بدِ کڈتھ سفرن اندیُو ر دوان۔ ییٚتہٕ منٛزِل

پدبن تل چھُ باسان، وأنسہِ ہٕنڈ ارمان چھِ بامل ہِوان تہٕ سہ بہار ژھٹان یُس دٕ دونس مُشکأو تھِ نوٚ وزُو بتہٕ چھُ بخشان۔ لوٚلکی پرتو چھِ ذہٕنکی گٹہٕ ژٕلی تمہِ آیہِ گاشراوان ییٚتہِ سورے عیان چھُ سپدان۔ لولہٕ ژوٚرن کرٕ اُتی گری متی چھِ وِسان تہٕ زنتہٕ ژھبنہٕ گومُت یادن رائے ہنگہٕ منگہٕ بزٕ ونٹھ کُن یتھ نوزُک تہٕ نرم گُلی پلہٕ نأو تھ اتھواس کرٕنچ ژینہٕ وٕنی دِوان ونان۔

اگر لول پزٕ بزلا وِ فونوس ذہٕنکی جدأیی چھُ حسنک ملاقات باسان

اگرزن پِپس منز بھکی خاب وولن مژر زندگی ہُنڈ کرامات باسان

(راہیؔ)

لولُک جنون چھُ کُنہِ کھری داروتن پیٹھ روٹہٕ گرِتھ تم جلوٕ وٕ چھناوان ییٚتہِ لولہِ موٚت پانہٕ نشہِ بےٚ خبر گژھتھ تہِ چھُ کران۔ یتھ نہٕ کانہہ حد بندی چھےٚ روزان۔ سوٚن ووگُن تہٕ زگ تہٕ پزٕ وِن وٕ چھنگ چھنہٕ اُمِس سارٕے روزان۔ پزٕتھ انڈ لولس آویزٕ روزِتھ تمن کرٕ پھرن تہٕ کڈ جارن سپنہٕ ٹھپأو تھ بزٕ ونہہ پکان تہٕ لولہٕ ہُرِتی خاب وٕ چھان۔ پزٕتھ کُنہِ ترٕایہِ گژایہِ پنہٕ نی میژٕ مینان تہٕ حض تُلان روزان۔

مجنونٕن وُنن زِلال وٕ چھوٚن میانوٕ اُ چھو تہٕ حسنک پزٕ ژھومیأنس دِلس۔ ہی مالہِ تہٕ نأ گی رالیس دِژنہٕ لولہٕ مژرن ذاتھ تہٕ ژھانڈنہٕ۔ نأ گی

راے کھول ہی مالہٕ ہٕنڈی لولن پاتالہٕ پٹھٕ ژھوٗنڈ دِنہٕ۔ وقتہٕ وقتہٕ وُنی رووولولہٕ
مژرن کمن ششدرن تہٕ اُچھ وٗٹتھ کرناوٕن تم کاریم عام نظرن منٛز یچھ تہٕ
ناکارٕ چھِ باسان۔ کمہ مانہٕ ریٚنہٕ واجہِ لولہٕ تبن ناوتہٕ موٗمولی شکلہٕ ہٕنڈ بن
پادن تل نوٗ مراوبن۔ کمن محل خانن منٛز روزن واجنوٕ گر پٔننی زندگی سولیہٕ
پٮ۪ہرِ بن منٛز بسر صرف لولہٕ مژرہوٚ مراونہٕ باپتھ۔ کمہ کمہ جانانہٕ تہٕ مانہٕ ریٚنہٕ
گیہ یہ تب أندری للہٕ وان اتھ موٗران تہٕ پٔننی لأ و زندگی داوس لأگتھ چوکھ
موٗتن پیالہٕ اسان اسان۔ أمی جنونن چھِ کمن عاقلن وُزرأ وٕمژتہٕ پننہٕ نٔس
زالس منٛز تمہ آیہ آچھِ کٔرتھ تھأوی ٕتی ییٚتہِ کانٛہہ موکلن پاے چھنہٕ باسان۔
عاشق چھُ ہمیشہِ لولک داغ أندری للہٕ وان للہٕ وان بے فرصت باکہٕ
ژھٹان روٗ دمُت۔ یہِ داغ چھُ تمن گرِ کھوتہٕ گرِ وٕہی کران تہٕ رنگ بدلأوِتھ
ووٗندس منٛز جاے رٔٹتھ گاہے تیزان تہٕ گاہے سوتان۔ أرِس جانس سوسرُ
ژأنتھ پان لرِشہ کرُن تہِ چھنہٕ یمن گال باسان۔ لُکہٕ پا من جاے تھأوتھ
تہِ چھُ لولہٕ زخمن مرہم کرٕنکی خاب وونان روزان، فرہادس کیٛا آو ٕنٔتھ لیس
جانِ عزیز دِوان تہِ شیر ہنہ ہُنڈ ناوزیوٗ پٮ۪ٹھ اوس۔

لولس وو کھنے کران کران چھ آنتھ رٔسی معنہٕ نیران۔ تِکیا زِ لول
ہیٚکہِ انسأنی تہٕ خدأیی تہٕ اُستھ، مأدی تہِ تہٕ غأر مأدی تہٕ اُستھ۔ مجأزی

تہِ تہٕ حقیقی تہِ اُستھ ۔ اُچھن ہُند طمع تہ تہٕ انسانہٕ سُند اُخری منزِل تہِ اُستھ ۔ ووں ییٚلہِ باطنی رنگہٕ وُچھوتیٚلہِ چھُ یہ خیرِ محض ۔ اتھ لولس منز چھِ واریاہ تمہ حال پنہان یمن سٕنتھ تہٕ سٕرتھ رٕژن کامن تہٕ پزرٕچ وتھ ژھارنس منز اتھ روٗٹ چھُ سپدان ۔ اتھ حالس سٕنتھ چھِ تھدی تہٕ بلند پایہٕ مقام وزوزِ دژیٚنٹھی گژھان ۔ یہ لولہٕ جذبہ چھُ اَکس بندس خدا شناس بناوِتھ نوٚ و بہار بخشان تہٕ ہیچھناوان پزٕ دِلہٕ لولہٕ نارٕ پان پییہٕ نُن تہٕ نارٕ دزٕاوسون بنُن ۔ ییٚتہٕ تہِ کہوچہِ کھسہِ تتہٕ نیرِ سرخ روتہٕ دیہٕ سنز دیہ گھ نیشہِ ناوبس تہٕ ساٚرے زانڈ کاستھ ہاوبس رُت بہار ۔ کوکل گاٚلتھ وزٕ ناوبس تمہٕ رٕژکلہٕ یمہٕ ووندس دِلس قرار تہٕ ذہنس پوشہِ وُن سکون ۔ ووں تیٚمی پایہٕ بڈی لولہٕ کِس گرٕٹس ووندٕ پیٚش تہٕ بسمہٕ گرِتھ ژشُن تس کیچ پٕہ گی روزِ ...... مجبوری ہندِ حدِ منزٕ نیرِتھ اژ موختاری ہندِس داٚیرس منز نظرن ژلہٕ نس ٹھری تہٕ پژاوِ پزٕرٕچ وتھ تہٕ واتہِ منزِلس تہٕ ییس قرار توٚے چھُ شیخ کاٚملن فرموٗمت ۔

لولِکہِ ووکھلہ واٚنج پشم  
کوکل ژٕھم تہٕ بیٚوٹھس رسہٕ  
پشم تہٕ پشم ، پانس ژشمِ  
کوٚ زانہٕ توٚ مستی مرٕ کِنہٕ لسہٕ

لول صرف دِیہ ہشز ماے زأنتھ ورتاوس تل انن وول لولہٕ مۆت

چھُ زمانس تہٕ مکانس موچھِ منز رٹتھ ژھین منز سأرِ ہے سأل کران تہٕ کھری

گھیمتس داتھرِ س برنٛد بن منز کھرکڈان ۔ پٔرتھ اند لولکی پرتو دریٖنٹھی

گرٛھتھ تمن رازن سرِ ی گرٛھھ پیس واتان ۔

یتھ کلس سگ دِ کھ زمینس واتہ شر یہہ        لول ییمی بس ٹکانسہ بورتٔمی یوٚ ردیس

لول ییس نش دزاوتی واتان ژوپأرٕکہ        گاٹلبوٗ یی زون یم وأتتھ پیس

یی چھُ لولک رازیی اسرار میون

پزٲرُ ون مے آدٕنک دِلدار میٲون

(ماسٹر زندٕ کول)

غرض لولے چھُ دنیاتِہ تہٕ أخرت تہٕ پرزٕ ناوںس منز اتھہٕ روٚٹ

کران ۔ لولہٕ موٚت ییلہٕ کاینات کین رنگن چھُ سنان تہٕ پتہٕ پرکھاوان تہٕ

پرکھأوتھ پانس اندرشرٛ وٕپرأوتھ اکھ دگ ژینان ۔ اتھ حالس منز چھےٚ سوتمبر

وٗزان یتھ جلاولگتھ لولہٕ موٚت اتھ پتہٕ فلوٲے چھُ گرٛھان ۔ وول ییٚتہٕ

پزٕرے پزردر ییٖنٹھی ییہِ تہٕ دیِہ ہشز ماے ژٹہٕ ناوبس جاہٕ تہٕ لل دیٚدِ ہندی

پأٹھی دیاوبس نالہٕ تہٕ ونہٕ ناوبس زے

شۓ ون ژٔرتھ شش کل وُزِم
پرکرت ہونزم پوشہ ہستی
لوِلکہ نارے واٗنج بڑُم
شنکر لوٚبم تمی ہستی

پتہٕ کتہِ روزِ دۏ گنٹیا رتہٕ دۏ ربر، دژہ ہہ تہٕ دِ ے......ساٗری ہے مۍُل
گرِژھتھ چھاونا وِلولُک بہار تہٕ جہار......نظرن نیرِ واش تہٕ ووندِ پژ اوِشانتی۔

☆☆☆

# زوٗنہٕ گاش

آبشارُک گرٛز ...... زن ورکرٕ وُن اوم دود پلن پان چھاوان چھاوان موکھ پٔرنی راوان ژلان۔ کمن نِلہٕ وٹن سینہٕ کٔران۔ کُنہِ آیہِ دارتہٕ کُنہِ وربجہِ گُل کأری زایِن بخشان۔ وسہٕ وُن تہٕ ژلہٕ وُن کھشارٕ۔ ٹأری وٕرٹتھ کمن نغمن ٕگنگراوان تہٕ کتھ سوزس شہہ دِوان۔ دولابن تہٕ آوٕلنس منٛز ہنہٕ آمتِس آدمس زندٕ روزُن ہیچھناوان ...... پوٗ زمنکی پرچھِ تیلی گرٛزُک سوز ہبکان بوزِتھ ییلہِ جنونن ذہنس گیوٗ رتہٕ اُچھن شاپھ آسہِ دیتُمت۔ جنون لولُک اُسن یا پتھ ونک گرٛزیہِ چھُ بےٚ شوٗنگی پأٹھی پنہٕ نمن تراگن تہٕ وأ کنہِ وژنن گرٛند کرٕنی ہیچھناوان۔ دُنیأوی ہودٕ ہُری یم آدمہٕ سُند بجرتہٕ کاڈکڈوٕنی یرادٕ آچھِ کرِتھ زنتہٕ پأز پنجرس منٛز بند چھُ تھومُت۔ پوٗ زییلہِ تس

ذۂنچ بنٛد دأرٕ کُنہِ سرٕ ہیچہِ واوٕ رینگہٕ سٕتی یلہِ گرٕژھ تس چھِ ہاوس تہٕ ارمان ووٚلستھ
یوان تہٕ مٕتی لازٕ گٔرِتھ ژھٔلی ئلی دوہ کڈٕ ئکی خاب ووتہٕ لاوان ۔ ذہنک ژاشرتہٕ
کرٕ یچھر چھُ کُنہِ وٕزمنہٕ پٔژ نیارس نظرن گنڈٕ تہِ مُوران ۔ یوٚ دوے نظرن یہِ
طلسماتھ پھُٹراوُن ڈوٗنی گولرِ ولرِ پاژُن چھُ باسان ۔ پوٚز ستہٕ ساسٕ ارمان
چھِ تمہِ آیہِ کلہٕ کڈان ییتھ نوبن آشن ووتھٕ بولگتھ وتہٕ ژھارناوِ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ
ترٛاین تہٕ گراین لول برِتھ اڈٕ کھشہِ ارمانن زُوز ہتہٕ بخشہِ ۔ ذہنہٕ کینہ اٚنہٕ خانن
ژھونٛڈ دیاٗوِتھ تہٕ پوٚت ونہٕ کینہ لوٕ ہتین خابن ووشُت کڈناوِتھ وُزٕ ناو
وجودس تہٕ پتہٕ بزٕ ونہہ تہٕ ہیرٕ بون کرناوبس سونچس وُڈو ۔ ییٚتہِ گاہے دُہلی
گاشس منز ہبنہٕ ییتھ متہِ ربتہٕ کالچ گریشمہٕ ژُنڈ گنہِ تریشہِ تہِ پاوبس تہٕ گنہِ
وٕنٛدٕ مارٕ سچ ہُنٛد ریاٗمژ اُڈ جن سنہٕ وٕنی ژھٹھ چوٗربن تہِ ژانبس ۔ اُتی تاپہٕ
کژاے ہن ہن کاران تہٕ قالبس منز ترٛاوِتھ کیاہتام تھرُن یرٛشان تہٕ اُتی
شِشر ماس ہن ہن ہُنٛد راوِتھ شِٹھنیار پھِرِتھ ساٗری ہے تھامہِ کران ۔ اتھ
ووسہٕ دژ وسہِ تہٕ کھس وسہِ منز پرٕ گرِتھ نہٕ اورک تہٕ نہٕ یوٗرک تھاوان ۔ اتھ
حالس منز ہبنہٕ ییتھ تہِ زخمن مرہم کرنچ راے توتہِ گنان تہٕ کاڈ کڈان ۔ تتھ
سوٚدرس موچھِ منز ریٚنکی خاب چھُ دأیراوان ییتھ زول دِون دوان اُچھن
زوٗن چھےٚ لگان ۔ سہٕ منزِل ژھاران ییتہِ نہٕ تاپہٕ کژاے کژاٗشی کرِ تہٕ نہ

ڈ ششر ماپچ ژھٹھ وجودس ۂند راوِ۔ توٚے چھُ سوٚ درس کاژ گرِتھ تمہِ آیہِ موچھِ منزٕ ژٹھ جوے پھرنس مجبور کران ییٚتہٕ نہٕ یہِ وہمہٕ آچھ کرِ زِ"خبر یاونکی برٕ گاٸتی شرماگرٕ ھن پرِتہٕ لگن ٕگتن تہٕ آوٕلنبن ترٛٹھ شایہ ییٚتہٕ آدی قحطن ژھٹھ آسہِ کڈٕ مژ۔

تھ کشمکشہِ ہٕندس عالمس منز ییٚتہٕ گاہے کڑاے وجودس کاریتہٕ گاہے وندٕ ماپچ ژھٹھ ہٕند راوٕتہٕ ششر گاٹھ بٕنتھ روٹہٕ کرِ۔ ییٚمن وو لگتنبن نشہِ مچھ روزٕ نکی خاب چھِ وولستھ یوان تہٕ سوٚ درٕ ڈٕ ہس پیٚٹھ ییٚمن حالن گرٕ ژند کرناوان۔ شامہٕ ژھمبرٕ چھےٚ دفتر وہراوان۔ شامکی شفق چھِ نبہٕ ڈٕ ندِس دامن جرٕن ہوان تہٕ شامہٕ رٕنبن جامہٕ ژٹنس واتناوان۔ پنداٗہم پھل ژٕ ندٕ رزٕ ن ہوان مدٕ ماٸتی پوٚری ترٛاوٕنی۔ سوٚ دُر ہوان کرُن بگہٕ تہٕ ملرن مُد ریتہٕ میچھ واوٕ رینگہٕ نوٚ وزُوزبتہ گلہِ میٹھ دِوان۔ تھچہٕ مژ نظرٕ زونہٕ گاشس ژٕہ دِرٛچ سکھر ہوان کرٕنی۔ پرٕتھ انٛدٕ شُہل تہٕ مدٕ ماٸتی نبہٕ ڈٕ ندی سوٚ درس نوٚ آیہِ تہٕ انمانہٕ ماٸری منز بخشان۔ زنتہ زوٕن آبہٕ ملرن ٕستی بکچہٕ گرِتھ پانس غوطہٕ وِتھ سمیس نوٚرٕ سرٕ ی نوان گرِتھ۔ پرٕتھ انٛدٕ نوٚرٕ ے نوٚر دز یٚیٹھی گرٕ ھان۔ سوٚ درٕ ڈٕ ہس ملر پدبن میٹھی گرِتھ ڈٕ دی متبن پادن شہلاوان تہٕ مُنزٕل بد کڈٕنچ ژینہٕ ون دِوان پرٕتھ انٛدٕ ژھوپہ، نہٕ ستھ نہ صدا۔ ییٚتہٕ صرف تہٕ صرف اکھ فکرٕ ذکرٕ ہٕند بن......

تمن گونن پنہٕ پنہٕ کرٕنکی سنٛز کران یمہٕ آچھرِ بن منٛز ہیٚنہٕ یتھ ڈیشنچہٕ خمن چیرٕ ژٹی

ہٕتی چھہٕ ۔ زوٗنہٕ گاشہٕ چہٕ خاموشی تہٕ اَنٛدی پکھکی ماحولن دژٕ اَنٛد رٕمس سوٚ درس

گژھ ۔ سہٕ لوٗگ گژاپہٕ مارنہٕ تہٕ راٗ ژھنٛد جودوٗز نوٗون تمہٕ آیہٕ زنتہٕ وٗ داسی

امارو ہیٚوت نژن تہٕ وُٹھن کُمجار گرتھ لگی اسن کھنٛگالہٕ تراونہٕ ۔ ہوش ہیٚوتُن

ڈنٛجہٕ یُن تہٕ گمو دیُت زرس زرس سگ زن تہٕ لُج آبشارن وٗ زنی ۔ نوبن

نعمن لوٚگ آے تہٕ پاے ٕگنگراپہٕ مُشر ووسوٗرے ۔ زوٗنہٕ گاشس ژہ دنہٕ

چہٕ راپہٕ لجہٕ گنہٕ یٖمہٕ کہٕ سنٛز بہہٕ ہتی سوتٕر لیش ژھینٛہٕ ۔ یوسہٕ واٗ کنہٕ وژنو واٗنج

بزتھ تجمٕہٕ چھے ۔ یٖمی اَرکس اَکس قطرس کرٕ یشہٕ ناٗوتھ تتھ جنونس زایُن چھُ

دیُتمت یٖمہٕ نہٕ تلہٕ تاٗج وراٗے رکھنہٕ تہٕ پلہٕ پوو ۔ یتھس اضطرابس

اندر رہنہٕ یتھ نبس مُدٕ ے گنٛڈتھ کیاہتام منگان ۔ یہٕ زاٗنتھ زٕمنگہ منگ چھے

یاونس آے تہٕ جدوجہدس ژوٗن پاے باگہٕ انان ۔ یتہٕ کاٗنسہٕ ڈکہٕ بڈس

ملرٕ بو چاٗوتھ تہٕ نہٕ گوٚل یوان برٕتھ تہٕ کاٗنسہٕ دامہٕ ہتی نیٚول ووزُل دژٕ یٖنٛٹھی

اَنتھ زالہٕ لاگان ۔

پوٚز کتھ چھے زوٗنہٕ گاشچ یُس پرٕتھ انٛدٕ سفیدی ہنٛد ورشُن کران تہٕ

اضطرابہٕ رٕکس سوٚ درس جوشہٕ اَنتھ باکہٕ ژھٹناوان زٕ کرتہٕ کاٗلی ژھوکہٕ دوہ

گاش تہٕ راٗ ژھنٛدس گٹہٕ زٕلس وسہٕ ہے گاشہٕ لژہج زال ژٹان ۔ دوہ لوسنس

ءستۍ ءستی چھے مُتۍ ءسثرٕ وأنجہٕ نیزٕ ترٕ ثرٕسی لگان ۔ أچھ درس لگتھ کرتہٕ کأڈٕ ثلہٕ
آفتابس بالہٕ رٕکنٕ نیرتھ تہٕ شیہلہٕ شأہکۍ مِلہٕ وٕنٕ شفقکۍ رنگ گنڈن ڈرکۍ تہٕ
ہِن ونہٕ وُن ۔ شامہٕ رٕنٕ ژٹن جامہٕ تہٕ لگن ہرٕننہٕ ژھالہٕ مارنہٕ ۔ گُلبن کٹھن
لگہٕ حرکت تہٕ لنجہٕ ہِن آلوٗن ...... منگہٕ منگ لگہٕ ژووأپأرکۍ ...... کُنہٕ گوٚ ژھنہٕ
بوچھِ ہٕژرن نظرن ہُند جود آوٗتُن ۔ شاپہٕ لدٕ چشمہٕ گژھنہٕ پٕزٕ أنس داتھرٕس
پھیُر دِتھ تِمن زخمن أس مُورأ وِتھے آنٛگس پزأر وُن تھاونہٕ ۔ تِم زخم گژھی
نہٕ مہلامہٕ باپتھ کرٕیشہٕ وٕنٕ روزٕنٕ ۔ یِم زخم فکرِ ہِندٕ بو زولانو دِتۍ ءتۍ چھِ
آسان ۔ زوٗنہٕ گاشی چھُ ستہٕ ساسٕ شرن دأریاوان دأریاوان سوٗنزلہٕ ہِندٕ بن
ستن رنگن مو چھِ منزٕ ژٹتھ شامہٕ ژھاین منزٕ پرٕ کران ۔ ژھالہٕ نی نی اکی رنٛگ
مِلہٕ وَن گُرتھ شفقن سفیدی مُلتھ ناثپہٕ ناوان تہٕ نافہٕ ژھٹہٕ ناوان ۔

مرگن، بالہٕ تھنگین ، ویرٕ وارن سبزارن ، کولہٕ رادن تہٕ آرن گاہ
ناثپہٕ ناوان ، پٕزتھ شاپہٕ اسہٕ ناوان ۔ گاہ پوأنی لولہٕ آگرن اسہٕ وٕنہٕ ہونٛجہٕ
گرٕزٕ ناوان ...... شیہلس تہٕ مُوہلس شامس سوٗژوواوٕ رینگوءستی ملر بن ٹھان
ٹُلنس مجبور کران ...... ٹاسہٕ راے ...... سوٗ ٹاسہٕ راے ءیتھ منزٕ زندٕ روزٕنکۍ نغمہٕ
چھِ شہہ لبان ۔ ژھوپہٕ ہِندٕ بن پردن سوٗر زنوان گرِتھ ...... ملر بن ووتھان
ٹھان تہٕ اِنٹٕ ٹھاسہٕ وان اکھ أکس ءستی پان ۔ پیمانن ووتھان تھرٕ تھرٕ ۔ ژکۍ

نشانہٕ لگان پننہِ ہیٚرٕ منٛز تتھ وۄشلنہِ۔ کُنہِ لگان سوتہِ واوٕک سوز ملرن زایٖن دِتھ مُدرس مسس بوش کھالنہِ......شیٖہلہِ شامک مس لگان جوشہِ تتھ گژ کنہِ تہٕ ژھالہٕ مارنہٕ۔ نہ روز ییرٕ تہٕ نہٕ تھاوِن بٔتھی......پرٛتھ انٛدٕ گوٚ کُنےٚ آلو۔۔۔،

"ژھوپہٕ ہنٛدبن پردن گرٕیوٕ رٕ پار۔" شوقہٕ والو ہیٚتی پنٕنی پیمانہٕ نوزُک گُلبن منٛز ژٕتھ یمن اُدلیوٕ ژھوٕستی میٹھی کرِنی۔ یوٕ چھ ہتین وچھن لوٚگ کرٕیشنگ نار ژھبتہٕ گژھنہِ۔ گاشہٕ زٕ ژوآوٕٹ ہن ہن تہٕ سأری ہے سفیدی مٔلِتھ اُندی پکھس پرٛ بزلاوان۔ تتھ حیاتی لوٚگ سگ یوٕسہٕ ووکھِ تہٕ ہأبتھ ناکھ حالن زالس اُس لاجمو۔ شیٖہلی تہٕ شوٚدی گاشن کاشپہ نأوی تم پاسنہٕ دریم گٹہِ زلہِ منٛزی ژھیپل ژھانجہٕ گنٛدِ تھوتہِ اُسی ڈالان۔ یوٚت یوٚت زوٚن گاہ روٗز ژھٹان تیٚوت تیٚوت اُج کاینات کاڈ کڈنہِ۔ ذہنچہِ چہٕ بنٛد دارِ گیہِ یلہٕ، پچھ تہٕ ووکھ خابوروٚٹ مزار، پوٚت ونہٕ کمن اُنہٕ خانن پھو گاہ، درودیوار آے وولستھ تہٕ لگی وِسنہِ تہٕ کھکھرٕ مارنہِ۔ یاوٕن آوجوشہِ تہٕ متہِ ونہٕ کوٗلو ہتوامارو تٕلی نٔوی نغمہٕ مُدرِ تہٕ میچھِ لیہِ منٛز، سأری ہے اُج وُزِنی تہٕ ووتلیہٕ گنگرلیہِ ونہٕ وِگنہِ گیہِ مژٕ نیٚندٕ ربیدار تہٕ ہیتکھ حیاتی ہنٛدی نغمہٕ گیوٕنی، سازن لوٚگ مضراب اضطرابک جنون گومس۔ تتھ مستی لوٚگ زایٖن ییمہِ مژرٕک زیرٕ بم شاپھ دِتھ اوس سوومُت۔ پرٕخمار واوِ رنگین لول برنچ کل روٗز زوٗنہٕ راتٕ ژمنٛز گنان

تہٕ درایہ ژھالہٕ ماران۔ نظرن دژ اوورتہٕ کاڈ کڈٕتھ باسیاوڈینجہ لوٗگ وار وار
ووتھنہِ۔ ڈینجہِ خمن منز ہبنہٕ آےٚتی شرلگی ہوٚشیار گژھتھ ژھپل ژھانجہِ
گِندنہِ۔ زٕنہٕ گاش اوس یمن رنگہٕ رنگہٕ آے تہٕ پاے بخشان۔

یوٚ دوے زٕنہٕ گاش زرس زرس پنہِ مدٕ ماٗتی رنگہٕ ہتی رنگان اوس
پوٚز کُنہ کُنہِ اُس وُنہ تہٕ ژھاے ساےٚ رُوار خیالن کوچہِ پھیٗر کرُن ہوان۔
زٕن یوٗت تھدان تیٚوٗت تیٚوٗت سنہٕ رن تہٕ تھزرن سفیدی ملان تہٕ درشن
داربن پیٚٹھ ریٚوٕ ڈمتین حببہٕ اُنتھ من رژنہ ناوٕنکی سامانہٕ گران۔ زٕنہٕ گاش چھُ
برگاٗمتین شرن آشہِ ہُندہ ہانزرٕ نالی ترٕاوِتھ شوقہٕ انان۔ شایدیہ زٕانتھ زِژلہٕ
وِنی گٹہٕ تہٕ پھولہٕ وُن گاشہِ بہار ماکرِ کُنہِ گژھانگل۔ راٚژ ہُندی گٹہٕ کارن
ژاٗپی ہتی امارتہٕ دُہلی پاسخ درو برٕ کُری ہتی حبس ازلولہِ کس وچھس چیرٕ ژٹتھ
زونہٕ گاشچ مُدرتہ میٹھ دارگلہ گلہِ چوان تہٕ زون یمن کوچھِ منز بٕژتھ لولہِ للہٕ
وان تہٕ نوٗحیاتی بخشان۔ ژہ دِواٗنی نظرن ٹھٗری ژلان تہٕ نٕوی سرحد تھنہٕ
پیوان۔ اتھ حالس منز برٕلی خیال جوشہِ یوان تہٕ بکہٕ کرِتھ وُٹھن پیٹھ ژھالہٕ
ماران۔ گاشلی بہارک موٗل متاژمس ژمس منز شرٕ وپرٗاوِتھ نوِ زندگی ہُند
آغاز کران۔ یرادن، تابس برٕ ژرگرِتھ آشن گاش منگان تہٕ امارن گوٗل
برٕتھ گلستانس منز ژھوہ مارناوان۔ بےٚ تاٗبی نوٚ وطرح دِتھ تسلی دِنک سامانہٕ

گرناوان۔

زُونہٕ گاش ...... تھدان ...... تھدان!! اسفیدی ملان تہٕ موکھ پٕژنی راوان۔ زرس زرس گاشہِ سُری نوان کرِتھ۔ مُرگن چھُ ہران حُسن تہٕ کوہ تینتالیبن ہنز وأناکھ رکھ، نارتہٕ کھیہٕ گاشہِ بُزی گرِتھ گاشر بن رنبہٕ ونبن مُنارن بارسس انان۔ شامُک شُہُل واوجوشہٕ اُنتھ دزٕونہٕ منقلہٕ مُوھیٔل سوکھ گلی میٹھ دِوان۔ تاپہٕ کرایہٕ کاڑ ناوِ مرٕلنگ لنجہِ تہٕ بُسہٕ آئتی پنہٕ برگ واوِ رینگہِ ستی اسان تہٕ وسان، اکھ اُکس ستی پان ٹھاسہٕ وتھ گاشس ژہ دِنچ تسینہٕ ون دِوان۔ زُونہٕ ہندی سوٚتی پأری ترٚاوِنی ژھبنہٕ گاشتن ارمانن اکھ اُکس نکھہِ اُنتھ گنی اُڈرن کران تہٕ سفیدی مُلتھ پر ژھینمن تہٕ ٹھُٹھی لگی متین وتہٕ ہاوُک بنان۔ زُونہٕ گاش جگرتارن مایہٕ ہُندنم تہٕ رایہٕ ہُند چھُل دتھ تم نغمہٕ بوٚمبراوان ییٚتہٕ بےٚ تاب امارن تسلی تہٕ تشفی باگہِ چھِ یوان۔ تِتھِس سازس چھُ مضراب لگان ییٚتہٕ اُچھن ہندی ٹأری وٹنہٕ ییتھ آکاشہِ پیٹھ پاتال تام سارِنے پڑاون سأرچھُ کرناوان۔ خیالن ہنز کھسہٕ وسہِ تہٕ ووسہٕ دژ وسہِ ستی منہٕ سوٚدرس ملر تلِتھ تی سرِ ناوان ییتھ وبو ہار گرِتھ سمکھی دامن جرنٔلی گون بدِ نیرن۔ امہِ کِس دامنس رنگہٕ رنگہٕ اُنزول وونہٕ نِکی خاب ہبن دأ یراونہٕ تنز۔ گُنہٕ ٹیچل تہٕ ہورتہٕ گُنہِ سُمی تہٕ ورِ ہلی گل ووتلاوتھ تتھ نقش کأری بارسس انان

ییتہٕ کُنہِ دُرٛیُت تہٕ ہیکہِ روٗٹہٕ گرِتھ ۔گاہے سوٚنچکی تارِ ژھٔری گرٛھان تہٕ یہِ
مأنۍ راوٗنس آمادٕ کران زِ "ہارِس چھےٚ پننہٕ غم کرمن تہٕ پاپن ہنٛز ژھاے، سو
ژھاے یتھ پتہٕ کُنہِ اکھ آواز ...... گگراے ؤنی توس یاوٗ زملہِ ہُنٛد پرتو یا
ترٛٹن ہنٛز ژینہٕ ون یا آواوٕنی توس۔" یوٗ ززوٗنہٕ گاش چھُ ٹیچن تہٕ ورہجرن
موچھِ موٗرن گرِتھ یک ڈال بناوان ...... کُنہِ ہور تہٕ کُنہِ چھوٗت تہٕ کرٕہُن
اُکی ہیٚ رنٛگس منٛز رنگہٕ ناوِتھ اتھ مأرِ منٛز رنجشاہ۔ تِکیاز زوٗنہٕ گاش چھُ
ژھایہِ گتِین تہٕ وِہِن شاپھ دِتھ زگس تہٕ پرٛیٛنس ژأر کرِتھ بُتھٕ رنجشان۔
سمہٕ نیار بدٕ کڈِتھ تہٕ گھرِ دار تہٕ ورٕہٕی موٚڈن کھور ٹھہراوِتھ پکنچ داے
دِوان۔

یوٗ دوَے کُنہِ زوٗنہٕ گاشس اوبرٕ لوٚنگ دِتھ زن پدبن تل رٕٹتھ
اُمی سُنٛد پرٛزلہٕ وٗن بُتھ ژھایہِ بزِ تہٕ چھُ کران۔ یوٗ زتمہِ وِز تہٕ چھُ
باسان زنتہٕ کاتہہ نازل پٔن پأڈی مس شیرِتھ تہٕ پورِتھ نتہٕ کوسہٕ تأنی مانہٕ رینٛز
زُلفو آوٕٹ ہو۔ نتہٕ تأنی وِکس پٹھ مایہ ہُنٛز سوندرا ڈیکہٕ لأنس پرٛاران
پرٛاران چھنٛدریاہو تہٕ ہرنہٕ چشمن گاش ژھوکیومُت تہٕ زن ہوٚشکی جامہٕ
وٚلتھ تہٕ جنونس جیرِ تُلِتھ بُتھ ژھایہِ تھوومُت۔ اُتھی حالس منٛز ہوان مُدر
زوٗنہٕ رأژ ہُنٛد خوشوٗن واوڈالہ دنہٕ تہٕ جوشہِ یتھ ہشہِ کاتُھ رٕٹتھ گٹہٕ زٔلی

اوبرس پنہٕ پنہٕ کرُن ۔ زُلفن چھےٚ لگان تھتھراے تہٕ زوٗن چھےٚ نیران گاہ
ژھٹان تہٕ نافہٕ باُگران ئژ ۔ استہٕ استہٕ داہٕ رینگہٕ واوجہٕ واو کران تہٕ گلہٕ
آلوان ۔ماٗری مٗندِس بتھس ہوان موکھتہٕ ہرُن ۔ منہٕ پھلین ہُنڈ وِرُدچھُ
گلہِ ٹوربن اسِنج کل کڈان تہٕ حسُنس اضطراب باگہِ اُنتھ عشقہٕ سوٚ درس ووٹھ
لایہِ ناوان ۔ امارن ہُنڈ تژر بارٕ بگہٕ یتھ زندگی ماٗری موٚنڈ انہار بخشان......
اُنڈری دم پھُٹ ہاوس ہتھ کھاُلتھ چشمن وُزِنی بخشان ۔ دارلُگتھ اوٚش ووِنی
رُمس رُمس تہٕ انگس انگس ئری گرِتھ گژاہ گتھ چھلِتھ زوان تہٕ موکھ
پرٛنراُوِتھ سوٚ درس ڈُنگ دِنچ کل کڈان ییتہٕ زوٗن غوطہٕ دِنس منٛز محو چھےٚ
آسان۔

یوٚ دوے زوٗنہٕ گاش پرٛتھ انڈہٕ شہلتھ، فرحتھ تہٕ مُدرتر واتھ وجودس
دِھتھ مرٛ ہلس لولہٕ منٛزلسِ منٛز لولہِ للہٕ وِتھ نوٚ ویاوٗن چھُ باگہِ امان یوٚ زگنہٕ
اُمی ہندی رنگ بدلاوِنی چھِ رنگہٕ رنگہٕ راین تہٕ تژ این زاین دِوان ۔ کھسنہٕ وِزِ
سوٚتی سوٚتی مدِ ماٗتی پوری تژاوِنی ...... پتہٕ تھدِتھ آوڈ اور تہٕ اوڈ یور ییتہٕ ہیر بون
پتہٕ بژ وٚشہہ تہٕ ڈیچھنی کھوری کُنٔے گاشہٕ ورشن کران ۔ ییتہٕ وِسان وِسان تہٕ
پوٚت پیہرن گمانہٕ گژھان زنتہٕ یہ بامبرٕ ہمٕ ژلہٕ لارمنٛز دوران چھےٚ ۔ نتہٕ
کستاُنی تمہٕ رایہ پتہٕ دوران تیمی ہندِ لولہِ بتھس ووشلنی ژھٹھ چھس پھیران تہٕ

تمہِ آیہ گُمہٕ پھٹان ییٚتہٕ گُمہٕ ٲری پٔز زٕلوٗن بُتھ لولہٕ ہتئین وچھ چھُ کوٗران ،
زنتہٕ موکھتہٕ ہاردانہٕ دانہٕ ژٔسی پھوان تہٕ لولہٕ وٲلی ہلم داٚرِتھ آنٛچہٕ منٛگان ۔
سوٚ درٕ دٕہس پتہٕ مٔتی عاشق تھلہِ تھلہِ وُچھان …… پدٕبن سوٚ درٕ ملر میٹھُی دِوان
دِوان تہندِس انٛگس انٛگس تراوت تہٕ فرحت بخشان ۔ سرٕ کی پمپوش پنہٕ نس
حُسنس برٕ ژرکران تہٕ کھیلہٕ وتھر موکھتہٕ دانن لولہِ للہٕ وان ۔ کھیلہٕ وتھر واو
رینٛگن ستی ستی ژھالہٕ ماران تہٕ موکھتکی پٔز بزٕلوٗنی دانہٕ تہِ ذکر کران باسان ۔
شاید پاسِ اُخرس پیٲران پیٲران کتھ تاٚنی بارگاہِ سجدٕ دِنچ سکھر کران ……
شاید زوٗن تہِ پنُن نوزُک بدن ناوتھ دِے تہٕ دِزٕہ کاٚستھ شوژِ شانہِ بارگاہ
نمنچ ٲرٕ کران ۔ ژوواپا سے پٔز بزٕلوٗنی تارکھ زوٗنہِ پنُن امام زاٚنتھ اُمس پتہٕ
اقتدا کرُن یژھان ۔ ☆☆☆

# ہاوس

یِہٕ دوَے زِیٚوٗ لفظ ''ہاوس'' تِل ترٛاوکرُن سہل چھُ باسان۔ پوٚز

امہِ کِس پوٚت منظرس سٔنتھ چھِہ تم بےٚ سوکھ دٔریاو ژھٹہٕ ماران تہٕ

پھونٛکان درٛیٚنٹھی گرٛھان یمن منز آنٛتھہٕ رٕسی وٕٹسی گاٗمتی ارمان گاہے وۄتلان

تہٕ گاہے بوڈان چھِہ ...... منکی پرچھِہ واوجہٕ واوگرِتھ ذہنہٕ کیٚن پوٚت ونن ژھونٛڈ

دِیاوان تہٕ تمن گونن دوئرٛوھراونس تہٕ گرٛنٛد کرنس ستی آورٕ اُتھ صرف تہٕ

صرف یِی بدِ کڈناوان زِ ...... ''کیاہ وُچھ؟''، ''کیاہ سوٚر؟'' تہٕ ''کیاہ رُوٗد

کرنٕے؟'' کمہٕ شرگے اٚندری دم پھٹِہٕ تہٕ برٛگرِتھ گے وٕٹسی، یمن دولابن

ہندِس نزالس منز ہبنہٕ یتھ چھنہٕ کُنہٕ موکلن پاے باسان۔ اکہِ برٛ منزٕ نیرِتھ

بٲیس برٛس منز آچھہِ گرِتھ الہِ ترٛوجہٕ کرناوان۔ یِژھہ کشمکشہِ منز ہبنہٕ یتھ چھُ

منگ سۆ دُر بۆ کرِتھ وجودس ئری پیٹھی گژھان۔ییتہِ گاہے ملرگاسہِ خسہِ ہنٛدی
پأٹھی ڈٕھتھ نوان تہٕ واتژرس منٛز أنتھ نژناوان تہٕ گنہِ آوٕلنین منٛز اور یور
ژھرتہٕ ژھرٹھ کرناوان۔اتھ حالس منٛز چھُ کلہٕ گیوٗ رووتھان تہٕ سورٕے چھُ
نژان باسان۔پانس پیٹھ چھُنہٕ اکھ رژھ تہِ اختیار روزان۔وٕٹھن چھُ تل
تژاو لگان تہٕ زیٖو پیٹھ یتے یوت یِوان ......"ووچھُم کوتاہ؟ کوتاہ چھُس
وُچھان!!" وُچھ وُچھ تہِ چھُنہٕ تسلی یِوان ......اورٕ یور تھپہِ دیٖاوِتھ چھُم زن
کرنجلہِ آب گژھان۔پلہِ چھُنہٕ کہنی پیوان ......یۆدوٕے وُچھان
وُچھان تہٕ داچھان واریاہ سرُن چھُ پیوان یۆزئرِتھ تتہٕ کہنی
بأوِتھ ہبکان۔باسان چھُ زِ گرِتھ تہِ روزان واریاہ کرنے ......یہ کینژھا
کوٚرتتھ سام ہیٚتھ یوچھہِ ہُنٛد نار زیٖادٕے وُہُن ہوان تہٕ أنٛدری پھکھر
کھاأتھ بےٚ بس تہٕ بےٚ پژھی ہٕنٛدِس گرداںس لاگان۔حساب چھُ شہس
شہس تہٕ ژہس ژِہس۔امبرس باسان کیٖاہتام یۆز جمع تفریق کرِتھ
باسان پان گاٹس منٛز۔ہوان ضرب دیُن تہٕ باسان سراب بیٚیہٕ تہٕ کہنی۔
بےٚ تسلی ہُنٛد گرداب راوٕ راوان شمارس تہٕ حأصل صرف تھپل ہوٗس ......
تیہہ أنٛدری وُہان روزان تہٕ ارمانن شاپھ دِتھ یۆت ونہٕ کسن انہٕ گٹہٕ خانن
منٛز تہہ بہ تہہ تھاوان۔گنہِ نہٕ روزان پنٛز ہیت، سورٕے بدلان تہٕ کھالان

سوٗنچہِ سوٚ درس بار......

اتھ حالس منٛز پرٕ گرٕھتھ چھُنہٕ شُو کرنہٕ ورٲے کانٛہہ چارٕ لگان تِکیازِ ئس شُو چھےٚ هاوسن تہٕ برٕ گاٗمتین شرن وارٕ وارٕ ڈٚنڈ بدلاوِتھ تمن ٹھٔربن تہٕ أندۍ رٹِنین کانٛہہ رٹان تہٕ تتھ زالس پنہٕ پنہٕ کران تیٚمۍ زندگی ہُند لوٗبہٕ وُن تہٕ شوٗبہٕ وُن ڈٕریاوتھامہِ چھُ آسان کوٚرمُت۔ تہٕ اتھ ڈرِیاوس تارلگنہٕ باپتھ چھ هاوسن ہنٛز ناوہ بناوِتھ اپورترٕ نکی خاب وُچھان۔ ییٚمہٕ خابن منٛزمس روٗزِتھ ژٕهنن منٛز تمن خیاٗلی پلانن تہٕ پرٛوگرامن عملہِ منٛز انان ییٚمن وٲنسن ہنٛز ضروٗرتھ چھےٚ۔ خیاٗلی صحراوبدٕ کڈِتھ چھ برٕ گاٗمتین شرن ہُند امبار ووٚھرِتھ یِوان تہٕ چھےٚ تحت الشعورس گیٚوٚ رٹلان۔ سوٗنچہِ سوٚ درس چھُ ہوان وچھ پھرٕ گن تہٕ أچھوٚ کنۍ چھُ بزٕبہہ ژھٹان، أتھۍ اضطراری کفیژٕ منٛز شعوٗرس گن لمان لمان utopia چ شکل پرٛاوان۔ اتھ کشمکشہِ منٛز چھِ هاوس رانس نظرن ٹھٔرۍ ژلان تہٕ اکھ عجیب کفیت چھےٚ تھنہٕ پیوان۔ وِہِن تہٕ بزٕاٗمتین ہُند سہٕ اِنہٕ گوٚٹ چھُ وُچھان وُچھان غاٗب گژھان تیٚمۍ سوٗرے زاٗج ہنٛدِس گہلِس زالس منٛز آچھہِ چھُ آسان کوٚرمُت۔ تتھ کٕرٕلی ونس چھُ سوٗر گرِتھ نظرن ڈوٚکہٕ کڈِتھ وُپھناوان تہٕ رنگہٕ رنگہٕ رنگن وِنٛو رٹلناوان۔ مٹہٕ مٹہٕ دِوان تہٕ حوصلہٕ بخشان، قدمس قدس رہبری کران تہٕ وتن گاشراوان۔ خوفتہٕ

احساس نوٚ و زُو زبتہ ژٕ اُوتھ ژبتہٕ ڈٕ ترِس کھمرن دِوان تہٕ سوٚنچہٕ سوٚ درس کھولو کُرتھ وٕنسی گاٚمتس پرادن ووتلاوان۔ تِمن آے تہٕ پاے کاٚنچھان تہٕ جوشہٕ اُنتھ چھاوس تھاوان تہٕ داوس پیاران۔ ہاوس چھ وولستھ یِوان تہٕ طلوطم ٹُلان۔

ہاوسن ہُنٛد انداز چھُ سوچس نٔوی طرح تہٕ مِیزان گلہٕ مِیٹھ دِوان۔ ذٔہنی پلان چھِ ووتھہٕ ژھانٛٹھ ہوٚوان کرٕنی، تِمن نامُر اُدین تہٕ شرن پوٚرٕ گژھنکی خاب چھِ ووتھہٕ بولبان تہٕ خیاٚلی صحراوس منٛز پرٕ گژھتھ نوٚوٕ ے عالم سران۔ یتھ لنجہ شُہلی ژھٹھ چھےٚ کڈٕ مٕژ آسان تتھ چھےٚ تاپھ پٕتھ ہیت بدلان، ژھایہٕ ہٕنٛی آوٚ ٹُمت ڈٕ دون چھُ پھٕلتھ یِوان تہٕ ہردِنہٕ ژھٹہٕ کھیمتس چھِ ہوٚوان بامن پھٕٹنی۔ سبزارن چھُ لگان آے تہٕ پاے۔ کرٕہنی کٕنٹہٕ کال پرٕد چھِ پنہٕ پنہٕ نیرِتھ ژلان۔ یِنٛز وٕ ونن بیٚون گرٕھتھ چھُ سورٕ ے عیان باسان۔ گُنہٕ چھنہٕ ژھاے روزان یِیمہٕ کِہ بر کتہٕ زندگی بُتھہٕ آٚتی وٕہکی قلہٕ چھ زمین بوس گرٕھان تہٕ نوٚ وصبح چھُ پرتو ژٕ اوان ژٕ اوان انہٕ گٕٹ کوچن گاشراوان۔ واو طوٗفان چھُ ووتھان تہٕ تتھ ہایہٕ زاٚج گُنٕے ڈٕو دِتھ موکھ پرٕنی راوان پکان تہٕ سیکہٕ صحراون بدٕ کڈتھ چھُ مرگن ہندی گٔنڈی زارلتہ مونجہ کران۔ ژھوپہٕ نیال گاٚلتھ چھُ دبد ربن تہٕ جلن مُدرٕی نغمہٕ گیوٚ ناوان۔ وِر

کیٚمبن تہٕ ٹیکہٕ بٹہٕ نٔبن چھُ وجدس انان، پٔرتھ اندٕ چھُ چٔری گیٚش، ووٚنڈٕ مٔژرن آوٕڈٕ ہتِو خاب چھ ووٚشت کڈٕتھ لولہٕ کین نٔٹن پٔتھ نوبن آشن ہٕ گنٛگراوان۔
ڈٕ دِ متمن بدنن چھ، سینہٕ چاکھ گٔرتھ حال باوٕ ناوان، برٕ گامتمن اَندی رٹن چھُ هاوس ساوٕ روارمس پیالہٕ چاوتھ سکون بخشان تہٕ سورٕ ے پتٕم مشرا وتھ ہن ہن تہٕ انگ انگ وولستھ انان۔ شادمانی ہٕندی سرحد چھ گلی آلہٕ وان تہٕ مٔژرلس گٔن اشارٕ هاوان۔ ووٚتھن پتھ سوٚت سوٚت اُسن کھنگالہٕ چھِ کھکھرِ مارنس پیاران تہٕ زنتہٕ راہی صابٕن یہ شعرٕ گنٛگراوان

سبٹھارٕ ژٕ رہبری گٔر هاوسوے سفر کڈی کڈی تہٕ چھم باقے سفر ہو
یوٚ دوے مٔزِل پژٕاونس مٔز واریاہن ہوٕ ہٕربن ہُنٛد ڈنگ چھُ
آسان لوٚ گمُت۔ یوٚ ژٕ هاوس چھ مِٹہٕ مِٹہٕ دِتھ بروٚنہہٕ پکناوان۔ کرٕ چھرن ہُنٛد
مٔزٕ چھُ اُمس امر بتھ بٔنتھ مٔزِلک وتہٕ هاوٕک بنان۔ مٔزِلچ وتھ یوٚ دوے گٔنہٕ
دوٕ ران تہٕ چھے تہٕ گٔنہٕ وٕنیب گٔرِ ھتھ راوان تہٕ چھ، یوٚ زدوٕ رٔنس تہٕ راونس مٔز
چھِ هاوسن ہٕنٛز رہبری اتھہٕ روٚٹ گٔرِتھ بدلے کیفیت عطا کران تہٕ حبہٕ اُتھ
پٔتن اکھ جداگانہٕ روٚپ تہٕ آکار پراوان تہٕ سو آگاہی چھے ژاشرن میچھرٕک
جامہٕ پارا وِتھ بٔڈ وٕنہہ پکنٕکی سامانہٕ آیتن تھاوان۔
هاوس چھ تِمہٕ مِتہٕ جنوٕنکی سوٚتی پرتویہٕ زندگی ہٕنٛدبن کھری دارٕ ڈینٛگبن

آچھر آچھر تِلتھ پنہٕ پنہٕ وٚبجر اوان چھِ تہٕ کمن نازن تہٕ نخرن نوٚ وآے تہٕ پاے بخشان ۔ ہاوسن ہُنٛد سو کھہٕ بجر چھُ کمن شیٖنہٕ تھگین وبگلاوِتھ بُتھ ووشلاوان ۔ کُنہِ بڑ بہہٕ ژھٹتھ مغرور تہٕ تکبرن ہندٕ رٕ کھیمتن کوہن أندری کوٚرِتھ ژس نوان کٔرِتھ ۔ گاہے جوین مژر تِلتھ تھزٕ ر پیٹھہٕ رکنہِ والان والان تہٕ وچھ کوٚ ران کوٚ ران بڑ وٚتھہ بڑ وٚتھہ پکناوان ۔ گوڑ پکہٕ وٚنی آبہٕ چھوٚلہٕ ہن سور پھہٕ ہٕنٛدی پاٚٹھی ور گٔرِتھ پتہٕ کولن تہٕ آرن ستی اتھواس گٔرِتھ مُدٕ رتہٕ میٹھ لہر ترٚ اوان ۔ رسی لین نغمن گوٚان گوٚان پکان ۔ بٹھین تہٕ بیرن ہُنٛد ماٚرٕ مٔنز ر تھچہ مژن نظرن شہلتھ پاوان ۔ کمن بے آرامن مستی ہُنٛد پیالہٕ چاوِتھ پل شانٛد دِتھ میٹھ ہِنٛدر پاوان ۔ خوشونہِ واوُک ہوٚ ہوٚ تہٕ آرن ہُنٛد گرزچھُ غمہٕ کبو زولانومژ کڈِتھ فرحت بخشان ۔ تھکی متین تہٕ لوٚسی متین بڑ وٚتھہ پکنہٕ باپتھ متہٕ متہٕ دِوان تہٕ حوصلہٕ بڈاوان ۔ اتھ حالس مژ چھُ ہاوسن ہُنٛد مژر لگی متس ہندرِس وُشناوان تہٕ بےٚ حرکت منہٕ سُدرس چھُ کھالان گرٚکھ، ذہنہٕ کین پرن چھ کڈناوان واش تہٕ پتہٕ چھکھ وُپھناوان ۔ شٕنیہس مژ چھس ژھالہٕ مارناوان ۔ کیا ہتام ژھانڈناوان تہٕ پٔرتھ انڈٕ وٚنی دیاوان ۔ ہوٚہس گیچہٕ گٔنڈِتھ تاپس یرٕ ھان ترٚاوُن پوٚ زتار چھنہٕ زانان تِلکیاز تاپس چھس کُنہِ ترو تہٕ کُنہِ اوبرٕ لوٚ نگ ٹھرِ زنتہٕ وٚتسی گومُت کُنہِ بال ۔ پٔرتھ انڈٕ زول دِوان تہٕ

کنیٚا ہتام ژھاران باسان۔ لینٛج آش کوچھِ للہِ وِتھ ہنہٕ ہنہٕ گاران۔ فضہس منٛز تہٕ ہوان ڈُنگہٕ دِنہٕ۔ خیاٖلی پیکرن تہٕ رٔنبہٕ وٕنین خابن ہٕنٛدی طوٗمار نالی تر اُوتھ وومیزن پلالہٕ کران کران چھےٚ شیٚچھ آش بے شوٗنکھی پاٗٹھی وہمہٕ کین مربن پھٹراوان تہٕ ہنیٚو رہنیٚو رپلو کرناوان۔ نظرن دورٕ ناوان تہٕ اورٕ یور کرناوتھ ژھونٛڈ دیٚاوان۔ وچھ چھُ ہوان پھٕر گن تہٕ شہن ہنٛز کھال وال چھےٚ تیزان۔ اَکس اَکس شہس منٛز چھِ ہتہٕ بٔدی ہاوس زاٮٕن لبان یمہٕ بامبرِ ہتین دِلاسہٕ تہٕ پٔتہٕ ہانٛگلہٕ منٛزٕ ژٹھ بزٕ وٕنہہ پکناوان۔

ہتہٕ لفظن گنٛدنک ہاوس چھےٚ ہیٚچھ نبضٕچ تار ژٕ یٚو مبراونی
یہِ چھُ سوٗرس تل زہتہٕ رچھنک فن ژھبتہٕ گرٕ ھی گرٕ ھی شولان شعر سبٹھا

"راہی"

ہاوس......واوس ستی کُنہِ ناوتر اُوتھ بیٚون بیٚون حالن منٛز عجیب ردِ عمل زوٗراوان تہٕ ذہنس گتہٕ گیٚو رتلتھ اتی یٚو ڈراوان تہٕ اتی ووتلاوان۔ اتھ ووتلنس تہٕ یٚو ڈلنس منٛز چھِ ہاوس رانس نظرن واش نیٚران تہٕ پتہٕ وودشت ہنیٚو کڈِتھ ہبکان تہٕ نےٚ سنگاہ زندگی ہٕنٛدِس سوٗ درس ووٹھ لایان تہٕ ہانٛگنہٕ ژھارنہِ ہوان۔ کُنہِ موکھتہٕ زالو منٛزی ژلان تہٕ کُنہِ موچھِ منٛز لال یوان۔ منٛزی سوٗ درٕ ژٕکس کھولو تلتھ ووکھہٕ تہٕ ہاٗبتھ کرٕ وٕنین شین ستی اسہٕ وٕنہٕ ہونٛجہ،

بُتھی لاگے کران۔ پوٗز ہاوسن ہنٛدِ مارٕ متہٕ دٕ ے کرنہٕ بجایہِ لول بران تہٕ وُٹھن

پیٚٹھٕ گنٛگراوان۔

غمہٕ کِس سمندرس منٛز ہاوس چھِ موکھتہٕ سوٚمبران
شمعس چھُ نوٗر بخشان نارُک عذاب ساتٕے
''راہیؔ''

ہاوس چھِ گنہٕ نیلس آکاشس سوٗنزلہِ ہنٛد بوستو رنگوستی نانٛپہِ ناوان تہٕ

گنہِ کاژ زوٗنہِ اوبر ژٕ ژیوٗٹ لِوتھ گاہ ژھٕٹہٕ ناوان۔ گنہٕ سوہری کھیمتِس

وجوٗدس شبنمی موکھتہٕ گراے کڈتھ نافہٕ ژھٹناوان تہٕ وولسنس أنتھ رونہِ گوڈن

زیٚر دِتھ یاوٕنکی مُدٕری نغمہٕ گیوناوان ...... رونہِ گوڈن ہُنٛد شرٛونی بی

گاٹمتین کافوٗرک چھِر کاوکران۔ ہرِ ژھٕٹہِ موٚمنیا متین جہار دِتھ موٚت

یاوٗن باگہِ انان۔ پوٚت ونہٕ چِن وِگنین ہنٛد ونہٕ وُن تہٕ پرِستانہٕ چِن پرِین

ہُنٛد سوز چھُ مُشراوان۔ یأ گی ہرنہٕ چھےٚ وسان تہٕ تہنٛز سورٕملی چشموژھال مارٕنی

چھےٚ غمن تہٕ نااومیدی بیخ کڈان۔ گریٚشمہٕ کرٕ این شہلتھ بخشتھ رِندن چینہٕ

روٚستے خُمار ژھٹناوان، وِگنین ہنٛد سوز چھُ تمہِ آیہ طوٗفانن گیٚوٗرتلان زنتہٕ

چھےٚ کھوروٗلی ماچھ کولہٕ گرٛزنہِ ہوان تہٕ متین ارمانن دبہ لایہ ساوان۔

ہاوٗس...... وُنُن سہل...... سمٕن کرٕ ڈٕتھ تہٕ گدٕرُن محال۔ ووٗلیس

پڑتس کیٛتُ شہلتھ تہٕ سکوٗن ۔ رنگہٕ رنگہٕ شوٗب تہٕ لوٗب بخشان ۔ ہاوس ہُند وۄہار گٔنہِ آے تہٕ پاے تہٕ گٔنہ وجوٗدس وُترِ بنیٚل ٹلِتھ گاہے ہٕنٛد راوان تہٕ پڑوی تنٛدرُک جوش ژھٹناوان ۔ اتی ہوشس گُلی گنٛڈ ناوان تہٕ اتی مژر ٹلِتھ تمہِ آیہِ وُڈناوان ییٚتہِ گٔنہِ نوٗر پڑٕ وِ ذہنس گاشرٲوِتھ سہٕ ابدی سکون چھ بخشان یتھ منٛز سورے وۄپیٚتھ تہٕ شرٛپتھ چھُ آسان ۔ ہاوس چھ گاہے ہٹرِ ہٹرِ نژناوِتھ سبزٕ تہٕ شاداب گلستان سرناوان تہٕ دودٕ کولہٕ تہٕ ماچھ کولہٕ چھے ژوپاسے ژھٹہٕ ماران آسان ۔ پۆزاتھ گٔن مازنس ٹھاکھ تھاوِتھ وُٹھ پھیشہٕ ناوان تہٕ تھلہٕ تھلہٕ وُچھِتھ تہٕ ٹھونٛڈ کران ۔ ☆☆☆

# مژر

متہِ ونک پرتو چھُ کُنہِ زندگی ہنٛد بن پیچ وتابن کھُر اَنتھ پنہِ پنہِ زوان گرِتھ۔ زنتہٕ ینٛدرس ور دِتھ تُلس زبو پھاٹوِتھ کھکھرِ گژھان۔ ہَگس ہَگس یوٚ دوٚے ژاشن اَنٛدرٹین موٚ دراوِ تہٕ یوٚ زٔژہ کر چھےٚ اوٚنگجہِ ٹینٛڈ بن ہٹہٕ کھالان۔ اُمس پنس ورِ کھالتھ کوٚنلی بتٔر یک باس دِوان تہٕ بوچھِ ہُتس نکواُری رز کران۔ ینٛدرِ پکھچن چھُ ہناٹھہر او بِوان تہٕ واوِ رینگہٕ چھےٚ پھمبہٕ تاسن وُلہِ مُنہِ کھالان زنتہٕ سیکہِ شاٹھن گیوٚ رتُلتھ گردِ غبار تُلان۔ یونہِ چھُ ہوان پکھچن نٔو ناوٕں تہٕ ینٛدرِ کوٹھین چھےٚ لگان تھرتھرٕ۔ رگرٕ کنی چھےٚ ہوان کھکھرِ مارنہِ۔ تُل چھ یکدم رٹان بم تہٕ کنٛز بن چھُ کوٕران وچھ۔ پوٚز یام لورِ گیوٚر چھُ آوٹان تام چھُ کاژہُنٛد ہو ہوشعورس زیرٕ دِتھ ہوشہِ انان تہٕ ہتہٕ

سأسی رنگن زایُن بخشتھ طلوطم تلان۔ اکھا کھ انگ چھُ اکھا کھ رنگ پژ اوان
تہٕ پژتھ کُنہٕ انگس ہیۆن بیون گرُتھ تہٕ آکاردژ ینٛٹھی یوان ...... وُچھِ اُنہٕ ......
یاہاوتکھ یورٕ اُنہٕ ...... سہٕ چھُ ووشلان ...... یۆ زووشلُن امیک چھُنہٕ پھریوٗژ
اُنہٕ اگر پژ بزلہِ تہٕ توتہٕ باسہِ نحس ...... گژھی تنس رُم تہٕ تیٛلہِ گو پڈر
چھوٚت۔ پھٹُرتن تہٕ ووتھِ کژ بکہٕ ناد ...... "یاوُن چھُ بژم تہٕ اوندپۆ کھ بأزی گر
تماشہِ ...... تقصیر !! ...... تقصیر !! ...... کتھ رکژ آیے یتھ ددلابس منٛز
وأنسہِ کڈِتھ تہٕ باسان اُچھ ٹبنڈا !!!" یہٕ کژ بکہٕ ناد چھُ وُزناوان خوفتہٕ
احساس تہٕ خمن منٛز ہینہٕ آمتین ارادن لیہٕ انان۔ وارٕ وارٕ ژاپہٕ ژأنتھ پنہٕ پنہٕ
ڈینٛجہِ کھالان۔ تہٕ پتہٕ آچھِر آچھِر تُلتھ ہُرِس منٛز ژٹتھ ابسنہِ ابسأوتھِ بٹر تہٕ
باش بخشان تہٕ شوقہٕ چہٕ منقلہِ جوشہِ أنتھ گژ کھ کھالان یُس پتہٕ اضطرابہٕ رکس
سوٚ درس منٛز تُلتھ تمہِ آیہٕ ژھٹہٕ چھُ مارناوان ییٚتہِ ملرپرٕ ونہِ ناوِ بال انہٕ نچ ژینہٕ
ون چھِ دوان۔ کل چھےٚ گنٛنی ہوان ناوٕ سأنچ ...... واوٕ رینٛگہٕ چھےٚ سوٚ دِرٕ رَون
تہٕ رِڈن اسناوان تہٕ سأئہٕ متین مأل پھرنچ کوشش کران۔ دِل چھُ بژمُن
ہوان تھہہٕ ترنس ...... یۆ زتارٕ وول چھُ ترٕونین تارٕ ترنس مُدٕے گنٛڈِتھ ......
سوٚ درس چھےٚ وچھِ دُبرائے گرِ کھوتہٕ گرِ تیزان تہٕ ترٕونس اُچھ ناٹہٕ گرتھ ووٹہٕ
انان۔ ووسہٕ دژ وسہٕ چھےٚ احساسس تمہِ آیہٕ وُتش دِتھ کھُر انان ییٚتہِ منٛز رس

آے تہٕ خابن تہٕ خیالن مِلہٕ ون کٔرتھ عجیب ہیٚژ زایٖن چھُ بخشان۔ خابن

ہنٛدی سرحد چھِ اکھاَ کس نزدیک یوٗتاَنۍ حقیقژ ہنٛز زٕلنہٕ ستۍ ذہنس کھسے تٕلتھ

نۆی رنگ وُزناوان ...... بیٚون بیٚون تہٕ بدون منٛزلن مایہ ہُنٛد زال لاَیتھ

گُنٛئے کرٕنکۍ گون ووتلاوِنۍ یژھان۔ یژھ تہٕ پژھ چھےٚ کاڈھ ہوان کڈٕنۍ ......

نۆی طرح چھِ ہوَن تراوِنۍ رد ...... یۆ زرو چھِ خیالن مژر بخشان تہٕ منزل

چھِ بدِ نیران۔ نظرن چھُ نیران واش تہٕ جنون چھ وتہٕ ژھارنس مجبور کٔرتھ

گاشہِ لِتھن پتہٕ دوٗرٕ ناوان۔

گُنہِ بے صبری ہنٛز ژھاے مژرس تھامہِ کرٕنچ سٔرژ کران تہٕ وُسوٲسۍ

پھاٹہٕ وِتھ گُمہٕ سٔری پانس بُتھِ روٹہٕ کران۔ زنتہٕ رون تہٕ دارن پان پُشراَوِتھ

سۆ دُرٕنٛتس منٛز پٔنن وجوٗدٕ دمراَوِتھ اَندری شرٕ وکان باسان۔ مژرٕچ دگ

رُمس رُمس اَندری تیلنۍ ہوان ...... یۆ دوٗے للہٕ وِنۍ تہٕ تیلہٕ وِنۍ دگ ژہان

ژہان چھےٚ زوٗ پھٹتھ نیران۔ یۆ زمژرُک ژاشر کٔتھ ہمہِ، سہٕ چھُ زوان تہٕ

رژھ پتہٕ رژھ تیزان تہٕ تنٛدان۔ سہٕ وُتار ٹلان یُس انکس انکس وولناوِتھ

پھٕرکہٕ ناوان چھُ ...... پرٕتھ اندٕ وُترٕ بنیٚل ٹلتھ ینٛدرس ووٹہٕ ٹلناوان ......

ینٛدرس چھُ ہوان گس گس گرشُن تہٕ سوٗرے ظون چھُ پانس گُن پھرٕ

ناوان ...... ژکرٕ ستۍ کھژ مژ ہٹہٕ چھےٚ مدٕ وُستھ ژمنہٕ ہوان ...... رِگرکنہٕ ہنٛز

کھٕکھر مارنہٕ چھےٚ زخمن کرٛ اٚلی ٹٕلتھ نوٚی انگ کھالان۔ مژھلی آلوچھ شہہ

لبان تہٕ پنٛدرٕ کاژہنٛدِس ہوٚ ہوٚ وس ستی رلہٕ گژھتھ بدلےٚ نغمہٕ ٹٕمبن کھالان۔

ووٚنٛدک جنون تہٕ ذہنک مژر چھُ بیوٚن بیوٚن وتن لٕگتھ جامہٕ ژٕٹنس

واتناوان۔ گراہ چھنہٕ تہٕ گراکھوٚرٕ ظون گژھتھ ہوشہٕ ڈالان۔ اضطرابچ تیہہ

چھےٚ اتی ہوشس نالہٕ متہٕ رٹان تہٕ اتی مژرس پان پُشراوتھ اٚندری

چھنٛدراوان تہٕ اتی گٕلی گٕلی گژھان۔

مژر...... گُنہٕ کنٛڈ بن بوسہٕ دیاوتھ گولابن ہنٛز رش کران۔ وُٹھن

رتہٕ داٚدی کٔرتھ ذہنکی بنجر آباد کرنکی خاب وُچھناوان۔ طرح دار گل

پھٕلراوتھ گُنہٕ سبزارس زنتہٕ تاوژکی کھٕکھر کھالان تہٕ گُنہٕ سوسہٕ ناوتھ کاٚر

نوٚ مراونس مجبور کران تہٕ اتی خوشہٕ وُن تہٕ نافہٕ ژھتہٕ وُن واوساٚدر وار تہٕ

اڈٕ زوٚمتین اٚندرٹین زالہٕ مژٕ کڈتھ نوٚ وزوزبتہٕ تراوتھ عجیب حال سرناوان۔

نظرن ہنٛدِس باڈوس وژھرژٕٹتھ وُسجار بخشان۔ ییتہٕ سیکلین زن گولاب

پھولان تہٕ بالہٕ تھگٕنبن سبز راٚٹھل وتہٕ پٔدی نظرٕ سران۔ وتہٕ پٔدی زنتہٕ کستام

ہٕندی پدویس پٔکی پٔکی پادچھِ پھٔلی متی تہٕ لوٚستھ پیٚمتی نتہٕ تاٚنی منزلچ باوتھ ییتہٕ

اکھ تھکہٕ پینٛڈ ییتہٕ کُستام مژرن آوٚٹمت تہٕ ڈوگس ڈوگس دِلس آمادٕ کوٚ رمت۔

سبز راٚٹھ منزلس گٕن ژینہٕ ون نتہٕ کرٛ یوٚٹھ کھوتہٕ کرٛ یوٚٹھ سفرنظرن سرنچ

باوتھ۔ گاہے مژرٕکبن وأ کنہٕ وژنن ہُند گتہٕ گیوٗر......یُس بڑ وُتھہ پکنہٕ باپتھ

مٹہٕ مٹہٕ چھُ دِوان تہٕ ووٚندس پچھے بڈان ستھ۔ رأٹھن پیٹھی پٔدی ماٹھڈ وُ چھتھ

منزِلچ باوتھ...... پدبن ہنٛدی نشانہٕ چھِ زنتہٕ سیکہِ ڈیرن سمنیارٕگرتھ پکہٕ

وٕنبن دعوت دِوان تہٕ حوصلہٕ بڈاوان۔ پادن چھِ ترٛسیکہِ ہٕندی ٹکورٕ میٹھی کران

تہٕ یاد پاوان۔ پکھ...... پکھ......منزل چھنہٕ ووں دوٗر۔'' سیکہِ پھٔلی پٔدی ماٹھڈِ

ءستی شرٛونہٕ رائے کران تہٕ زنتہٕ وِگنہٕ تالہٕ ہوربوٕءستی مِتین گٔلی آلوِتھ استقبال

کران۔ ووٚنہٕ بزمان تہٕ کنٕ چھُ گرٛہان پِندرُک ءگس ءگس ...... تالہٕ

ہوربن ہُند سوز چھُ کنزبن سورٕ ے مُشراوان ...... یونہٕ چھُ بےٚ پھرٛوٗک

ژلان ژلان پِندرٕ پکھچن وُترٕ بٹیل تلان۔ ژٔ کرچھے تُلان مژرتہٕ یہس چھُ

یِوان ہوش تہٕ پھمبہٕ سیرٕ چھُ پِندرتُل لمان تہٕ وچھ کوٗرتھ چھُ نیران پن۔

اُمِس پنس چھُ کھسان ورتہٕ پوختگی ءتھ چھُس بُتھ باگہِ یِوان۔ وتہٕ گتس

کتہٕ دِیہٕ مژرحض ٹُلنہٕ۔ سہ چھُ پکان تہٕ پن تہٕ چھُ زیٹھان۔

مژرچھُ باضے ہٹرس منزٕ گیر گرِھتھ تہٕ تہٕ سرناوان ییٚتہٕ عقل

حأران گرِھتھ ظونس وُڈناوان چھے۔ اتی گاشس ءستی بُتھی لاگے کرناوتھ

گٹن پان پٔشراوِ ناوان۔ اتی گٹہِ منزٕ گاشہِ لتھن کھوژناوتھ لوٚ بمت راوُن تہٕ

رووُمت لبُن اکھ بزم باسان۔ اتھ کشمکشہِ منزٕ گاہے نظرن واش نیرٕتھ

آکاشس ژھونڈ دیاوان ۔ یئتہِ تارکھ...... زۄن تہٕ افتابہٕ ...... کلہٕ نۆمرِتھ
کتھ تام نمان باسان...... ''خبر کتھ؟'' عقل چھےٚ تتہٕ لاجواب ۔ پۆز مژر
چھُ سینہٕ ٹھپأوتھ وتہٕ ہاوُک بنان...... باسان نظامٕنی تژکرزنتہٕ اتھن منٛز یوان
گُلی زن زیٹھان تہٕ ہوٚس دٲنی دوان...... أندرِم تاو چھُ کران بگہٕ تہٕ
گنڈناوان گٔجہٕ ۔ پۆز وتتُک مژر چھُ کران لاوِلاوِ...... دوٚنژھ دیأ وتھ کران
ڈیرس...... گاشس تہٕ گٹہٕ زُلس چھُ لگان جنگ...... واو چھُ کران چھلہٕ
چھانگر...... جنگہٕ جدلہِ منٛز چھےٚ زوان تمبرِ یم سأری ہے جلاوِ چھےٚ دِوان ۔
دہٕ چھُ کھسان المن تہٕ آوٹان سورُے ۔ لمبکھ چھِ راوران وتھ تہٕ تژکرِ چھےٚ
ڈلان ڈٲنڈ ...... پژتھ اندٕ چھےٚ باسان ژھوپہٕ ...... ہۆپ تہٕ دۆپ ...... دم
پھُٹبن چھےٚ ژلان چیکہٕ نیرتھ تہٕ وُزملہٕ چھےٚ ہوان ژھٹنہِ بژاہہٕ ۔ تژٹن
ہُنٛد چھُ روزان پھژٹھ ۔ لمبکھ چھِ رٹان گاش تہٕ گٹہٕ زۆل چھُ ہوان پر
وہُراونی ...... یندرس چھےٚ لگان زپرتہٕ ہگس ہگس چھُ ژٹان ژھوپہٕ ہنٛدی
پکھچن پرد ۔ چھُ ہُران بوش تہٕ یونہِ چھُ لگان درس تہٕ ژٕکرِ چھےٚ نژناوان
یندرِ تُلس ۔ کنرِ چھُ گوناوان بأتھ......سازس چھُ لگان مِضراب تہٕ سورن
چھُ دِوان شہہ...... ہیت چھےٚ ہوان بدٕلنی تہٕ وق چھ کران جُت ۔
مژر چھُ گنہِ ٹاوس تلِتھ ٹیھ تہٕ ٹسنہٕ ژٹناوان تہٕ گنہٕ ژھٹہٕ ماروِنس

لولہِ سۆ ذرس أنٛدری رأسی نوان گرِتھ۔ گاہے امیٖک ژأشرا نگہٕ ڈألتھ تبنگلن لاگان ییٚتہِ نارٕ تتھ وراے کہنز چھُنہٕ پلہِ پوان۔ عقلہِ وُپھ نأوتھ اتی پر نوان ٹکِتھ تہٕ اتی عشقس پلو بخشِتھ وتہٕ ہاوُک بناوان تہٕ ووٚنٛدٕ وولسأوتھ نوٚرٕ سٕری پراگاش وُچھناوان۔ ییٚتہِ پرٛتھ انٛدٕ ژلہٕ لار، نہٕ ٹھُہراو تہٕ نہٕ کُنہِ یادٕ وُترس ژھونٛڈ دِنک بٔتر روزان۔ گرِ کھوتہٕ گرِ ذہنس بارگو بان تہٕ سوچ تھامہِ ہوان گرٛھن۔ گاہے زندگی تمہِ آیہِ کھُر انان ییٚتہِ عجیب کفیت ووٚتلِتھ گاٹہٕ جارٕ کی مُنار چھلہِ چھلہِ یوان وُسِتھ۔ کُنہِ تم تصوُرکاڈ کڈان ییٚتہِ حُسنہٕ باغس ویٚوٕرٕ تُلن تٔلرِ ألسی کُنی لاگِنس برابر باسان۔ رایہِ چھےٚ گرٛہان......
زنتہٕ تٔلرٕ بن چھگ لِگتھ بچھنس آے گاران۔ تٔلرِ ہارے ہوان یادٕ وُترس دوٚنی دیُن۔ ییٚارکی شِٹھیمتِن ارمانن تہٕ برٕگأمتِن شرن تُلرِ ٹو پوٚستی دگ ٹُلان تہٕ أنٛدری کوٚران باسان۔ پرٛتھ انٛدٕ ہوٚہوٚ تہٕ شی شی بامبراوان تہٕ گأنٛگل گرِتھ مژرِ چہِ کرٛایہِ مٔژ ژھٔرٛ تہٕ ژھٔرٛ ٹھ کرناوان۔ پرٛتھ انٛدٕ مژرٕ کی پرتو نظرٕ سران۔ خیال چھُ ووٚتلان تہ بوڈان، اتی زنتہٕ گریٚشمچ وُہوٚنی تہہ تہٕ ہارٕنی کرٛاے چھو چھِ کٹرٕی کرناوان۔ تہٕ وجودس نرٛشأوتھ تم خاب دأریراوان ییٚتہِ زنتہٕ وہرأژ روٚدٕچ تراوتھ ژبتہٕ وُترس دِلاسہٕ دِتھ بژٕ ونٛہہ پکنس اتھِ روٚٹ چھِ کران۔ پوٚز قدمس قدمس پتھ چھ پدی ترٕ ہران تہٕ پھوٚر پھرٛ بکُن ہوان

تشنگی چھُ لگان آے تہٕ بوچھِ ہوان واتنۍ مدہ ۔ گرٛیشمہٕ ژٔنجہٕ منز روٗدٕ راٹھ چھےٚ کھالان سأری ہے ہٕکھر ۔ پدبن چھےٚ دزان ژم تہٕ بستہٕ چھےٚ پوان کھٔسِتھ ، خیال چھ ہوان وُپھٕن پوٚز پر چھِ آسان گوڈے ٹُکتھ ...... ٹھسراے چھےٚ پھِران ظون تہٕ پندرٕ پکھچ چھِ کران واو ۔ پندرٕ پہس چھےٚ ودھان تھرتھر ...... رٕکھہ چھُ ڈلان اٹہٕ گنڈٕ تہٕ یونہٕ چھُ ہوان زمُن تہٕ گڈٕر چھُ ببگران باسان ۔ پوٚزٕ ژٔ کر چھےٚ لورِ گیوٚر ژٹلان تہٕ پنٛدرٕ کاژن حبہٕ أنتھ أنٛدری وأراگ ژٹلان ۔ پنٛدرٕ ژٕل چھ پھمبہٕ وٗژن وچھ کوٗرتھ دار نوان کڈِتھ تہٕ ژلچ زو چھےٚ شایدء گنگراوان ۔

یٚیمہٕ ظلماتہٕ چھُ امر بتہٕ ارمان ژاگنبن زالان خوٗنِ جگر

متہٕ مجنونو یٚیتہٕ نو پأتھی آمبن کھاسبن منز خأراتھ

(عأزم)



# وُزٕھ

وُزِھ ہُنٛد تصورٕ ذٔہنس منٛز یِوان چھُ انسان ووتل بُجن منٛز گیر ہوان گرٕھُن تہٕ رنگہٕ رنگہٕ پریشٲنی ین تہٕ پراکندین ہندِس گرداہس منٛز تمہٕ آیہٕ پرٕ گرٕھان یِیتہٕ بال ہیٚنٛج بزٕ انٛتھٕ چھنہٕ روزان ۔ سہٕ گرداب چھُ ساٲری ہے گٕنی زٕھٹھ نِوان کڈِتھ یِیتہٕ زِ بوتالس لٔگِتھ دندن ٹکے چھے ووتھان تہٕ اورٕ یور زھرٕ ٹہٕ نأوِتھ تتھ طلوطمس ووتلاوان یِیتہٕ نہٕ دوہس آرام تہٕ نہٕ راتس قرارٕ ے چھُ یِوان ۔ اضطراب چھُ بڈان تہٕ تتھ زالس لاگان یِیتہٕ سورُے پٔنڈی چھُ نیران ۔ زنتہٕ تُلرِ بُچھ بُچھ ٹوپوستی ٹُرِ چھے ٹلان ۔ وُزِھ چھے پراکندی تہٕ بے پزٕھی ہندِس آدٕلنس منٛز پرٕ گرِتھ ہوا محل تعمیر کرٕنکی خاب ووتلاوان تہٕ یوُنہٕ ہیٚو رکرنأوِتھ تتہٕ پتر بن لاگان ۔ مان مان تہٕ ہاو باوُک جذبہٕ چھُ وُزِھ دورٕ

ناؤتھ اُچھ ٹینڈِ منز پاتالہِ پٹھ آکاش تام تہٕ آکاشہِ پٹھ پاتال سرنچ کل

کڈان ۔ یام وُزِھ لاکم چاۄرتھ قمچہِ چھُ ہوان کرُن تام چھُ یقینگ تہٕ عملہِ

ہُند سورے مالہٕ متاع گلی گلی ؤستھ ہوان گژھن تہٕ بے پژھی تہٕ بے صبری

ہُند ہانزرٕ چھُ ہُنس ولنہٕ یوان ۔ پتہٕ چھِ صرف دُہلی خابے یاۄتی وانگس منز

چاران ۔ سونچ ڈُنڈ چھے یکدم بدلان تہٕ وُزِھ پکہٕ ناؤتھ پھرٕ کہٕ ناوان یہ

زاننہٕ ورأے زِپلہِ کیاپیہٕ!

یوٗ دوے نظر بازن وُزِھ ہُند ہرتراۄچھن ڈیشمانہٕ چھُ آسان

اماپوٗ زیُس وُزِھ ہنٛدِس زالس منز وُٹھنہٕ آسہِ آمُت تس چھُ پرٛتھ اندٕ تمن

خابن تہٕ خیالن ہُند بامل ییٚن اۄتھی منز نظرِ گژھان ۔ اتھ حالس منز ہینہٕ یتھ

اگر اۄمس قدمس پتھ کرٕ تچھر تہٕ کڈ جارے یاۄتی تہٕ باگہِ ییٚن تو پتہٕ تہٕ

روزِ چھوکن وُزِھ ہُند مہلامہٕ گرِتھ دُہلی خاب دأیراوان تہٕ دگ اۄندری

ژِہان ۔ برٛمن تہٕ براۄشتمن ہنٛدِس آوِلنس منز پرٕ گژھتھ تہٕ وجوٗدس پھرٕ کہٕ

ناوان تہٕ پژُن بول بجاہنٛکی خاب وُچھان ۔ طمعِ دنیا کلہٕ کڈتھ چھُس تتہٕ

پژرن لأگِتھ چھوچھ کتری کرناوان ۔ یمن رازن تہٕ گونن صبرٕ کی جامہٕ وُلتھ

بداوس کڈان تمن سر گژھتھ اوس سہل پاٹھی زندگی گزارنٛکی ارمان لولہِ للہٕ

وِتھ دوہ کڈان ۔ تہٕ تتھ نظر لگتھ چھ پتو بُتھ بُتھِ دوان ۔ تم جامہٕ چھُس پنہٕ پنہٕ

گرٛھان تہٕ یادٕنکی مدٕ مائتی ژٕہی چھس زٕزرٕ بُزٕ نوٕان گرِتھ۔ برونہہ کُن نظر پیتھ تمن دولابن تہٕ مان مائٕنی ہنٛدِس صحراوس منٛز راوان ییتہٕ تہٕ کھورتہٕ تہٕ شانٛد چھس یِوان اتھِ...... کاش پتھ کُن نظر ترٛاوِتھ پرِ ہے شُکر یہٕ زاٗنتھ ز سہٕ کتس آبس منٛز چھُ یازبہٕ کتہِ چھس۔ پوٚز مان مان تہٕ ہاوباو رٕکتھٕ دِلس پتھ کُن وُچھنہٕ تِکیازِ تس چھُ وُزِھ سونٛچس تارٕ تھاوٕ ہتہٕ۔ تِلہٕ واٗنی داندٕ سٕنٛدی پاٗٹھی اچھن پٹ دِتھ چھس وانس اٗنٛدی اٗنٛدی نژناوان تہٕ سونٛچک باڈو معمولی داٗریس منٛز ژومراوِتھ کُنہِ بزاٗنتی تہٕ وِہی گرِتھ بزمراوان...... تہٕ اٗنٛدری چھس کیاہتام تیلان۔ پوٚز باوتھ رٕکتھٕ ہیکہِ گرِتھ۔ یوٚ دوٕے کُنہِ وچھِ بُزٕ امارن بامن نیرٕنکی بزاٗنتی وُترِبنٛیل تہٕ چھس ٹلان پوٚز جیرٕ وُتھتھ چھُ یِمن پانٕے شرٛاکھ بوڈناوِتھ کتراوُن ہوان۔ تِتھس گتہٕ گیرِس منٛز ہبنہٕ تتھ چھےٚ کُنہِ وِزٕئری پیٚٹھی گرٛھتھ احساسن تمہِ آیہٕ زیرٕ لگان ییتہٕ سونٛچکی تاٗرٕ وٕستھ چھِ پوان تہٕ پتھ کُن نظر پیتھ چھُ سورُے اچھن ڈیشمانہٕ باسان۔

امہِ وِزِ چھےٚ سونٛچس ژوٚتراے تہٕ ہبکان باگہِ ہتھ ییتہٕ رٕنبہٕ وٕنی ارمان ذہنہٕ چہٕ کھیرِ کھسِتھ نوسرٕ وُبدرِچھِ ٹلان تہٕ صبرُک آنبہِ پلناوِتھ کوٚٹھی ڈرراوان تہٕ نوِ آیہِ ژھونٛڈ دِنچ ژینہٕ ون دِوان۔ بےٚ صبری ہنٛدِ آوٕلنہٕ منٛزٕ یوٚٹھ کھاٗلتھ چھس نوبن سرحدن بدٕ کڈنچ ہمتھ بخشان۔

''وُژھ'' ...... کُنہٕ غرضہٕ مِتِس خوٗنِ جگر چاوِتھ سیر کرٕنچ مژھ دوان تہٕ کُنہٕ زیو پھاٹوِتھ کڈان۔ کُنہٕ ہاوسن لاگنے کرٕنچ شیچھ باوِتھ زمانس ستی اتھواس کرنس مجبور کران تہٕ وقتہٕ کین کھرٕ بن تہٕ گنڈن درٕ دِتھ سیز راونچ کل گنڈ راوان۔ اتی صبرٕچ بتھی لاگے مُشراوِتھ تمن گونن دا یراوناوان ییتہٕ سوتہہ ہمہٕ ییتھ منز صرف تہٕ صرف اضطرابے یوت نال وٗلتھ چھُ آسان۔ یمن برٕمن تہٕ بز انتین منز یرٕ گرٕ ھتھ چھُ کُنہٕ صبرٕ کہٕ وانگہٕ منز نیرتھ وُتاوٗلی ہنٛدِس گٹہٕ زٕلس منز گیرٕ گرٕ ھتھ داوہاران۔ بےٚ صبری ہنٛدِس ڈریاوس منز غوطونہٕ یتھ تتھ فریبہٕ رکس زالس لاگان ییتہٕ کمہٕ رنٛبہٕ ونی رنگ کرٕ لی پھیش لگِتھ شکلہٕ چھِ ڈالان۔ کُنہ انگس چھنہٕ پننہٕ گاچہٕ تھاوان سورے رأسی گرٕ ھتھ اتھ موٗرٕناوان۔ ذہنس چھےٚ واوتھ پوان تہٕ أندری چھِ تمہٕ أندِری ژوٗ رانگس انگس کورِتھ تمن خوفتہٕ خابن ووتلاوان یہنٛز دگ رُمس رُمس تیلِتھ تمہٕ بامل انہٕ نچ ئرٕ چھُ کرناوان تہٕ پتہٕ سوے ستھ للہٕ وِتھ یہٕ دگ پانس منز شرٕ ویٚراوان۔

وُژھ، چھےٚ بےٚ صبری ہنٛدِس رگرِ دابس لاگِتھ رنگہٕ نگہٕ پراکندی تہٕ بےٚ پرٕشی ہُند نال ولان تہٕ نہٕ اورک تہٕ نہٕ یورک تھاوان۔ برٕ ندبن منز آسمان کھألِتھ زمینس پیٹھ دب دِتھ بروٗکس کران تہٕ گاہے ہوٕہس منز

ژٕنٛاوتھ الوٕنٛد تھاوان ۔ وُژھ اُسن یاوُتاوُلی، جلدبأزی اُسن یاتنٛبلُن ۔ باہر
اُسن یاژلہِ لار ۔ یِم سأری رنگ چھ، انسانس ووٕ‌ہ اُنتھ وتہِ ڈالان تہٕ کوچہ
پھیُر گرِتھ وُکرِ تہِ ہبکان وألتھ ۔ یِمن ہُنٛد مؤلہِ متاع چھُ تمہِ خاب
وُچھناوان یِیتہِ سوچس ٹھری لگتھ اظہارٕ ے چھُ رأسی گژھان تہٕ وُچھان
وُچھان وُدأسی زٕوان گرِتھ تہٕ سأرٕی ہے ودل اُنتھ پھیٖہہ دٕنہٕ ناوان ......
پٔزوُژھ چھےٚ زیٛادٕ ے وُنہٕ والان ...... تِکیٛازِ یہ چھےٚ شہس منٛزشاہ بنہ نک
برم دِتھ تتہٕ پُترن لاگان ...... ووتھہِ وُژھہ تہٕ گژھبس ژتھ، ژلہِ وُژھہ تہٕ
ژھبنہٕ نس ٹِکہٕ نأر، پکہِ وُژھہ تہٕ کھسبس پھرٕ کھ ۔ شہن ہنٛز کھال وال وولہ
ناوبس تہ زنگن ڈنگ لگتھ پیِہ وُکراونہ ۔ تہٕ انگ انگ ہبکنس رتہٕ دأوی تہ
گژھتھ ۔ کرِ وژھہ تہ زنگہ تھکتھ پھیرنس گوڈ تہٕ وُتنُ گژھتھ پیِیہ لرِ ۔ وژھہ دلیس
وُتارٕ تہ کربس شہہ پھیرٕ ۔ اُندری گژھبس دم تہ وأنِج ییس پھٹنس ۔ منگ
ژندن ون گژھبس رہتہ تہ رُم رُم گژھنس سورٕی ۔ اچھن آوٹبس ژھاپھہ تہٕ
سورٕ ے باسبس دزان ۔ ہن ہن دٕ زِتھ گژھہ پرٕ ژھیؤن تہ کانہہ ہیکبس نہ
اتھہٕ رٕ وٹ کرِتھ ۔

وُژھہ ...... یرٕ ونہِ ناوتہٕ چرٕ ونی دُلسِ گوڈبران تہ طمعس تمہِ آیہِ
وتلتھ انان یِیتہِ رایہ چھےٚ گنان تہٕ ووندٕ تنٛبلاوتھ نہٕ سارٕ ے تھاوان ۔ کنہ

طمعس تمنۍ پھیش لگتھ خابن تہٕ خیالن گرٕزٕونس دریاوس چھکان تہٕ گتن تہٕ
ملرن یورے آنپہ پلہٕ ناٗوتھ شانکھے گالان ۔ تتھ زندگی ہندس میچھرس کاٗنژک
ژوکبر کھالان ۔ یتھ منز پکھ آش چھے پلان تہٕ باشہ کران ۔ یُزوٗژھ چھے
آوٕلنس منز تمہ آیہ وُٹہٕ نوان کرِتھ ییٚتہٕ بال ینچ آش چھے ژھوکان تہٕ بۄٹھ
چھ گر کھوتہٕ گرِ دٕ ران ۔ توہس دوگ دوان دوان سوٕرے وجود گرد بۄزٕ
کرِتھ عجیب خیالن منز راوراوان ۔ اتھ وکھتس تمسس منزٕ گرٕھتھ اتی
سیکہ شاٹھن یمبر زلہ پھولان وُچھان تہٕ اتی آنن فانن منز سورے ژودونہٕ
بۄزٕ گرٕھان ۔ طمعس ٹھونڈ گرٕھتھ پرٕتھ انڈ وُنلے وٕنل نظرٕ سران ذہنہ کین
پۄت ونن گاران تہٕ کیاہتام ژھاران ژھاڈان بدلےٕ حال سران تتھ منہٕ
سدرس وٕنی دِوان ییٚتہ کرتام تمبرٕ سوٗمبرتھ وتن زوٗل کرِتھ گٕتہ ژٕلس
گاشراوان اوس ییٚتہ ازبرٕ ژھیوٗن گرٕھتھ وُژھ ہندس نارس منز دزان ۔
کانہہ دگ دار چھنہٕ اتھ شہلاوان ۔ پرٕتھ انڈٕ خشمہ ہرٕ نظر زن بچھاٗن تہٕ
کھینہٕ یوِان باسان ۔

وُژھ چھے کنہٕ انگہ ڈاٗلتھِ ونہٕ والان تہٕ کنہٕ خیاٗلی صحراوس ہٹرٕ ہٹرٕ
نژناوان ۔ کُتی کُتی اکوٗت گرٕھان تہٕ نہٕ واتان کنہٕ رادِ نہٕ ہونژٕ ۔ ساٗری ہے
ودل اُنتھ پشہ ناوان ۔ تہٕ لارلارٕ منز نہٕ ہوشی تھاوان ۔ زچن نہٕ یوان نال

اتھہٕ ۔پتنک برونٛہہ نالی گژھتھ کانٛسہ بُتھ دین لایق نہ روزان ۔ وُژھہ ہُند نشہٕ پانہٕ نشہٕ بے خبر کرِتھ تہٕ کرناوان ییٚتہٕ پتہٕ پالِس پتھ پننس کرِیٚ متِس پتھ گُلۍ چھِ مۆرناوان ۔ تہٕ شوزد گژھتھ أندری گلان پتہٕ مدٕ وٕستھ پٔ ژھیٖون گژھان تہٕ لکہٕ پامن لگان ۔ یہٕ دوے دنیاوہٕ ژرنگ تہٕ بدلاوِ پٔز أندری چھُ ودان تہٕ بزٕ ژھان آسان ۔ گوڈٕ پننۍ ٹاٹھۍ ارمان پانے اڑ ماری کرِتھ زمانہٕ چہ گژیشمہٕ ژنجہٕ نشہٕ بچنکٕ خاب وُچھان ۔ پتہٕ پننہٕ نِس سوسہٕ نیامتِس وجودس تھلہٕ تھلہٕ وُچھتھ یہ زہر أندری چوان تہٕ پانس منٛز شرٕ و پٔراوان ۔ اُخرس خشمہٕ ہٕز نظر اژ ووا پارٕ کٕ تژ اُوتھ پانس پانے دِلاسہٕ دِوان ۔ ’’وُژھ‘‘ کانٛسہٕ کھارٕ کورہٕ ہز سُل کرناوان تہٕ کانٛسہٕ وتہٕ ڈٔلی متِس ہوشہٕ انن وازجی کھارٕ کۆروتہٕ ہاوُک بنان ۔ یوسہٕ صبرُک بجراٗ رِکس کتھِ منٛز باوِتھ سو ژینہٕ ون چھے دِوان ییٚتہٕ غرضہٕ اون اشارٕ ژرتھ یکدم ہوشہٕ ہنکہٕ تتھ ۔

وُژھ چھے سوجنون یُس پن پننہٕ وقتہٕ پژتھ أرِکس ناووألتھ تم کار چھے کرناوان یِم نہ پانہٕ ہے یوت بلکہٕ خبر کانٛتھن ہِندِس روٗزِلس تہٕ دوارٕ چھے ہبکان واتناٗوتھ ۔ مے چھُ کالُک بتہٕ ہادیٖلہٕ اکہٕ دوہہٕ اسہٕ ہوٹل ہُہرس اضطرأری حالژ منٛز آڈرِیٚت تہٕ وُژھِ سان انہٕ نک باند باند کۆر ۔ میانٛس وہم وگمانس منٛز اوس نہٕ یہٕ زٕلفظِ وُژھ والہٕ أمس بچارس دُنہٕ تہٕ غرضہٕ

أِنس مأِلکس گُن پنٛیس ربتُگ طلب چُٹ دِنی۔ یِیلہِ نہٕ تس کانٛہہ غلطی اُس
غلطی اُس سأنی اُمس لفظوٕ ژھ ڈٕیتھ ...... بہرِ آدیہِ دِپ زتہِ ٹینٛڈ بو پیٛٹھی
سأنس ٹیبلس گُن۔ کتھ تام ستی ٹھونٛٹھ لگأنی ژٕ ج ٹرے اتھومنٛز، پیالہِ، پرچ،
پلیٹہٕ آے ہور لاینہٕ۔ پُتھرِس پیٛٹھی چوٕر گرٕھتھ آیہ چینہٕ کھنٛجہِ تہٕ کبابہ
چھکرنہٕ۔ حالس منٛز چاے چینہٕ والین منٛز اُسی أڈی مندل وایان تہٕ اسان تہٕ
أڈی اُسی چینہٕ کھنٛجن ہنٛز شرٕ ونہٕ رایہ لطف تُلان۔ بہرِ اوس اسہِ گُن عارٕ برٕ ژو
چشمو وُچھان ...... اکی نظرِ گو اسہِ پننہِ غلطی ہُند احساس پوٕز باس ماہسکھو
دِتھ......سأری اُسی تماشہٕ وُچھان تہٕ ٹسنہٕ ژٹان ......کانٛہہ اوسنہٕ سونچان ز
بہرٕ ن گینٛدُ ربتہٕ کِس طلبس کنٛئ باز ...... یودوے اسہ اوس پوٕٹ موٕنگمت
پوزکی بچارن ہوردِاو۔

وُژھ......اکھ دُژیتھ تہٕ ڈٕنی توس ونیبٕ کنہ طبیلچہ بلایہ
پوٕنز۔ کس تام ناد تہٕ کسِ تام ننہٕ ووٕرے دوان ......کریکہ
دوان۔ ''میانہ تہِ ہابو'' زورٕ پانس کھربن منٛز آچھِ کران۔ گس تام
ساعت نامہ تہِ گس تام سوٕرے داش نداش داوس لاگان تہٕ ''وژھ''
بہانہٕ داو ہاران۔ تیأری ہنٛدِس گردابس منٛز سأرسی آب کران۔ پتو
پیٛنہ وول کہنٛدِ تام درواز اژتھ امس پھٔکی کران تہٕ بتھِ بتھِ دیاوان۔ ساعت

نامس ناوتہ پرِ بزنتھ کنی مگر گرٕ بیوٗن بیوٗن ......جلد باز لگان تتہٕ پٔترن تہٕ
وُژھ امس انگہ ڈٔلتھ نہ اور تہ نہ یور دِوان قدم کڈنہٕ......وژھِ ہند سٔہلاب
چھُ سأرسے یرٕ والان۔اتھ ونو ناو برابر ینٔ۔ییٚتہ کرمن ہند بارناوِ گوٚبر
اوان تہٕ ہنہٕ ہنہٕ بوڈناوان چھُ۔اتھ حالس منز چھےٚ زیرِ لدس زیرٕ پتے
آسان ہناہیکہ ژیرِ لگتھ۔ صبرس چھےٚ سبزی تہ وُژِھ دوڈ ون ڈیکس لیکھتھ،
لیس اکس وژھ تمبلاوسہٕ ہیکہ نہٕ اتھٕ کھورؤتھ تہٕ زندگی ہنز ناو بال اُنتھ
سوروز یرونی۔ووں اگر کنہٕ پلس ٹھاسہٕ ونہٕ آیہ تیٚلہ ہیکہ ڈونگ چھلہِ چھلہِ
تہ گرٕ ھتھ تہٕ پتھرس ییہ کونہٕ ووتھتھ تہ آب کھسہِ مونبن......سوٗرے گرٕ ھِ آبہٕ
بڑٕ ......ستر کھأریہِ نہٕ پنہٕ داوتہ اتھ۔

''وُژھ'' کنہٕ لوی ترٕ نیرٕ پھرِان تہٕ کنہٕ پڑٕ وی ترٕ ژر کھٔلتھ سأرسےٕ
گالان اُچھن تمہِ آیہ شاپھ دِوان یتھ نہ کانہہ رنگ یا انگ چھُ نظرِ
یوان۔گاچہِ چھُ بدلان تہٕ تتھ ساپنٕس چھُ ووتلاوان ییٚتہٕ نہٕ کُنہٕ درتہٕ نہٕ کُنہٕ
دیوار چھُ درٕ ٹھی یِوان۔کنہِ جیرٕ تٔلتھ ڈببس پھاٹناوتھ گرٕ کھ کڈان تہٕ کُنہٕ برٕ
گاٹتمن یرادن وُتش دِتھ ناگہٕ رادس رٔسی زوان گرِتھ آگرس ہوٚ کھراوِتھ
چھےٚ ہمزن ہوٹ چیران۔پرٕتھ رنگہٕ گیرٕس منز اُنتھ ستےٚ گز آسمان کران۔
وُژھ کرٕنی سہل، سرٕنی کٔڈرتہٕ سانٛچ چھنہٕ کتھے۔قدمس قدمس

پٔتھ زنگن لۆر کٔرتھ وُکراوان تہٕ زمینس ڈبکہٕ دِیاوان ۔ گُنہِ نہٕ تھوٚ دوٚوتھٕن لایق تھاوان تہٕ گُنہِ ڈُکراٗ وتھ پکناوان ۔ یس اٗکِس وُژھہِ ہُند کاژ واو آوٕتہٕ سہٕ گرِزھ ہیٚرتہٕ یاوٚنچ ناوروزبس گراےٚ گتن تہٕ گراآوٕلنبن منٛز گیر ۔ گُنہِ ییس نہٕ قرار تہٕ نہٕ روزِ گُنہِ ڈٔنجہِ پٔتھ ۔ اتی روزِ بوڈان تہٕ اتی ووتلان تہٕ اتی تتھ گتہٕ گیرِس منٛز نژان ...... ووٚں تژ اوییس واوس ستی تہٕ بنہِ پانہٕ بے دسگاہ......

کہنی روزبس نہٕ پانس تام ...... واو جوٗنٹ لاگنس گاہے چھالن تہٕ گاہے چھمبن ...... سوٗرے راوبس ۔ وٲنسہٕ گرِژھنس چھٔمبی تہٕ حاصل ییہِ نہٕ کہنی ۔ رٹہِ ییس نم تہٕ ڈمبہٕ تلی گرِژھن آشہِ ۔لمہِ ہے کوٚنلس تہٕ وچھ کانہِ گرِژھنس یتھ ۔ رنگہٕ رنگہٕ بژٕ مراوبس وہمہٕ تہٕ وُتاوٕلی تہٕ گُنہِ باسبس نہٕ موکلن پاے ۔ حالِ حاٲران گرِژھتھ روزوان تہٕ روان تہٕ اٗندری ساقی صاٗبن یہٕ ژھُمصر اُے گنگراوان۔

زہر چیتھ زندگی ہنٛدی دوہ گٔذٲرم
بٔھتے روٗزِتھ ، مےٚ کاٗتیا تارٕ تاٗرم
اسان روٗدُس وُدن لایق دوٚہے گوم
پٔنٛز ارمان پنہٕ نے پانہٕ ماٗرم

گُنہِ ژینہٕ ون لُگتھ وُ ژِھوول پالیس پھوان تہٕ پننہٕ نِس گرِی مِتِس تہٕ کرٕ اوٕی مِتِس بدِ کڈان تہٕ اتھٕ موٗران۔ یوٗ زحاٗصل!!......تہِ چھُ عیان۔ ژبڈ چھےٚ پننہٕ عظمتھ تہٕ بجرتہٕ صبرٕچ ناو چھےٚ سبٹھا بڈ تتھ پوٗرِنہٕ کانٛہہ کاژ واویا بلاے۔☆☆

# گیٚوٕر

مےٚ چھُنہٕ باسان کانٛسہِ آسہِ یتھ کتھہِ اِنکار زِ زیادٕ ترٛ نس چھُ زیادٕ گیٚوٕر۔
پانہٕ سےٚ ترٛاوِ تو نظرِ تہٕ سُئ تو زُٛئ زُٛئ کیٛا حال چھُ گرٛ ھان تہٕ اتھ حالس
منٛز گیر گرٛہِتھ کیٛا چھُ پلہِ پیوان۔ زندگی ہنٛدی تجربہٕ وُنی توس یا زندٕ
روزٕنکی زٛھرٛ ٹھ، پرٛتھ کُنہِ منٛز چھ گتہٕ گیٚوٕرِ ے گتہٕ گیٚوٕ ردزٛ یٔیٹھی یوان۔ بالہٕ
پانہٕ پیٹھے ہاوسُ تہٕ ارمانن ہنٛدِس آوٕلنس منٛز ہہنہٕ یتھ وُمرِ وُمران زنگہٕ
تچھان روزان تہٕ وقتہٕ کین رنگن منٛز پان رنگہٕ ناوان گاہے
زٛھینٛتھ پیوان تہٕ گاہے کوٹھن اتھہٕ دتھ ڈٕوٗگس ڈٕوٗگس دِوان
روزان۔ أچھن زٕوٗن لگتھ تہِ نہٕ قدم ٹھُہراوُن یرٛھان۔ ییٚرٕ ھہ ہیےٚ
تیےٚ ...... پوٚز ...... برٛونٛہہ کُن نظر ترٛاوِتھ چھس بےٚ آرأمی آلو دِتھ زُو

ژٹنس مجبوٗر کران۔ ہِند رئ زِتھ ہوش وآرامس ژانگہِ زالان۔ گاہے یہِ ژونگ سوتان تہٕ گاہے بُڈُک لگتھ نار بزٕ بہہ ژھٹان۔ یم ژھٹہٕ تہٕ بزٕ بہہ چھےٚ اچھ پھاٹِتھ کڈان تہٕ درس لگان۔ آکاشہِ پٹھہٕ پاتال تام سام ہیٚنج کل کڈان کڈان پتہٕ دوٗران تہٕ کُنہِ ہوٚہس منز ہتھ گرٕ ژھان تہٕ کُنہِ ہُٹس تام زمینس منز ہبنہٕ یوان۔ نہٕ کُنہِ ہیٚو رہبکان پلو گرِتھ تہٕ نہٕ کُنہِ بونہٕ واتان...... حاصل...... نفی...... یٕت گرِتھ تہٕ نہٕ پتھ ہوان۔ زورٕ گتہٕ گیرِس نالہ متہٕ رٹتھ پادرٹان۔ اتھ الٕنہٕ تہٕ ولنہٕ پتھ حدٕ ڈلان تہٕ موختار استھ موحتاج بنان۔ آوٕلنس منز گیر گرِھتھ گراگتن تہٕ گراملرن ٹھاسنہٕ یوان۔ بزٕ وٕنہہ کُن نظر ژٕ اونس چھُ یی حاصل تہٕ پوٗت نظرِ چھُ تسلی تہٕ تشفی......

گیوٗر...... گیرِس منز ہبنہٕ پتھ پرٕتھ انٕد صرف گیوٗرے گیوٗر۔ دولابٕ خابن تہٕ بےڈول خیالن ہنٛدِس وانگس منز ہبنہٕ پتھ یہُنٛد کوشور کنن زرتہٕ ذہنس وُترٕ بنٛیل ٹلان۔ اتھ بےشور کرٕ بکہٕ نادس منز اچھن ژھاپنھ لگتھ کلہٕ گیوٗر رووتھان۔ مبگہٕ وٗسی وٗسی پوان سونچس تارٕی لگتھ احساس اٗندری گلان، ژمان تہٕ شرٕ ؤرِتھ وانگس منز روٹہٕ گرٕ ژھان۔ اٗنٛدری اٗنٛدری کوشورس ہُرلگان تہٕ جوشہِ پتھ گیرٕ گامتس جیرٕ ٹلان۔ یٕت یٕت شورتھرِ کھسان

چھُ تیٚوت تیٚوت چھُ وانگ شڑ وکان۔ تہٕ کڑبکہٕ نادکنن تٕرِتھ گڑھان......وچھس
کٔوران تہٕ کلہٕ گیٚو رگنان۔ ژھانپہٕ کھمبٕڑ اَچھ أندری بڑٕ ژھان۔ سورُے
وجۄد وانگس منز ہنہٕ ہنہٕ تھ رٔہتھ گڑھان......تہٕ وانگ شڑ وکان تہٕ وجۄد
کڑبٹان کڑبٹان صفرس پیٹھ موژان تہٕ لأرِتھ گڑھان۔ کُنہِ واو جوٚنٹھ گاسہِ
خسہٕ ہندی پأٹھی ووپھرأوِتھ وقتہٕ کِس گرٕزٕ وِنس کھشارس منز گیلہٕ
لایان۔ ییٚتہِ گاہے ووتلان تہٕ گاہے بوڈان، گاہے ٹٔری پیٚٹھی گڑھتھ طمعس
شڑاکھ لاینس واتان۔ گاہے پلن چھاونہٕ ہتھ خوفتہٕ احساس کلہٕ ہوان
کڈٕنی......پوٚز گیٚو رکتھ دِیہِ فرصت سہُ روزگیر بچہِ کرناوان، گراکأٹھس
کھأژتھ سوٚری کرنچ ژینہِ ون دوان تہٕ ۔ گاہے یخ بستہٕ ملر سأرہے ششٹھیار
پھران۔ ووں، کتھہٕ روزبس پانس پیٹھ اختیار۔ موختارُ اَستھ موحتاج بنان
تیٚتھ موحتاج زاتھہٕ دارُن تہٕ نہٕ تگان۔ یادٕ وُترِس زیرِ لگتھ ونہٕ ''سُتہِ
وقتایٚلہِ اورَے اوس آلو دوان......منگ کیا گڑھی۔ پتہٕ وقتاسٔنس
آلوٗس نہٕ بوٗیرِ تہٕ نہٕ قمتھ۔ پانَے ژچہِ پننہِ نرِ زنگہٕ۔'' زِبوٚ گیہِ گلہٕ تہٕ
وُٹھن لوٚگ ترٕ وٚپ یہِ زأنتھ زِ......حبسہٕ ڈٕلتھ چھُ سوٚرے راوان۔ نظرن
چھُ ڈٔری آوٹان تہٕ چشمن چھےٚ وہراتھ لگان۔ پڑتھ انڈٕ گنٹےٚ گٹہٕ۔ بےٚ سوکھ
دِس سونچس پھیش دِوان۔ وچیٚ گرٕیشمہٕ ژنڈ ہنہِ ہنہِ تہٕ انگس انگس

سوسہٕ ناأوِتھ ٕمُناوان تہٕ لرٕژھہ نِوان گرِتھ۔ اکھ اکھ ژٕیُہہ اکھ اکھ قیامتھ......
یہ اکھ ژٕیُہہ تہٕ وأنسن برابر باسان ۔ ژٕھ تہٕ وہرأ ژہنٛدی پأٹھی رنٛگ
بدلاوان، گاہے دزٕوُن تہٕ وُہہٕ وُن تاپھ تہٕ اتی اوٕبرُ کھٔسِتھ شیٖنہٕ ژادرن ہُنٛد
شِٹھنیار تہٕ پتوٕ ششر لگِتھ وجوٗدس ٹلہٕ کٔتری بُزٕ نِوان گرِتھ۔ بےٚ سوکھ حال
باگہِ أنتھ منہٕ سرُک گرٕ ژتھامہِ کران۔ نہٕ اورُک تہٕ نہٕ یورُک تھاوان۔ تہٕ
أنٛدری باکہٕ ژھٹناوان۔

کیٚوٗر...... کُنہِ کتہٕ کیٚوٗر روأ راگ ٹُلان تہٕ کُنہِ ہنا ٹھہراو أنتھ حبسہٕ
آگاہی زیر دِتھ ژہتہٕ وُترِس تِچھن ٹُلان۔ پارٕدٕ وجوٗدس یاد پاوان......" ہے
ژِھمبرٕ ملوِتھ وتن زوٗل کرن والیٲ ووٚں نیرتہٕ گٹہٕ ژٕلی وتن زوٗل کرنہِ......سہٕ
اوسُے وقت ...... بےٚ قدرٕ شبِ قدرٕ گرِتھ پانس پٔنٛدی ۔ سہٕ نوٗرٕ ٹری
پزاگاش یُس آیتن اوسُے ...... تھ......!!! کتھ پارٕدٕ وجودس آیےٚ یہِ بے
قرأری باگہِ یٖمہِ ستی سوٗنچس لوٚگے پھیٚش۔ کوسہٕ پزٕ بزنتھ گیےٚ اتھہٕ۔ کوسہٕ
حبسہٕ آگاہی گیےٚ نبٹھ ہأوِتھ۔ پتہٕ بزٕ ونہہ تہٕ ہیرِ بون ترٕاوِ ہکھ نظراپوٚ زوہرأ ژ
بزٕ چہ مژٕ وأچھو کیٲ ییٚ بوزنہٕ۔ وٹھ تہٕ ییٚمےٚ أچھ أنٛدری کوٗرنے وچھ تہٕ ہنہٕ
ہنہِ ووتلی دگ۔ سودگ۔ یوسہٕ رُمس رُمس تیٖلی پوٚ زباوکھ، کتھہٕ ییٚلہِ گوڈے زیوگلہٕ
أہے گأمژ تہٕ وُٹھن أسی ترٕوٚپ ۔ پان ژھزٕ ٹہٕ ونہٕ مژٕ کیٲ نیری۔ گیرِس مژ

گیر گرٛھتھ ووٚتھی تھر تھریُس چائِنس اَنٛدی پٔھس لرزاوِ۔ بےٚ لٔو کھ ووٚنڈ تٔرِی پھٹنس ، جامن واتکھ چاکھ دِنس۔ اول وانگن نِبری نوٚن۔ کانٛسہٕ روز کھنہٕ بُتھ دِیُن لایق، تھرِ تھرِ تٔلی وُترِ بٔتھیل !! کانٛہہ عناصر روزی نہٕ ڈٔنجہٕ۔ سوٚرے گرٛھی چھلہ چھانگرِ۔ نہٕ تٔرِی کُنہِ پٔینٛز نہٕ کُنہِ وٚوٚنُن اتھہِ۔ پتہٕ روز کھ...... اتھہٕ ہاوان !!"

گیٚو ر...... تتھ گیرِس کیٛا گٔری زِ یتھ دوٚیہ انٛد لمہٕ لم آسہِ۔ پانہٕ بےٚ دسگاہ اُستھ دکن تہٕ درٛسبن لگان ...... دوٚیوانٛد وٚدوٚنہٕ وٚنی زبن درِ۔ پان درس لگتھ دوٚن طاقتن ہنٛد بن پنجن منٛز۔ یوٚت لمان تیٚوت بڑ مراوان۔ کاڈبن دوٚن دِتھ کلس نڑٕ ناوان۔ تتھ رفتارس منٛز نڑان پتہٕ صرف اکھ زبٔتھ رٕکھنہ تہٕ تانٛی اکھ ربہہ سُتہٕ زُتنہٕ چالہٕ تظرِ یِوان۔ لمہٕ لم انگس انگس خبر ہوان۔ زِ طاقت پنہٕ نبن زورن ہنٛز ٹا کارِ باوتھ کران۔ زنتہٕ ءٔس گٹس دوٚیوانٛد وپنہٕ آیہِ لُمتھ گیر بچہٕ کرناوان۔ اکھ انٛد غالب گرٛھان تہٕ بیاکھ زورِ پنٛس تصرفس منٛز رٔٹِس یڑھان۔ کھہرن گٔری ہنٛدی پاٹھی نڑان تمبرِ زُوان تہٕ ژٕن گرٛھتھ سوٚری گرٛھان تہٕ پتھر پوان۔ کتہٕ ووٚنی زرقہٕ برق زِ ژٕتہٕ کتہِ سوٚری گرٛھتھ میٚرٕ ستی ءٔلتھ لرٛشہِ گرٛھن۔ دوٚ طرفہٕ لمہٕ لم مایازِ الچہٕ وُنلہِ منٛز گیر گٔرتھ گتہٕ کھنٛجہٕ ہنٛدی پاٹھی شٔلیٛہس منٛز نڑناوتھ جیرِ تلان۔

گیرِس منز گیرِ گرِتھ گاہے ہیوٚ رتہٕ گاہے پتھر لاٚتھ نبتہٕ مُمن نوان گرِتھ۔ امہِ رِگر دآ ٹک گیوٚ رِ چھُ خابن منز تہِ وُچھہِ ناوان ییتہِ گاہے شاہ ہٕنتھ راج کران تہٕ پرٛتھ کُنہِ پتھن اِشارن پیٹھ نژناوِتھ تھوس انان۔ تمہِ باوجودتہِ بے تسلی ہنٛدِس گیرِس منز پرِ گرٛشھان تہٕ زندگی ہنٛد بن سیکلبن صحراون منز سرابن پتہٕ دورِ ناوِتھ بجرِ کی خاب وُچھناوان۔ بژم چھُس لگان...... پتولاکن ٹھہراوٕتھ احساس ڈنجہِ یوان تہٕ پانس أندی پکھی نظر اترٛ اوِتھ تی ڈیشان ییتہِ سُے ننبرتہٕ چھونبر حاطہٕ گرِتھ چھُ آسان یموٚ اَمِس یہِ گیوٚ رِ ٹلِتھ دون طاقتن حوالہٕ کوٚرتہٕ خاب غفلتس منز غوطہٕ ناوِتھ ہور چھوٚک۔ یموٚ اَمِس زٕ ژن ہُنٛد پرٛ بزرِلتھ میژِ بُزی گرٛسنگ حبس ووتلوو تہٕ بژم دِتھ اتھ دِشایہ واتہٕ نوو۔

گیوٚ ر...... زورِ پان زالس منز آچھہِ کرُن۔ ییتہِ پتی ژھرٛٹھ دیہِ تیتی والہٕ بُرِی نالی گرٛشھان۔ یہِ زانِتھ تہِ زیادٕ ژنس چھُ زیادَے گیوٚ رِ۔ نہٕ اتھ سوٚ دتہٕ نہٕ ساد...... یہِ مے آزموو۔ رنٛگہٕ رنٛگہٕ نغمن ستی نوٚ ژم وجوٗد کرِ نووٗم ہکہٕ پچی پچی تہٕ وقتہٕ کبن دولابن منز پرِ گرٛشھتھ کرٛ کوشش کریم من رٔنز ناوِنچ۔ پلہِ پیوٚ کلہٕ گیوٚ رِ ے یوت سُتہِ تیوٚت کڈُ رتہٕ کرٛیوٚٹھ زِ پنہٕ نبن جامنے منز رٔ دُس نہٕ۔ کلہِ لوٚگ گرٛ رِکنہِ ہنٛدِ کھوتہٕ تیز ژنہِ۔ پتہٕ باسیاوسورُے ژان کانہہ انٛگ یار نٛگ رٔ دنہٕ پننہِ گاچہ۔ سورُے ژلان تہٕ ہوٚ ہس منز

وُڈان باسان ۔ بےٚ بس وجہٕ دزن پھمبہٕ سپر دوشہٕ ھرنہٕ یتھ شُنیہس
منٛز شرٕ پان ۔ حدٕ ڈلتھ خبرٕ کہنٛد بن اِشارن پٹھ یونہٕ ہیوٚ رتہٕ ہیرِ یون
لاینہٕ یِوان ۔ پانس نہٕ کُنہِ پٹھ اختیار روزان ۔ بیےٚ سُنٛد موحتاج ٲسِتھ
پٔنُن اکھ اکھ انگ جواب کران حُکم مانس ۔ اُچھ مٔژران تہٕ کھوٚژن
یِوان تہٕ زن سورُے کھیٚنہِ یِوان ۔ پٔرتھ کانٛہہ شئے بُچھنہِ ووتھان ۔
کھورن تہِ زمین جواب کرِتھ ژلان ۔ کُنہِ نہٕ ٹھہراوٕ چ وومید ۔ پان
گاہے شُنیہس منٛز وُڈان ۔ دِننہٕ چھےٚ محسوٗس گژھان ۔ دکن تہٕ دژسن
منٛز ہہنہٕ یتھ تہِ کیٛا کرِ ۔ زبو گوڈے گلہِ گاہژ ۔ ووندِ شٹھیٛارن یخ بستہٕ
گرِتھ تھوومُت ۔ وُٹھن کرتام ترٛوٚپ لوٚ گمُت ، چشمن وہراتھ آوٚتھ ۔
کینٛہہ چھُنہٕ پلہِ پیوان ماسوائے دِننہٕ تہٕ واوِ گژایہٕ ...... کرتام ژھیٚنتھ
پیوٚمُت وجہٕ دٚتاس گرِتھ زمینس پٹھ لاینہٕ یِوان ۔ وأنٛج پھژ کان تہٕ
ہُڈ چیر زنتہٕ ڈلُن ہوان ۔ ذہنہٕ کُنہِ پوٚت ونن ءسرائے ہش
لگان ، ہن ہن باسان نژان ...... پوٚ زدِننہٕ تہٕ لارنہِ چھم گیرِس منٛزتہِ
عجیب کفیژ زوٗراوان ۔ مُمکناہژ اُچھ تہٕ سوسنیٛا مُت بُتھ خبر کیٛا کیٛا
محسوٗس کران ، پوٚ زباوٕ ژبژ نہٕ اکھ رژھ تہٕ ...... یہِ حال چھُ ساٗری ہے
بدنس تھرِ تھرِ ژلان ۔ پھوٚرلگان وُ پھنہِ ۔ ووندس چھُ ہناوٕ شنیر پھیران تہٕ

تھامہِ گاٗمژ نظرٕ ٹاربن حرکتھ دِوان ۔ وارٕ وارٕ ہوٗان ہوش ڈٔنجہِ یُن ......
نظرن یکدم شاپھ ژلان ...... کُنی لرن گرِژھ ۔ اُچھ ٹاری مُژرنہٕ یوان تہٕ
پُتن پان کتھ تام شایہِ زندٕ لاش زن ۔ نظر واش کڈاُنی او شس دار
لگان تہٕ پشیماُنی ہُند اوش وُٹھن سٕر بہہ تہٕ ووٚندس زن شہلتھ بخشان ۔
سورُے وجود گمہٕ سُری ...... شاندٕ کنہِ باسیام کُس تام صاُحب دلا زنتہٕ
مے کُن ونان ...... رٹھ یہِ ...... پوٚز گلہِ زبو گومُت وجود کیا ونہِ یورٕ ......
تام گرِژھان کنہٕ وام ...... ''رٹھ یہِ تہٕ ...... تُلُس امی ستی گیوٚرتیمی ژے
گیرِس منزٕ اُنتھ یِوٚت جیرِ چھنَے او نمت'' ...... نوٗرٕ سُری پژاگاش زن
ژوٚل وُڈوِتھ ...... مے آوبے فُرصت وُٹھن پیٹھ ۔

تصوٗرٕ چانہِ سپدُم نوٗرٕ سُری پان
پوٚکُس نکھہٕ تل تہٕ راٗوِم دُنیچ زان



☆☆☆

# شیٚچھ

"شیٚچھ" ذہنس منٛز یوٚانی چھ کم رنگ پانس برٛونٛٹھہٕ کنہِ گیری بچہِ
کراں باسان۔ خوٗنکی داغ چھِ گولابی روخن لیدٕ رہنٛز زردی گلہِ میٹھ
دِوان۔ سبزارٕ چ باوتھ تہٕ ارمانن ہنٛزٕ لاشہِ چھےٚ کزٕلی ونہٕ سور گرٛہتھ گرٛیشمکی
زال وہراوان۔ کُنہِ چھِ اسمائی جاناوارن ہنٛزٕ پرٛٹاسہٕ رایہِ ستی موتمن
احساسن نوِ زنمک سبق تہ لگان، کُنہِ چھُ بےٚ شوٗنکی بولبوش ورِ کیٚمن تہٕ ٹیکہٕ بٹہٕ
نبن دِل برٛ ونراوان تہٕ کُنہِ بوٚمبرس یمبرزل سمکھاونٛچ ثینہٕ ون دِوان۔
آکالی پوٗش چھُ کُنہِ آدمہٕ سنٛز سارٕے ماٗنتھر بنٛد کرِتھ نبہٕ دنٛد بن شولہٕ ناوان
تہٕ کُنہِ رتہٕ سُری خابن حقیقتُ ہنٛدی گہنہٕ لاگان۔ یہِ زانتھ زِ "اُزِ چ آش چھےٚ
پگاہ حقیقت بنان"۔ وول یبلہِ حقیقت رائسی گژھہ تیلہِ چھُ بےٚ سوکھ منس

پرٛتھ ہُنٛد مٕلہِ مایہِ گُلتھ ہوان تہٕ بےٚ صبری ہٕنٛدی جامہِ نٲلِ گرٛتھان۔ یام
آش زۄٚنی چھےٚ ہوان تام چھےٚ حقیقت کاڈ کڈنہٕ بجایہ موٗژنی ہوان زنتہٕ
سبزارن ہرٕ دِچ زردی وندٕ مارٕچ گٔنٛز شیٚچھ پلناوتھ کرٲتی کران۔ حالتھ چھےٚ
بدلان ہیت پھےٚ ووشلان۔ امیٚک ہر تر چھ بژٕ وٕنٛژھے کوٗھنٕ کاژ کران۔ یۄٚز
پکن وول روز پکان سونٛچ آش ہتھ تہٕ تس چھِ بہارس خیالی صحراون ہُنٛد
تاج ڈیکس پیٹھ پژ بزٕلکی خاب وڑھِ یٖوان۔

شیٚچھ...... ورس لیجہِ مژن نظرن مُنزل بژٕ ونہہ کنہِ۔ یۄٚز اتھ مازٕن
سُر پھہِ اُلس اتھہِ تژ اوٗن باسان۔ شیٚچھ بامے لوٗچ باوتھ اُسن یا جنوٗنک
زلہٕ وٗن تنبٕگل یُس لگی ہتس ششرِس وُہناو۔ کانٛژھا واوس تہٕ کاوس نظرِ تہٕ
کانٛہہ اکھ متہِ ونہٕ کٔمن أندرٕ ژٹن ساوان شیٚچھہِ ہنٛد بن منٛزلی بٲتن ہُنٛد
وُرٕدٕ گرتھ پلالہِ کران تکیاٚ زاڈ کھش گاٚمتین امارن ہنٛز ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھ چھےٚ
واُنٛج کوٗران۔ بےٚ خبری ہنٛز شراکہِ تل ییلہِ نبتھہِ ٹنٛی ہاوس چھِ لگان یمن
وُبدُر لگتھ چھ زندگی ہنٛدی آنتھہِ رٔسی رازٕ ٹنٛی نیران۔ رنگین خیالن ہنٛدی مأری
مٕنٛدی پیکر چھِ چھلہِ چھلہِ وٕستھ زندگی ہنٛدِس سمندرس منٛز ہنہِ یٖوان۔ گرا
اِگتن تہٕ گرا آوِ ژلنس منٛز تمن ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھ کرناوان۔ تمہِ وِزٕ ژھینٛتھ تھکتھ
پتوٗژِ کس تل ژمان۔ یۄٚز یمہِ وِزٕ ژِ کیٚپہ گژھ کھسبس سأری سے چھُ کھولو

ووتھان تہٕ بیرٕ چھِ اسن کھنگالہِ تژاوان تہٕ ہیوٚر رہیوٚر لمان لمان وُترٕ بٹیل
ٹُلان۔ اتھ حالس منٛز چھُ برٕ گاٮ۪تتبن شرن وو شلُن پھیران تہٕ لادی خاب
چھِ کھہرٕ نی کھسان۔ وارٕ وارٕ چھُ سو تھبن وچھ ہوان پھرٕ گُن تہٕ یہِ طلوطم چھُ
بدلےٚ شٮ۪چھ پِلناوِتھ وُزنہِ انگہٕ ڈالان تہٕ نبر نیرنہٕ باپتھ ژدی تہٕ سرٕ و
ژھانٛڈ ناوان۔ امہِ زالہٕ منٛز نبر کڈنہٕ باپتھ تمہٕ سامانہٕ گران یٮ۪تہِ گُنہِ ہوش
راوراوان تہٕ گُنہِ چھےٚ نظرٕ قیاسس کاٛم ہیتھ بےٚ پرٕ ژھی ہُنٛد شکارتہِ بناوان۔

''شٮ۪چھ'' ووٹھدس برٕ وٚ مراوان تہٕ گُنہِ ڈٔنجہِ أنتھ کمہٕ کمہٕ حال
سرناوان۔ گُنہِ پزٕس تہٕ اپزٕس مِلہٕ ون گٔرِتھ وچھ کوٗران تہٕ گُنہِ دِل رٔ چھتھ
تتھ گتہٕ گیرِس منٛز آچھہِ گٔرِتھ پٔنٛز چاران۔ یتھےٚ جوٗنک تہٕ اضطرابک سوٚت
نارٕ وُہن چھُ ہوان اڈماری ارمانن ہنٛزٕ لاشہِ چھےٚ دزان......دٕہ چھُ آوٹان
نبس......اوبرٕ لگی چھِ گنڈان ذٔری زنتہٕ سیاہ مارالہٕ وِتھرٕ نی واوکران تہٕ اکھ
أکِس پان ٹھاسوِتھ بارانٛج شٮ۪چھ پِلناوان ۔ دِلہٕ کِس نبس چھےٚ وأناکھ
وُزملہٕ گٔرِ ہتھ سأری ہیے وجوٗدس تھرٕ تھرٕ ٹُلان۔ یادن ہنٛد بن امبرن چھےٚ
لگان گُنی دِنن تہٕ کستأنی ڈبکہٕ بجہِ پوترٕ دادِلہٕ ترٛ وجہِ کرناوان۔ پتم سُتم برٛ وٹھ
گُن یتھ تمن زخمن کرٛ ألی ووتھان یمہٕ یادٕ وُترِس تھٔمن چھِ ٹُلان، ستھ ناٛج
چأوِتھ تہٕ لولہ للہٕ وِتھ یم داغ تس وِچھس چھِ لگی متی تمن چھےٚ ووتھان دگ۔

سأرِ ہے وجۄدس چھےٚ دگ تیلان تہٕ صرف شیٚچھہٕ ہُنٛد مرہم وأحد علاج
زأنتھ واوس تہٕ کاوس وُچھان وُچھان گربن تہٕ ژہبن گنٛز راوان...... گوٚ بُر......
یُس ماجہٕ پننہ ستھ نأج آیتن تھأوِتھ تہٕ چأوِتھ منٛزلہٕ کوٚ ڈتہٕ کوچھہٕ للہٕ وتھ بٕ
نیرُن ہیچھنو و...... از...... ازٕ سے أچھن دوٗر کتھ تأنٛ صحراوس منٛز منٛزھ
ہنٛدِس خوٗنس تہٕ پزٕھ ہنٛدِس عأرقس کُنٛنے کٔرِتھ سرحدٕ چ رأچھ کران تہٕ موج
وتہٕ گتن پزٕ ژھان، ''گُنہٕ ماکانٛہہ خبرا اترا!!! ازکوٗت ووتمت جنگی جنون۔''
أتھی دٕنس ہتی چھس اوشس دارتہٕ وچھس ہسرا ے لگان۔ ووٚنٛد چھس
ژھٹان باکہٕ...... تتھ وُچھس ووتھان ترٛیم جگر چہٕ تارٕ چیٚنہٕ دِژنس تہٕ
ہیچھنووُن زنٛد روزُن۔ بے خبری ہنٛدِ ترٕ ہتی چھُ سأرِ ہے لگان کوٗرٕ۔ نار
چھُ وُشنیرس تہٕ شِشرِس پانہٕ وأنٛ دبہٕ دب کرناوان۔ رایہٕ چھےٚ گژھان۔
پوٚز صرف اکھ راے زِ...... کرواتہٕ شیٚچھ۔ کرہمہٕ آدمس جنگی جنونٛچ ترٛیش
یُس کمہٕ لولہٕ دیَن تھٔرمُت اوس۔ ازچھےٚ تمی ہنٛز نظر بچھان ماجن، بیٚنین تہٕ
دودٕ ہبٔڈرن۔ یہنٛدِ خوٗنہٕ سہ تریٚش ہُرٕ وانٛچ کوشش چھُ کران۔ موج پننہٕ نین
نرم تہٕ نوزُک پادن مُسلہٕ ڈُوتھ پاگلہٕ ہنٛدی پأٹھی کرٛبکہٕ دِوان تہٕ صرف ورد
زبان...... ''ہاے...... ووں چھم اکھ طمع أچھ گاشہٕ ہنٛز گژھم کانٛہہ شیٚچھا واتنٛ''
پھوٚلونس گولاب رویس گُمہٕ پھٹأنٛ زن نبس اوبرٕ زأج پننہٕ پننہٕ گژھان،

تارکھ چھ نیران ٲنۍ ۔ تارکھ...... تمن داغن ہنز باوتھ یم ماجہِ أچھ گاش کو چھہِ

للہِ وان تہٕ رِگنٛدٕ باشہِ کرناوان چھِ لگٕمتۍ ۔ زخمن چھہِ دوتھان کرٕ اٚلۍ تہٕ خونس

چھےٚ لگان دار ۔ وچھہِ دُبرے چھےٚ وولان ۔ اڈ ماٚرِدٕ امار چھ چھوٚر چھوٚر

کران ۔ یم کتھہِ...... مُشرادنۍ چھ کران کوشش ۔ پوٚز شیچھہِ ہُند اضطراب چھُ

أمِس مو چھہِ مشرٕنٕتھ آچھہِ کران ۔ نہ پتھ تہٕ نہ بڑوٚنہہ پکنہِ دوان ۔ أندری

دم پھُٹِ گرِژھتھ ژمان تہٕ شرٕ وکان ۔ وُبرُ رچھُ بگہِ کران ۔ گگراے چھےٚ الہِ الہِ

ٹُلان...... نب چھُ ہوان ژھٹنہِ باکہِ ...... اوٚشس چھس لگان دار......

گردِ کھمتۍ بُتھی چھ چھلنہِ یوان ...... سیٚکلبن منز ہنہٕ آمتۍ دٕدٕمتۍ پاد چھہِ

ہوان شیہلُن ۔

شیچھ...... گُنہِ سو گرِ ییتھ منز سو کھ تہٕ راحت، اُسن تہٕ رِگنٛدن تہٕ بےٚ

پھرٕدک کھنگالہِ پنہاں چھہِ ۔ گُنہِ آ کاشس زال لاٚوِتھ ٹاربن بند کران تہٕ

اوٚشس باندِ کرِتھ مس کھاسی چشمن زوٗن لگان ۔ کانٛہہ نازنینا یار ہنزِ شیچھہِ

پزاران پزاران لوسان تہٕ ہرنہٕ چشمو مُدیہِ روٗزِتھ زِکرِ تہٕ کاٚلۍ واتہِ یارٕ

ہنز شیچھ لولُک دزٕ وٗن نار گرِژھ ہے ژھبہٕ ...... سہٕ نارییمی ساٚری ہے گٔنۍ

ژھٹھ چھےٚ کڈٕ مِژ ...... پزتھ اندٕ نارٕ الاوٕ بہہ تہٕ تۄرِ ژھٹان تہٕ آمتۍ اوٚدی نوان

کٔرِتھ ...... سہٕ تاووٕ وندٕ چ منقل وُہناوان تہٕ أندری کھکھر کھاٚلِتھ جوش

ژھٹناوان ...... جوشک ہۄ ہۄ تہٕ نارٕ تاوچھُ ئلتھ تتھ سازس مِضراب دِوان

یُس خابن مستی ہٕنز ہنٛدٕ رپأ وِتھ تہٕ پتہٕ کو چھِ للہٕ وِتھ شیٖچھِ ہُنٛد مُدٕرمس چھُ

آپراوان تہٕ ہوش ڈنجہِ انان ۔ پۄ زہو ہو چھُ لتس کُنہِ ہوشہِ ڈالتھ ژیٖت

کران تہٕ تتھ اضطرابس اندر تژاوان یِیہٕ صرف کھری تہٕ ہوٕ دِ ہُرِ چھ دریٹھ

گژھان ۔ کُنہِ چھ خوٚفکی سرحد نظرِ ہنٛدی اٰمی پن کترِتھ چھلہِ چھلہِ کران،

بےٚ قرأری ہُنٛد ژاشر ہوان ژھوکُن تہٕ وُٹھن پیٹھ صرف تہٕ صرف یارٕ سٕنٛدی

آلو یِوان پۄ زبو کجرن تہٕ انتظارٕ کی نارن گگبہ بون وأجھو ۔ تھچہِ مژٕ نظرِ تہٕ

لوسہٕ مژٕ چشمہٕ صرف انتظارس کرتہٕ کاٚلی نیرِ شیٖچھِ تعبیرِ تہٕ سہٕ ہاوِروے ...... دِژٕ

وِنٛی منقل ژھیٚوِ تہٕ لوسہٕ مژن چشمن تہٕ تھچہِ مژن نظرن پیٚیہِ شہلتھ ۔ ☆☆☆

# تبدیلی

خبرِ مٕے کیاہ زِ لفظ تبدیلی کھران۔ اَکھمہِ ژُ اپنس چھس تمہِ وِزِ واتان ییلہِ یہِ لفظ زیوٚ پیٹھ تیم یا کانٛسہِ ہنٛزِ زبانٛی کنن گژھیم۔ سارِی ہے وجوٗدس چھم وِنن لگان تہٕ پٔتم سٔتم بڑ وٚنٹھ کٔن یتھ چھم یادٕ وٕترِس وٕترِ ہیٚتِھ وٕتھان۔ تبدیلی با مٕے سوموٗچ اَسن، سیاسی حالاتن ہنٛز یا اقتدارٕچ یا کُنہِ قسمٕچ اَسن چھےٚ زیادٕ پہن پریشانی ین تہٕ پراکندگی ین زنم دِوان۔ اتی نہٕ ہارہِ کزاے بدنس پیٹھ کانٛہہ چیز زرناوان تہٕ اتی ششر ماسچ ژھٹھ جدٕ ولنانٛ وِتھ چوٗ ربن ژانان۔ رنگہٕ رنگہٕ پریشانی ین منٛز گیر گُرتھ دوہ کڈُن کوہ کڈُن باسان۔ اتی زمہرٕچ ژھٹھ ودنس کھالان تہٕ اتی چلہِ بچہِ گاہے الٕمن کھسان تہٕ گاہے نرمی گرِتھ حلال نمک آسنگ باس دوان۔ کُنہِ شُری لاز

مژ اتی وتہ کامن کران تہٕ اتی بجلی گاش تام مُتھ نوان تہٕ پژتھ اڈد گژھ
ژول کران تہٕ اتی چینہٕ آب کامژ گرتھ کھو کاس ٹلان۔ اتی سوئتہٕ واوک آو
آوکنن گرھان۔ کانگرِ ستی گاٹی نارٕ ژ موکھ بدلاونس کُن لگان۔ مُمنیا متبن
تہٕ کاژنیا متبن وجوٗد ن چھ نوٗ وزوٗزبتہٕ پھیران۔ اُتھی ادلابدلی منز چھ بہارٕ ک
خوشبوٗ داوِ جوٗتھی خوفتہٕ احساس وُزناوان تہٕ خلوتہٕ منز کڈتھ جلوتس کُن
پکناوان تہٕ پتہٕ رنگہٕ رنگہٕ کامہٕ کارن کُن لگان۔ یوٗ زوٗنہٕ چھ داتھر چھکرِ تھے
آسمان ہارٕ ڈی کژاے تہٕ گرِ شہچ ژنڈ چھے سورے مُشراوان۔ اتھ ہیرِ پھیرس
تہٕ ادلابدلی ہندِس نظامس سٔتھ چھ انسان راوان تہٕ صرف سوٗنچان زِ کُنہٕ
چھنہٕ کانہہ رنگ پوشہٕ وُن تہٕ نہٕ چھ روزٕ وُن۔ پژتھ اڈد چھ بے پژھی
ہُند عالم، یتھ نہٕ کُنہٕ کانہہ ٹھکانہٕ نظرِ چھ یوان۔ یوٗ زیٛٹھہ تبدیلی چھے ہروزِ
یوان روزان تہٕ اکھِ نتہٕ بییہٕ رنگہٕ وُچھنہٕ پیوان۔ یمن ہُند کژ یتھرٕ تہٕ میچھر
چھ بہرحال ژاٗلُن پیوان تہٕ یہٕ روزمرٕ زندگی ہُند اکھ اژھیوٗن حصہٕ زانتھ
چھ بژوٗنہہ کُن پیوان پکُن۔ یہٕ سلسلہٕ روزِ چلہٕ وُن یمہٕ کِنٛ انسانس حالاتن
ستی اتھواس کرُن لازمی چھ۔

یِہ دوٚے تبدیلی راس یتھ تہٕ نوز چھے دیاوان، یوٗ زسیاسی تبدیلی
چھے عام انسانس جیرِ ٹلتھ باورٕ نوان گرتھ۔ اکھ اُکس ستی بتھی لاگے

کرناوِن وول سیاستدان چھُ پانس داناہ تہٕ عوامس چورزٲنتھ پننہِ زڈ نوان
کٔڈِتھ۔ ترٛتھ تبدیلی پنہٕ وز چھُ تہرِ فقیر تہٕ پوٚت پلو واو ہوان کرُن تہٕ
نکواروکنہٕ دٕہہ ترٛاوان۔۔ چاپلوٗسی تہٕ بوٗٹ پالش کرِتھ پنہٕ عین سیاسی
آغن خوش تھاونہٕ موکھہٕ کُنہٕ تہٕ حدس تام گران۔ نیک اُستھ بوڈ آسنک
باس دِتھ چھُنہٕ کانٛسہِ پانس برابر انان۔ سماوارتہٕ صاحب ٲنتھ ہو چھے گژکہ
کھالتھ اَسہٕ کنہٕ نار چھکان۔ سُے پنہٕ نس آغس تمہِ آیہ کن بران یمہٕ
ستیٚ تمس کنہٕ پھرِ ووزلن تہٕ دگد بڑکان بڑکان تہٕ اَچھ نژناوان خبر کیا کیا ونہٕ
ناوِ۔ اَچھ ٹٹہٕ وہرِ وُچھتھ چھُ عام انسانس اَمِ سنزِ عقلہِ پیٹھ ترس یوان پوٚز
امہِ حالِ بدٕ ستیٚ چھُ تہرِ فقیرن تہٕ چاپلوٗسن مدلگتھ سہٕ جنوٗن ووتھان یمہٕ
ستیٚ اَمِس پتُن پوٚت کال مُشتھ گژھتھ پاگل پن چھُ آوتان۔ تہٕ تتھین
دیوانن نش چھُ باشعوٗر روٗ رژلان۔ یُیے چھ پگاہ عوامس چاروٲے زٲنتھ
نُنہٕ گری تہٕ تِلہٕ تلاوہا وُتھ ہکناوان، تتھین حالاتن منز ییلہِ اقتدارچ تبدیلی
چھے کلہٕ کڈان...... پتہٕ متہٕ پرٛژھی تو...... کانٛسہِ راوان تہٕ کانٛسہِ یہان پاز
...... راوان وٲلس...... راوان تثوٗل وولہٕ راوان تہٕ پتمین چاروٲین اتھہِ
ٹانگراے ٹلناوِتھ لبن وٲلس آنچ ہورنچ کوشش کران۔ یُیے معتبر محفلن منز
تھپل تہٕ ژاپل جانورٕ سندی پاٹھی تمہِ آیہ وورَے کران یمہٕ ستیٚ لبن وٲلس

جیبر ودتھِ تہٕ نرِ ۂ ٹتھ روزِ۔ قومہٕ کِین غمخوارن ہنٛز یہِ دڑالہٕ ہرۄچھتھ چھےٚ
رعیت منٛد چھان تہٕ اَنٛدری گلان ۔ پانہٕ واَنٛی ٹھولہٕ ٹھول تہٕ پامہٕ پام کرٕنی
چھےٚ یہُنٛد اول وانگُن نوٚن کڈان ۔ اتھ تبدیلی منٛز یُس لبہِ تس چھنہٕ یوان
پٔژھے تہٕ یس اتھہٕ گوسُ چھ تمہِ آیہِ ژھانٛڈان تہٕ تھپہٕ دِوان ییٚتہِ نٔس موچھِ
منٛز رٹنہٕ بغاَر کانٛہہ چارٕ ے چھُ لگان ۔ یژھن تبدیلین منٛز چھُ سارِنی
وٲراگ ودتھان تہٕ یمو ہوٕد ہُر بوٗ نِشہِ دوٗرژٕنٛج وتھ ژھانٛڈان ۔ تِکیا زِ ییٚتہِ
چاپلوٗس احسان فراموش ، موقہٕ پرست ، بد دیانت تہٕ سماجُک ترٛاُوِتھ
ژھُنمُت ژھوٹھ پٕرتھ انٛدٕ نظرِ گژھہ تیٚچ گانٛد باشعوٗرس انگہٕ ڈاُلتھ پاگل تہٕ
نیہِ گرِتھ توٚ ے چھ دوررٕ زتھ تماشہِ وُچھنس مزٕ لگان۔

یم گیہِ تم اجتماعی تبدیلیہِ یمہٕ ساَرِی ہے نال وٕلتھ پراکنٛدی ین
منٛز آچھِ کرِتھ نژناوان چھےٚ ۔ بامے بزرگ اَسن یا جوان زٕنی اَسن یا مرد،
شُر اَسن یا بوٚڈ ساَری چھ پنٕ پننہِ حالہٕ پریشان گژھان ۔ پوٚز انفرادی
تبدیلی چھےٚ بدلے گُل پھولراوان خاصکرِتھ ییٚمہٕ وِزِ کانٛہہ کاوٕ گاٹُل حاَ کِما
کانٛسہِ ملازمس بچارس ناراض گژھہ یا کانٛسہِ فتیٚ فرہنگی سیاستدانہٕ ہنٛدِس ونہٕ
نس پیٹھ قلمس کش کڈِتھ اَمس واوِ گلین لاگہِ ۔ کالہٕ کھنہٕ بلہٕ تہٕ صُحمس کھادٕنی
یار ٹھاُستھ چھ اَمِس عقل نماہاونٕچ کوشش کرِتھ رام کرُن یژھان ۔ مےٚ چھُ

کالُک بتہٕ یاد نتہٕ تأنۍ چھُم وُنہِ تہِ بڑٕ اُنتی گژھان خبر وُنہِ تہِ ما آسم
پتے ۔ خاُروق چھُنہٕ ہیوٚ روزان تہٕ نہٕ چھے قلمچ تیز دار دوہے ہوٹ وُچھنے
کھش ہبکان گرِتھ ۔ صحب گو ناراض ......ڈیوٗ کانہہ اثر اوس گومُت نہ قطعاََ
نہ صرف گیہ تمہِ وِز غفلت ییلہِ صحب بڑٕ وۄنہہ گُن پیوو اُتتھ ۔ مے ہیوٚ کنہٕ
سِلئیوٹ دِتھ پتہٕ کریم سلام سو گیہِ ہُج پتہٕ یہِ کینژھا گذریاو تتھ روٗ دورٕ ہجر
ہتۍ ہتۍ ۔ کتھہِ کتھہِ پٹھ روٗز محاذ آرأیی چلہٕ وِنۍ ۔ تنگ تہِ آس، پوٚز کرٕ ہا
تہ کیا ۔ یا تأنۍ اوسُم رنگن گوٚرٕ ہِتھ یہندِس پرٕس اپرٕس آنکار کرُن نتہٕ
دستبرداُری دِنۍ ۔ مے نِش اوس نہٕ یہِ بلکل ممکن ۔ کوتاہ دِموضمیرس ہُٹ گنڈ ۔
اُندری گوس دم پھُٹ ۔ واُراگ وُوتھُم ۔ یہِ سوٗرے روٗدُس اُندری
شرٕ پراوان تہٕ دوہ دوہ کڈان ۔ کأتس کالس روزٕ صحبہٕ ہنزٕ زرکہِ بوزان ۔
یہنزن کتھن منزٕ اوس اکھی دماگک ہیوٚ گوبر تہٕ مرژٕ وانگنک ٹچھر ......اکہِ
دوہہٕ اُج قسمتہٕ چھرٕ کھِزرٕ تہٕ سرساُے کھنڈ ڈُج ۔ مے پیہٕ مجبوری تہٕ
سوٗزم صحبس چھُٹی خاطرٕ عرضی جمعدار صابس اتھہِ ۔ یتھ دوہا تتھ دوہا
روٗدُس منظوٗری پرٕاران پوٚز اُندرٕ چھنہٕ کانہہ کا غذ نیران ۔ یہ گوس مجبوٗرتہٕ
ژاس صحبہٕ ہندِس کمرس منزٕ یوٗ دوٗے جمعدار صابن دِژ اوس نہٕ اندرا ژنس اِذن
پوٚز یہِ کتھ مانہٕ ہا...... تِکیاز مے اُس سخ مجبوٗری ۔ میانہِ پرٕدی ٹھسرایہِ ہتۍ

پھُٹ صحبہٕ سنٛز خاموشی ہُنٛد طلسماتھ۔ رتہٕ بُتھ کھوٗتُس۔ مےٚ گو احساس شاید
کُرمےٚ غلطی۔ ڈبکہٕ چیرتھ لوٗگ ونن۔ ’’کیا بات ہے؟‘‘ چھُٹی خاطرٕ حض
ترٛاوِیام درخاس۔ مےٚ حض چھےٚ مجبوٗری...... میوٗن ییتےٚ وُنُن۔ یہِ گوٚژاپلِ
جانورٕ ہنٛدی پاٗٹھی اگادٕ۔ ’’مجبوری...... توہہِ چھےٚ دوہے مجبوری آسان۔
جان گیاو گری روزُن۔‘‘ یہِ وطیرٕ گوٚ مےٚ سخ مشکل۔ اَنٛدری چھس اَ کھمہٕ
ژاپان اتھ احمقانہٕ وطیرس پیٹھ زنتہٕ یہ اَمس ذاتی نوکراوُسس۔ ’’نیرٕ و
درخاس واتہٕ اوٚری۔‘‘ وُنہِ چھس نیراٗنی تہٕ جمعدارس گیہ بلِل۔ مےٚ زون
شاید گیہِ چھُٹی منظوٗر۔ اوٚرٕ دزاو جمعدار درخاس میوٗن اتھس کیتھ ہیتھ دوٗر
وُچھ مےٚ سبز میلہِ ستی پھولہٕ وُن: "Casual leave is not matter
of right .......issue his transfer order to Bla just
now." یہ گوس حاٗران ییلہِ ہیڈکلرکن درخاس زوٗٹ تہٕ دبودب گوٚژ انسفر
آڈر ٹایپ تُھکُرتھ تھاوُہس رلیوِنگ لیٹرٕ تہٕ ستی۔ مےٚ آوُسن تہٕ سوٗنچم شُکُر
خدایس کُن۔ چھُٹی اَس ژون دوہن بکار ووٗں بنیہٕ اَکس ہفتس
joining time ہن تہٕ خوش گژھتھ روٗٹُم آڈرتہٕ دزاس صحبس
صلوٰۃ سوزان سوزان۔ یہِ طریقِ کارمیوٗن واتہٕ نوورنگن گرواٗمی ساتہٕ صحبہٕ
ہنٛد بن کنن۔ تہٕ ییتس کالس اَمی سُنٛد منحوس سایہِ مکمس پیٹھ روٗ دتیتس کالس

روزِ مے تبدیلیہ گژھان۔ گراہور تہٕ گرایور تہٕ بہٕ گوس تبدیلی پژٕف بٔنتھ

امہِ ستی آومیانٮ۪ن دہرِ باجن تہِ اورِ یور ہواچینگ موقہٕ یہِ زاٚنتھ ز......

تبدیلی گوحاکمہٕ سُنٛد حکم ...... حُکمس تعمیل کرُن چھُ لازمی۔ بامے کاٚنٛسہِ

کھش تہِ گژھہ حاکمس چھُ عقل نماہاٚ وِتھ رام کرنک صرف یہے اکھ طریقہٕ

باسان۔ اتھ منز چھُ تمن رنگن گربن تہٕ چاپلوٗس اہلکارن ہُنٛد اتھہ آسان

یِمن ترٛلیش تموکھ تہٕ جیب خرچی چھےٚ تبدیلی آڈر روستی چلہٕ وٕنی روزان۔

یِیتہٕ تبدیلی اکھ تجارت بٔنتھ اوزِ قچ پیٚٹھی وانٛی مدٕچ شکل پرٛاوان چھےٚ۔

ساٚری حاکم ہِن نہٕ اتھ زُمرس منز۔ کاٚنٛتیاہ عادل، ایماندار تہٕ خوش خلق افسر

دُنٛھی۔ پوٚز کُنہِ چھہ توٚملس منز کنہٕ پھٔلی ہنایُس کینٛل، تنگ نظر تہٕ ظالم بٔنتھ پتھ

کُن پھرِنی لایق کارنامہٕ چھُ تھاوان۔

تبدیلی آڈر چھُ اکھ زولانہٕ ......اکھ سبق ......اکھ راز ......اکھ

ووکھہٕ تہٕ ہاٚبتھ کرٕون دو ......اکھ بے پر جانور ...... کانٛہہ پٕنُن آڈر رٔٹتھ

ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛٹھ کران۔ پوٚز گُس کربس اتھہٕ روٗٹ ییٚلہِ گوڈے آسہِ لیکھتھ

" In the interest of administration & smooth
running of Govt: work....." اتھ تعمیل کرُن چھُ ضرۆری۔ پانٔے

پانٛس اٚچھن پٔٹ گنٛڈِتھ اٚنی سارِ تبدیلی ہٕژ دگ للہٕ وان گوپھن تہٕ غارن

زُو آیتن تھاوان پوٚ زیٛتہٕ تبدیلی منٛز خلوص آسہِ تتہٕ چھُ آدم ہیٚچھان ،سران تہٕ سونچہِ سوٚ در چھس نوٚ وزُو زبتہٕ لبان ۔ تِکیاز تبدیلی ہنٛز دگ چھےٚ زندگی ہنٛد بن سنٛبن وو گنٛبن ، کرٕ تچھرن موٚ در اُوتھ زندٕ روزُن ہیچھناوان ۔ رنگہٕ رنگہٕ رنٛگن وئیٚ رٹلنأو تھ سہٕ رنگ پانہٕ ناوان یئیٚتہٕ تو کلچ ناو بڈٕ زأنتھ پرٕتھ کُنہِ مصیبتس سینہٕ ٹھپاوان ۔

تبدیلی ...... کُنہِ ہارٕچ کرٕاے بٔنتھ نِلہِ وٹن وبگلاوان تہٕ کُنہِ شِشر ماہچ ژھٹھ بٔنتھ وجوٗدس کورٕ بُزٕ نِوان گرِتھ ...... کانٛہہ تبدیلی ستی گرٕواتان تہٕ کانٛہہ بےٚ گرگرِتھ چھالن تہٕ چھمبن لگان ، ووندٕ ڈور گرِتھ وو پرأز پانہٕ نِیارٕ کرِ جامہٕ وٗلتھ دوہ گذاران تہٕ زندگی ہنٛد بن سربستہٕ رازن منٛزی گرٕ ھتھ نوٚ وٗے عالم سران ۔☆☆☆☆

# تگن گرٕی

بنی آدم روزِ ہے نرٕ زٕوٕٹھ، گُنہٕ تہٕ ماز ہے نہٕ تہٕ نہٕ کرٕ ہے ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھے۔ یوٚ زیدٕ تاوان، کتھہٕ دِلیس رسہٕ روزنہٕ یہٕ زاٗنتھ زٕندٕ روزنہٕ خاطرٕ چھُ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرُن ضروٗری۔ یوٚ دوَے کاٗنسہٕ تگہٕ نہٕ زٕندٕ روٗزِتھ زندگی گذارٕنی تہٕ وقس ستی پکُن تس ژٕٹن پٹھ تہٕ ٹسنہٕ تہٕ ورگہٕ پاٗ ٹھوٗ ونن اٗمس ''نہٕ چھس شوٗب تہٕ نہٕ شوٗنٹھٕ''۔ سماجس منٛز بنہٕ ہور کاونہٕ بنبس ٹاوٹاو کرُن تہٕ

نہٕ ہیکہِ پرٕن گُنہٕ اندٕ واش کڈٕتھ۔ پرٛژھیٛون گرٕژھتھ باسہٕ تس پنٕنہِ پان بتراُژ

پٹھ بور۔ حال حاراُنی تہٕ پشیمانی ہُنٛد گٹہٕ زٕول ٹُلبس واُراگ۔ اکہٕ اندٕ

ٹُلبس بےٚ پرٛژھی ہُنٛد آولُن تہٕ بیٚیہ اندٕ نفسہٕ دودجنون۔ دون طوٗفانن منٛز ہیٚنہٕ

یتھ گرٕژھہ پرٕ، نہٕ لگہٕ گنہٕ بوٚٹھ تہٕ نہٕ لگہٕ بال۔ سارِنے سالابن اگرواٹھ دِیہ

یوٚزنفسہٕ واُدِس کیاٚ کرٕ۔ سہٕ ووکربس مجبور کیٛنہہ نتہٕ کیٛنہہ کرنس......چارٕ تہٕ کیاٚ

چھُس......زنٛدٕ چھُس روزُن تہٕ زنٛدٕ روزنہٕ باپتھ چھُس سامانہٕ گرُن۔

زمانس ستی چھُس باج وٕتھ کرٕنی۔ وقتس گُن ووچھتھ چھُس واوس ستی ناو

ترٛاوٕنی۔ تارٕ واُلس پیٹھ یژھہ تہٕ پژھ تھاوِتھ تس پانٕنہِ پُشراوُن......بےٚ

پرٛژھی تہٕ حال حاراُنی ہنٛدِس گٹہٕ زٕلس منٛز پرٛژھہ ہُنٛد شمع زاُلتھ وتہٕ

گاشراونہِ......دٕول دِنتھ ہوٚل گنٛڈُن تہٕ سہٕ آگرٕژھارُن ییٚتہِ حیاتی ہنٛدی

گوہر گُپتھ چھِ۔ تم جوہریٚژھہ تہٕ پرٛژھہ ہنٛدِ جوشہِ ووتلاوٕنی......سارِے

گرٕکھ کھاُلتھ ننبر کرُن تہٕ پتہٕ ووٚرتلُن تہٕ دوہ دبن گنٛدارُن۔ زمانس تہٕ

مکانس کمنٛد لاُتھ زندگی ہنٛدِس بے پناہ صحراوس حاطہٕ کرُن تہٕ پتہٕ کاژرٕٹُن۔

کاژرٕ ژٹھ پانس تابع بناوُن تہٕ پتہٕ پکناوُن۔ یوٚزیہ کرِتھ یایہ سُرتھ تہٕ

ہیکہِ گنہٕ بزٕم راہ چوک وتھ ڈاُلتھ......کانٛہہ خضر سمکھتھ ہیکہِ وتھ لبٕتھ......تہٕ

گنہِ کانٛہہ اغیار بتھہِ پیٹھ امہٕ نشہ اتھہ تہٕ چھلناوتھ۔ وتہٕ چھےٚ زٕ تہٕ وتہٕ ہاوٕکر

گٔژھیا۔ کوچہ پھیُر گو تہٕ منزل ہیکہِ دوٗر تھٲوِتھ تہٕ گنہٕ ہیکہِ پلو نزدیک تہٕ تھٲوِتھ۔
ژۄ تس پٔتھ گوروٗٹھ۔ ووٚن کتہٕ ژار کھر بن تہٕ موڑن، ووٚن کتہٕ کڈ بد دوٗفت تہ
تہٕ ژار سوٗتھ ییٚتہٕ وتہٕ گِتھ تسلی تہٕ تشفی چھُ لبان۔ اگر وتھ ژٕ جس تیلہٕ نا امیدی،
بے پژھی تہٕ بوچھہٕ ہُتس رامہٕ ہوٗنی ہندی پٲٹھی زوٗ بکھرِ گژھتھ ہٹرِ ہٹرِ
پھیران تہٕ نہٕ یوان یڈ تہٕ نہٕ گنہٕ اُس۔ تہٕ تہٕ کران ییتہٕ نہٕ کھورتہٕ نہٕ شانڈ چھُ
دزٕ ییٚٹھی یوان۔

بنی آدم چھُ مجبور نہٕ زِ موختار...... پزٕ مجبور اُستھ تہٕ چھُ موختٲری ہندی
دم دوان تہٕ پانس زور توس ٹلان۔ دہر بدلادان تہٕ رنگہٕ رنگہٕ سانگ
چأرتھِ تمہٕ ژرایہٕ تہٕ گژایہٕ پانہٕ ناوان ییتہٕ عجیب طور وطریقہٕ زایُن لیتھ گنہٕ
مند چھاوان تہٕ گنہٕ پشیمأنی ہندِس ژلہٕ وِنس دریاوس منز پرٕ کران
چھس۔ گاہے چھُ ژتن لگان تہٕ گاہے آوٕلنس منز گیر گژھان۔ گنہٕ چھُ
اتھ کشمکشہٕ منز ہبنہٕ تھ نفسہٕ دود تمہٕ آیہ کلہٕ کڈان ییتہٕ زمانکی رنگ چھِ یکدم
دوٗتلتھ یوان تہٕ ذہنس تمہٕ آیہ کھولوٗتلن ہوان ییتہٕ بیوٚن بیوٚن رنگن ہندی
خاب تہٕ خیال تھنہٕ چنتھ تمہٕ باٲل اننہٕ خاطرٕ کینہہ تہٕ کرنس مجبور چھُ
گژھان۔ گنہٕ چھُ چاپلوٗسی، گنہٕ سانگ لاگن تہٕ گنہٕ ہوٗ زبری کأم ہتھ
دوہ کڈنس ستی ستی وقتکی تقاضہٕ تہٕ پوٗرٕ کرنی پیٚوان۔ مان مان تہٕ ہاوباو چھُ

أمس کُنہ دُنہٕ وأ لتھ تمہٕ آیہٕ دُنہٕ راوان ییٚتہٕ نہٕ کانْہہ قدر، ضأبطہٕ یا حد بندی چھےٚ روزان ...... پڑتھ کامہٕ کارس تہٕ ووتھ ژھانْٹھہٕ منز سارٕنے بڑوٕنہہ پلنٛکہٕ خاب دأ یراوان تہٕ بیٚین أچھن مہہ ژ ہنْنچ کوشش کران ......

یہٕ زأنتھ زِمےٚ توٚگ ...... اتھ تگنس تہٕ ورتاوس ییٚلہٕ رنگ ییہٕ کھارنہٕ ......

سیٚدِ سیٚوٚ دچھُ تگن گری زاینٕ لگان ییٚتہٕ گاہے مأری مٔنڈی تہٕ لوٚبہٕ وٕنی انہار چھ درنٛھی گژھان ...... تہٕ تم شرکلہٕ کڈان یمہٕ بامل اَنہٕ کُنہ ڈوٚنی گوٚلرٕ وولرٕ پاژن تہٕ کُنہٕ تأزی بٹی کان گژھتھ سأرِسے موچھہٕ منز رٹان چھہٕ۔

گاہے چھُ ووکھہٕ، کھرٕ ونی تہٕ بےٚ ڈول نشانہٕ پتھ کُن ترٛأوِتھ اتھ تگنس أدرٕ کھل گرِتھ کھرانان ...... عجیب تاثُر چھُ لگان۔ ییٚتہٕ کُنہٕ ٹکسارس کھاران تہٕ کُنہٕ پامن لأ رِگتھ ٹپھ تہٕ ٹسنہٕ ژٹناوان۔ سہٕ تاثُر چھُ ووتلان ...... ییٚمہٕ ہتی وجوٗدٕ سے یوت نہٕ کینْہہ ٹکی کہٕ سأری سے سماجس ہسر لگان تہٕ ترکھسان چھےٚ۔ ادمتہٕ گری توکتھ۔ ییٚلہٕ یہٕ ورتاوس تل ییہٕ۔ کمن وول بجن تہٕ دولابن منز پرٕ گرِتھ گرِ کھوتہٕ گرِ تیزان تہٕ تمن دُہلی خابن منزٕ مسٕ گرِتھ تگن گرِس تمن راین تہٕ ترٛاین دُبدُرٕ رٹلان ییٚتہٕ اتی پھبان تہٕ اتی کژ بٹان چھُ۔

تگن گری ہنٛدی کوڈر ہکبن نہٕ سارِنے منز أستھ ...... وونی لیس ییم

پڑٕ وآسن تس چھُ سوٗرے پانس أندی أندی نژان باسان۔ پڑتھ کانٛہہ پانس تابعٕ زانٛتھ تمن اٹہٕ سوارِ کھٕنکی خاب وُچھان۔ وُنہٕ تہٕ بڑٕانٛتی گرتھ کانٛسہِ ووڈٕہ کھوٗر دِتھ ال ہیٚوٚ پتھر دِوان دانٛرِتھ تہٕ گُنہِ جنگہِ ورأے داب ہاوِتھ چھُس پنٕن غلام زوان بناوِتھ۔ تگن گوٗرچھُ پننہِ فنہٕ ستی تمن گونن تہٕ گوشن کانٛژ گرِتھ پنٕن کچٕل ہُمن ثانٛدتھ کرنہٕ خاطرٕ تمہٕ فنٛد تہٕ فریب بارسس انان ییٚتہِ کانٛسہِ ہنٛدی ووتھہٕ وٕنی ارمان تہٕ رمبہٕ وٕنی خاب تہٕ خیال لتہٕ مونٛجہِ چھ گژھان ۔ کانٛسہِ ہُنٛد پھولہٕ وُن باغ ڈوٗٹھہٕ بٔزی تہٕ کانٛسہِ ہُنٛد یاوُن ہردٕ بُزی گرِتھ چھُ تمن اتھہٕ موٗرٕ ناوان۔ کمن پوشہِ بدنن وچھِ ژیٚٹے کرناوِتھ تہُنٛد زندٕ روزُن دُشوار بناوان۔ راتھ دوہ چھُ نوبن تژاین تہٕ گژاین بدِ کڈان تہٕ...... نٔوی نٔوی طور طریقہٕ آزماوان۔ وتہِ پکان کتھہٕ کران ۔نندرِ منٛزی تہٕ مشق کران ۔منٛزی دوران، منٛزی وولان تہٕ گُنہِ مُدٕ رماس لانٛگتھ تہٕ گُنہِ لول بٔرِتھ تہٕ گُنہِ ہمدرد ڈیٚنتھ پننٕی نُسخہٕ آزمانٛوِتھ ناوِوالان۔ حدٕ ڈلنہٕ ڈٕلتھ تہٕ گُنہِ دو کھہٕ تہٕ وانٛنا کھ تژاین بروے کارانٛنتھ ییٚ ہٕسندِس بنانٛوی متس لٕرٕ پارٕ نوان کرِتھ تہٕ زنگو منٛزی لوٗرٕ ژھنتھ تمہِ آیہٕ دُکراوان ییٚتہٕ تھوٚ دوہ تھٕن محال چھُ...... پانس پے تہٕ بٕنٛیس رٕیہ بٔزی کرُن کمال زانان۔

تگن گٔری ......ٹیٚوٚٹھ تہٕ کژیٚوٚٹھ ......اکھ عجیب ذہنی رنگ۔ گُنہِ

انگہ ڈاُلتھ زٕس تہٕ پزٕنس ، اُرس تہٕ کھُرٕس ، حقس تہٕ ناحقس ، گنٹہٕ تہٕ
گاشس کُنٕے کران ۔ کُنی میٹھ میٹنتھ تہٕ کُنی تژ کرِ تولتھ نہٕ کُنہٕ بوورٕ ے
تھاوان ۔ پوٗز پٔنن پان خبر کیا زٲنتھ تہٕ کران تہٕ تہٕ تہٕ ورتاوتھ تمہٕ گل
پھولراوان یمن ہنز بوے بد قدردانن تہٕ نظر شناسن وٲنج چھے کوٗران تہٕ
اَندری سوسُر ژانان ۔ تھپل ہوٗنٕ ہندی پاٹھی چھُ اُچھ ٹوٗتھ یہ بُتھہٕ پیش تھ
تھپھ دِتھ جولہٕ بران ۔ تمہٕ آیہٕ اُچھن بچہٕ پھیرٕ گژھان یتہٕ انسانی قدر ونشہٕ
دوٗر ژٔلتھ کینہہ تہٕ چھُ کران ۔ گاہے کانسہٕ ہنز ٹاٹھ زندگی داوس لاٗ گِتھ خوٗنہٕ
اتھہٕ بران تہٕ اتھ ماتنز زٲنتھ پننہٕ نٔن خوٗنہٕ گلین مٹھی کران ۔ گاہے کانسہٕ
ڈاکِستانک پٔتم پہر ملہٕ وتھ سوٗرس پتھ بہناوان ۔ تمن اِرسرن ڈلوو کرِتھ
پانس ستی اتھہٕ رشہٕ خبر کاتی ہن ہوان ۔ تکن گوٗرچھُ پانس یا تانٕ بھودرن تہٕ
تانٕ چالاکھ زٲنتھ یمٕ ہنز کلہٕ ہپر بالہٕ ہندی پاٹھی ٹھوٗنچن گندان ۔ ووں
بیلہٕ کینہہ اکی سوچکی تکن گری یکوٹہٕ سمِتھ جماعی تہٕ دماغی لاٗ گِتھ ٹھگل کرنہٕ
نیرن تیلہٕ چھ یمہٕ کمن ششدرن اُچھن کچھ ژھٕنتھ ونہٕ والان ۔ پننہٕ کسبہٕ
ستی حلالکی چیزس حرام بناوتھ ووٹہٕ انان ۔ حقس ناحقک جامہٕ پاراوِتھ دوہلی
تارک ہاوان ۔ تمہٕ تمہٕ شالکی تارک ہاوِتھ بزمراوان تہٕ وتہٕ ڈالان ۔ تکن
گری تارٕ ذراے اکہٕ دوہہٕ کارس اُکی ہے وتہٕ پتھ روٗ دٕ تژ بن ماتھن پتھ

پھاسہٕ کوٚر رہتھ ...... یِہُنز زبان اُس مُدٕرتہٕ میٹھ، نرم تہٕ ہمدردانہٕ ...... قسمتن ہوو کمال اَکِس وتہٕ گتس گو پھیرِتھ تہٕ تگن گربن آوراز ہوٚنز زالس منز۔ سیٚو دتہٕ ساد منہٕ پوٚ ژتہٕ دِلہ آب ہیوٚ۔ گرِ خوٚنہٕ ستی رٕچھرٕ موٚنگرِ ہنا ...... خوشوٗنی تہٕ شوٗبدار ...... وزنہٕ کنہٕ تہٕ پوٚٹھے پہن۔ اتھہٕ تنگی کنہٕ مجبوریو آچھہٕ کوٚر مُت ...... تُجن نکھس تہٕ دژاو بازرگن یہٕ خرچاونہٕ ...... پرٕ نیر اُنی ہبژن سُرٕ کرنہٕ ...... خانہٕ دارنہٕ، نچہٕ تہٕ نکس ...... یہٕ اوترٕ موٚنگھم تہٕ انکھ ...... قرض دارن تہٕ دِموٲڈ ہنا ...... نوٗن تیل تہٕ چاے ڈیتس تہٕ پچھس سوٚمب بتہٕ ...... بوزٕ وٕ ے چنڈس تہٕ روزِ کینٛہہ خرچہٕ باپتھ ...... تیز تیز قدم ترٲوان تہٕ ہوا محل تعمیر کرنکی خاب وونان۔ پتہٕ گیس کنن کرٕنکھ ...... "ہے ژے کیا روو مُت یہٕ ہوٚن چھٕتھن نکھس لوٚ دمُت!"

ہہُ پنہٕ نین خیالن منز مس قدم قدم دوان ......

"دوٚپے ہا یار یہٕ کیا چھی نکھس کہتھ ...... ژے چھے نامنڈ چھٕتہٕ گرٕ شھان ......" یورٕ ووٚن نس سبزرن ......

"یا گوٲ چھن چھی نہٕ گاش ...... ژھاوجہٕ موٚنگر چھےٚ نا ......"

تگن گرٕی دِژ تالس زیو دِتھ ڈبکس ژنڈا ...... "اہن ساز کس چھُ پوٚزی پان" ۔ تہٕ دژاو۔ کینٛہہ قدم کڈِتھ ووت سہٕ مانٛتھہٕ یہٕ تہٕ تگن گوٚر تشنہٕ اوس شکارٕ باپتھ۔ یام

نظر پٮ۪یس اُمِس لاچارس تہٕ مجبوٗرس کُن یس ژھاوٕج نکھس پٮ۪ٹھ اُس......
اسن کھنگالا ترٛ ووُن یہِ وُچھتھ...... "ژٕ کپاری سا آمُت ...... کانٛسہِ
وۄنُے نا...... ژٕ ے چھی یہِ موٚٹ تہٕ دزٕ وٹ ہوٚن اٹہٕ بارِ تلمُت!" یہِ گو
پریشان۔ اُمی وُ اَج ژھاوٕج پھیکہِ پٮ۪ٹھہٕ تہٕ لوٚگُس پھش پھش دِنہِ تہٕ پانہٕ سے
ہِتی وونن یہِ چھے بلکُل ژھاوٕج" ہورٕ گوس آلو، "ہے یارٕ ما کر پان
موردار۔ تہٕ چھُ تھوکہٕ چھکان...... وون گو مجبور تہٕ لاچارٕ غوطن...... دِژٕن
گُنی ہٹھ تہٕ بٕرن ژھاوٕج نکھس تہٕ دزاو...... پوٚت آلو روٗدُس گرِھان......
"الٰا ے! اُمی ہا ہوٚن نکھس تلمُت۔ "بڑ وٕنہہ گو پکان تہٕ ترٛیم تہٕ اوس
اسامی ژھانڈان ژھانڈان اُکھمہٕ ژاپان۔ تام پٮ۪یس اُمِس لاچارس
پٮ۪ٹھ نظر تہٕ لوٚگ مندل واینہِ۔ "ہے یارا اُمِس ہوٚنس رِکھو یُت صفت
موردار جانور اُستھ تہِ چھتھن نکھس تلمُت...... کوسہٕ دِوتھ وُژھے!" یہِ
گو پریشان خبرمے ماچھُ دوکھہٕ...... یہِ ماچھ پٕزی پاٗٹھی ہوٚن تہٕ آس جنون
تہٕ لاٚہِن ژھاوٕج نکھہٕ پٮ۪ٹھہٕ بون تہٕ ژوٚل۔ تگن گوٚ رٹھگ دوریا وتہٕ
رٕٹن۔ رٹنہٕ سے ہِتی گے اُمِس ہُم زٕ جوٚری یار حاضر...... "کوٚت...... ترٛاو
یور گُن" ......خوشی ہِتی اُسی ووٹہٕ ٹلان زٕاسہِ لوٚب۔ پوٚز تس بچارٕ ہنٛدِس
حالس کُس سنہِ یس تھپہِ نیٚوکھ، یُس ئمٕ اوس کران تہٕ ہوا محل بناوان......

یہ تاوِن تہٕ گوتگن گری...... بے انصاف، لوٗٹرتہٕ فند باز...... غریب کھش کرن وول پانس ترٛک تہٕ تگن گۄرزٲنتھ جشن مناوان تہٕ مجبورن تہٕ لاچارن اتھہِ موٗرناوان۔

تگن گری چھےٚ وقتس ستہِ ستہِ رنگ تہٕ رٕپ بدلاوان، نوٚترٛ ایہ تہٕ گژایہِ آزماوِتھ اتھ فنس منٛز جدت انہٕ چ کوشش کرن وول تگن گۄرپژٲنی گون پژانہٕ وارزٲنتھ ہور چھکان۔ نٔوی طور وطریقہٕ بروے کارٲنتھ پٔنن کار پکناوان...... تم زال وونان ییٚتہٕ نہٕ کانٛہہ ہیکہِ ووٚتھ کڈِتھ۔...... سہٕ تصوٗر کتہٕ ییٚتہٕ تیٚلہِ اُسی وونان، ''ہانٛز وہیٚچھ زال تہٕ گاڈ وہیٚچھِ ووٚٹہٕ۔'' اَزِکی تگن گری چھنہٕ دِوان کرٕتھ تہٕ کڈنہٕ ادا ووٚٹہٕ۔ زال لٲگِتھ کانٛہن کاژکران تہٕ غلام بناوِتھ زہوٗدِ کڈناوان۔ تہٕ پتوٚمرِتھ شےٚ رٛتھ بقایا تھاوان...... سہٕ کتہٕ لوٗٹر اکہِ انٛدٕ آوتہٕ بیٚیہٕ انٛدٕ دژاوکامہِ ہن گرِتھ۔ فند باز ٹھگ یا چالاک چاپلوس آوتہٕ کانٛسہِ ؤنہٕ وٲلِتھ چوٗرنس ہوٚٹ تہٕ خوٗنِ ناحق چیتھ ژوٚل۔ تہٕ پتہٕ دِیہ نہٕ یمو وتو پوٚت نظرتہِ۔ سو کتھے چھنہٕ ازیتھ ترقی پذیر وقتس منٛز...... تگن گری...... میٛون مطلب جدید رنٛگیٚ یاؤنی توس ماڈٲرن ، یِنہٕ ڈیواتھ رنگس چھِ جوانیے یاتی مازن وٲلی یالٲرٕ...... نہ...... قطعاً نہٕ...... وٲنہٕ ؤتھی متہٕ مرٕ دیاڈمین تام چھےٚ ؤنہٕ وسان تہٕ تہِ کرناوان ییٚتہِ جوان ہژ رٛتھ تہنٛدِ بدلہٕ

منٛد چھان چھُ ، اکھ سیأسی بأزی گر ، قبرِ ہنٛدِس بُٹھس پیٹھ ، قبرٕ اُس مُژ رتھ ،
وُکروالو شکلہ بدکوٚ رمُت تہٕ بوزان کنٕو تہٕ نہٕ چشمن گاش ...... اتھہٕ سارِ پٔکتھ
...... کوٚتھی کُچھن ڈکھہِ تھأوتھ لوٗکن نالہ تانہٕ وٕنتھ شأہی تارکھ ہاوان ۔ پوٚت
پلوٗن ہنٛدِس ژٔر پٔپر گرزس منٛز زندٕ بادنعروٕ ستی من رنٛزناوان ، پانس جوان
آسنک باس دِوان تہٕ اقتدارچہِ مانہ رنہٕ ہنٛدی لولہٕ وبدا کھ دِوان تہٕ لوٗکن
بُتھِ بُتھہِ دیاوان ...... کانٛہہ سیأسی بأزی گر ...... وراثتی تگن گری ہٕنٛز ڈابر
وأنتھ عوامُک وأحد نجات دہندٕ آسنک نغمہٕ ٹلان ...... تِمن تارن مضراب
دِوان یِم تارٕ عامس وٕنہٕ وأتلتھ انگہٕ چھِ ڈالان ۔ سوچس چھِ لگان تأرِ تہٕ
ظوٗن چھُ پرٹکِہ جانورٕ ہنٛدی پأٹھی بےٚ حبس تہٕ بےٚ زُوگرشہان ۔ گُنہٕ چھنہٕ
شوٗدیوٕ رے روزان ۔ ...... موٗتھنی ہنٛدی پأٹھی سوٗرے وُچھان پوٚزباوتھے تہٕ
کران ۔ سیأسی بأزی گروتُک فأیدٕ تُلِتھ پیر درپیر نبتھ ہوان روزان تہٕ
زأنتھ زِیم تپرتہٕ گُپن چھِ بُڑی باغٕز تہٕ باغٕز جأگیر ۔ یِم کوٚت ژلن ...... اسہِ
بغأرکتھ لگن ! اسہِ بغأرکس تگن یِم نپری ہأوی ہأوی تہٕ فاقے پانس پتہٕ پتہٕ
پکناوٕنی ۔ چھگ لُگتھ تہٕ واتن سأنِسے گانس منٛز ...... بامے چھگ کرن وألی
کأتیاہ تہٕ شانہٕ تہٕ دگدار آسن ...... یِم چھِ سأنِس جِسس گنٛڈ نہٕ آمتی ۔ کانٛہہ
کیاہیکہِ کرِتھ !

نِتن سہٕ ہاوس ران بزرگ تیٚمِس آنٛتھہٕ رٕسی شرتہٕ ارمان تحت
الشعورس منٛز باگٕدِ چھِ آسان گاٹمتی ...... وقتکی رنگ تہٕ زمانٕچ ترٛاے چھےٚ یِمن
کُنہٕ ووتلاوتھ تمہٕ آیہٕ زیرٕ دِوان ییٚتہٕ ہاوس ران گکو پکُن گرِتھ پننہٕ ہنہٕ نِشہٕ تہٕ
چھُ اتھہٕ چھلان ۔ تمہٕ رنگ تہٕ رٕپھ پرٛاوان یموٕ ستی پانٕسے نہٕ کینٛہہ ٹھی کہٕ
واریاہن اسمان ہاوتھ زنگہٕ ہیوٚر گٔن گرِتھ دُ ژٕتمن تہٕ وُنبمن منٛز گاورٕ چھُ نوان
گٔرِتھ۔ یُتھ ہاوس ران بامے کُنہٕ تہٕ طبقس، شعبس یا ذٔرِس ستی تعلق آسہٕ
تھوان چھُ پننہٕ تگن گرِی ستی پانٕسے پھران ...... کالُک بتہٕ چھم یاد ...... تہٕ
یادٕ ووٗ ترِس وُتش لگٲنی چھم وُنی کنبس تہٕ ترپھٹان ... "اکھا ڈبڈ ٹانگہٕ وول
پننہٕ نبن ہاوسن وُبدُر لگتھ جوان سوارن باس دِوان، "ہنگ آم نہٕ وژھرٕ ے
چھس۔" گاڈِبڈ وُنہہ نیرِتھ پننہٕ تگن گرِی وٕہ ہار کران ۔ کُنےٚ چھانٹہٕ گرِس
گٔرِتھ ہوٕہس ستی کتھہٕ کران ...... گوشٕھہ تٔلی اسنہٕ ہنا ترٛاوتھ سوارن گن
ونان ...... "دُنہٕ کتہٕ بڈ یاس بہٕ۔" ...... تہٕ اُتھی وُنس ستی راس ڈالان تہٕ
زورٕ موتس آلو دِوان ...... یمہٕ پتو ژتو ...... اُتھی ستی انگہٕ ڈٕلتھ دُریاوس منٛز
لاینہٕ یِوان ...... سوارزن گاسہٕ لٲوی آبس منٛز یِرٕ ...... اُتی ووتلان تہٕ اتی
یوڈان ۔ منٛزی آبہٕ گرٛ وٹھ چےٚ چےٚ نٔلس کھسنٕکی خاب وُ چھان ...... موتس تہٕ
زندگی دب لگان ...... لکہٕ ارساتھ بٔتھس پیٹھ اتھہٕ موٗران ...... ٹانگہٕ وول

بُٹھس کھسنہٕ باپتھ تگن گٔری ورتاوان ۔ ٹانگہٕ سٹیشن نالہٕ متہٕ رٔٹتھ زنگہٕ
ژھرِٹوان تہٕ أنٛدٕ ری پنہٕ نِس تگنس مولہٕ ناوان ...... ناوٕ ہاٹز سوار بن بُٹھس
لایان تہٕ نٹبن دہانہٕ دیٲوِتھ چمت نکوار بوٗکنِ کڈان ......''
تگن گٔری اکھ کرِہُن کِٹہ کال پرِدٕ ...... یُس تگن گوٚر بێیس
کارندس بُتھہِ تھٲوِتھ تہٕ پانہٕ بڑ وٕنہِہ کنہِ پنہٕ نِس تگنس داد دِوان ......
صرف وِردِزبان ......'' بہٕ ...... صرف بہٕ ...... بێیہِ کس چھُ ژیٚپہٕ یُس کأم
کرِ ہے ...... سأری کامہِ ژوٚر ...... اگر نہٕ بہٕ بیٚتہٕ آسہٕ صبح پیٹھہٕ شام تام
آسن دفترس منٛز کلہٕ ہیرٕ پھٹان تہٕ سأیل آسن موچھہِ وٕٹتھ ژلان ۔ یہٕ
چھُ میوٚنے بُترتہٕ حکمتھ صحبہٕ سُندٕ عزت چھُ محفوظ ۔'' کمن مفتی ین تہٕ قاضین
وُنہٕ وأٹتھ چھُ دفتری ستی باجن اتھہِ کأم کارکرناوان ...... تہٕ بێیے کارندٕ
چھِ پتہٕ قلمی نوٹن ہنٛدی شکار بناوٕنہٕ یوان ...... غرض تگن گوٚر چاپلوٗس ژِھنن
منٛز بێیہ ستہٕ محنت کولہِ ژھنان ...... سہٕ چھُنا ووستہٕ ...... کارس وأتتھ ۔
چاپلوٗس، پاٲلِشہٕ گوٚر، زبان ہلہِ گنڈٕنی لایق ۔ ...... پوٚز بێگی ہنٛدی ارمان تہٕ
ہاوس مونٛجہِ شرٕ اکہِ ستی کترأوِتھ پٔنن بول بجاانان ۔
تگن گٔری ...... کأتیاہ ناو دِموس تہٕ کأتھن رنگن تہٕ رٕپن دِمو واٹھ
کأتیاہ آکارتہٕ بُتھی ژالو، کأتیاہ موخ تہٕ روخ پرکھاوو، کأتیاہ حال تہٕ أنٛدٕ رٔٹی

کڈوبدِ...... رِکنہٕ ونوس ''زبأنی ہُندتل تڑاو...... نتہٕ تأنی نم ژرم گالن والىبن
تاپس تڑاون وول رِکنہٕ ونوس أچھن سکھ ژہلِتھ ہٕٹ چیر دِنہٕ وول......
وُژِھہ والىبن والہٕ برىن منز آچھہِ گرِتھ پانہٕ تگن گوٚرتمہِ وتہٕ قدم قدم
دِوان۔وتھ سبٹھاز ہٹھ تہٕ وأناکھ،کھوژٕونی موڈ۔دٕو،ترٛے تہٕ ژوٚتىن ہُند
گُتہٕ جاریٚیتہٕ تگن گوٚروٗژھہ وار کارندس کوچہِ پھیرٕ گرِتھ پننہِ ہنہِ رِنشہِ ڈألِتھ
کُنہِ گاگرن تہٕ کُنہِ کُنڈی دوٚپھن منز گیر چھُ کران،نہ اورتہٕ نہ یور قدم دِوان
کڈنہٕ......مے آولبنہٕ تگن گری محنتہٕ روس کار،راشہِ روس باپارتہٕ
ووزمہِ روٗس وان،خرید ار پکہٕ ونی،زانہہ نہٕ وانس پھالوگرٕ ھان بندتہٕ
نہٕ کارس پوان مچھر۔گرِ کھوتہٕ گرِ کاڈکڈان تہٕ باڈولبان۔یہِ ماچھےٚ موٚرژٕ
گری ییٚتہِ سوٚمبہٕ تہٕ دوگُرہِتھ کأسب پنہٕ رِنس کارس ستی مس،أچھن ہُند گاش
چھُ زالان تہٕ کوٚھمبن ہُند ہوش ارپن گرِتھ تتھ مأری منزِ موٚرژٕ گرتھ تہٕ
ژُرِتھ سہٕ آکار بخشان یُس شوقہٕ والىبن ہُند دِل رٔنزناوتہٕ بول بجالنہِ۔یہِ ما
چھےٚ تیٚلیچ سازٕ گریوسہٕ پنہٕ نو مأری منٛد بوگلو ستی وٕزیکس پٹھ نازلہِ شوٗبہِ راوِتہٕ
أمی ہنٛدس مأری منزرس ہُر برکرِ۔کٔگنی تہٕ پھٔولہ ہتھ نانہٕ ناوبس اکھ اکھ
انگ۔پلون،دلون تہٕ زیورس بخشہِ سہٕ پأراوییٚتہِ سازٕ گرِ ہُند کسب نوٚن تہٕ
ٹاکارٕ باسہِ،داد دِنہٕ وألی دِنس داد......یہِ ماچھُ رنگن گوٚریُس کمہِ آیہِ رنگن ہنٛز

اُڈرن گُرِتھ اوِ لبو تہٕ زاوِ لبو بُرشوِستی رنٛبہٕ وِنی پیکر بارسس انہٕ ، یُس کاینا تہٕ
کیٛبن رنٛگن تمہِ آیہٕ رنگناوِ ییٚتہٕ شوٗبہٕ وِنی تہٕ لوٗبہٕ وِنی آکار وو تلن ۔ گُل کاری
زاویُن دِتھ ذہنس سکون تہٕ دِلس قرار انہٕ ...... یہٕ ماچھ ژٕنٛ گوٚرِ یُس پنٕنہٕ نوٗ
چالدار ڈالوٕستی انٛگس انٛگس تمہِ آیہٕ نژناوِ ییٚتہٕ اکھ اکھ حرکت تہٕ اکہ اکھ ادا نغمہٕ
خاں بٕنتھ آدمس رنٛزناوِ ۔ یوٗ زیٚمن سارِنٕے گربن منٛز چھےٚ تکن گری سرس ۔ نہ
چھےٚ یہٕ کُنہِ کسبس تہٕ نہٕ کُنہ ، سامانس تہٕ نہٕ کُنہِ فنس آویز ۔ نہٕ چھس محنت بکار
تہٕ نہٕ کُنہ رنٛگہٕ پزِرٲیی ہنٛز ضرورت ۔ اتھ چھ صرف تکن سُتہٕ صرف زبان
پھِرنی ...... زبانٕی ہُنٛد ٹُل تراوُن تہٕ چاپلوٗس اندازِ بیان ۔ کتھوٕستی کانٛسہِ وٕنہٕ
راوِنی تہٕ اتھوٕستی کانٛسہِ شالی تارکھ ہاوِنی ...... تکن گوٚریلہٕ ییٚزِ ھ برنٛزس منٛز کرِ
سارِنٕے گربن چھلہٕ چھانگرِ ...... رنٛبہٕ وِنٕبن پیکرن ، خوٗشوٕنبن آکارن تہٕ مدٕ
ماتی گربن اُڈزاُڈ کرِتھ کُنےٚ پھیش دِوان تہٕ کُنہِ لایق نہٕ تھاوان ، فنکارٕ سٕنٛز
محنت ، فنی عظمتھ ، کارِگرٕ سٕنٛز کاری گری تہٕ کاسبہٕ سُنٛد کسب چھُ تتہِ پوان پتھر
ییٚتہٕ تکن گوٚرِ پٕنُن کسب ہاوِ ۔ تِمس ماچھِ پہاڑ پھِرنی تہٕ بُرش تہٕ رنٛگ یا سوٗمبہٕ
تہٕ دوگُر ژھانڈُن یا کنگوٗ تہٕ شیشہٕ ژھانڈُن یا کانٛہہ سامانہٕ ماچھس
ضرورت ۔ تِمس چھےٚ زِوٕ پھِرِتھ پنٕنہِ چالاکی تہٕ تکنس کام ییٚنِ ۔ سارِسے انہٕ
اُچھ ٹینٛڈِ منٛز سہٕ وٕدل ییٚتہِ کمہٕ مندورِ وٕستھ پٕبن ، سوٗمہٕ سوٗتُر کرِ سارِسے تِکیاںزِ

نہٕ چھُ اتھ کارس عارتہٕ نہٕ چھُ اُمس کارٕ واُلس وچھس منٛزٕ دِل، نہٕ چھس حقہٕ ناچٕ پاُرٕ زان ۔ تِمس چھُنہٕ اُچھن منٛز آب سہٕ چھُ چھٕلِتھ تہٕ آسان تی......!

تگن گری...... اُتس توٗ ہ...... نارس کوٗ ہ...... ہارس پوٗ ہ تہٕ راتس دوٗ ہ۔ غریب کھش تہٕ انصافس جناز کڈن وول تگن گوٗر...... یہ ہیکہٕ سماجک ٹھیکہٕ دریاسیاسی باُزی گر تہٕ نتہٕ کاوٕ گاٹل نتہٕ فتی فرہنگی حاکم یا وقتک اعمالِ بد تہٕ اُستھ، یم پننہٕ نو طورطریقو سٟتی سارنٕے دباُوِتھ زبان بندی چھِ کران، اہرٕ بہناُوِتھ اُچھن سکھ ژٕہنِتھ رام کرنٕچ کوٗشش چھِ کران، اُکس انسانس یہِ ماُنی راونس پٹھ مجبور کران زِ تِمس چھُنہٕ بُتھس منٛزٕ نس ییلہِ زن کاُنٛسر ال ہش نس بُتھس منٛزٕ نٕی چھےٚ آسان ۔ آسہِ کانٛسہٕ اوٹ تہٕ توٗ ہ دٕ پتھ دِنہٕ ناوبس پتھر، آسہِ سنہِ کھوتہٕ سوٗن نار تہٕ کوٗ ہ دٕ پتھ ژٕہنبس ڈُلہٕ، آسہِ ہار تہٕ پوٗ ہ دٕ پتھ ڈالبس وتہِ تہٕ آسہِ راتھ تہٕ دوٗ ہ وٕنتھ کربس پراکنٕدٕ ۔ وتہِ ڈاُلتھ شاُلی تارکھ ہاوان تہٕ رزٕ رٕوٗ سٟتے پانس پتہٕ پتہٕ پکناوان ۔ ییتہٕ ییرٕ ھہ تتہِ ترٕ لیش چاوان نتہٕ اگر آے آس تیٚلہِ زیو پھاٹوِتھ کڈان ۔ پٕرتھ انٛدٕ چھُ زال وہراُوِتھ عامس غُلام بناوٕنکی خاب وونان تہٕ اشارن پٹھ نژناُوِتھ گیوٚ رتلان...... گُس اکھ مُٹرِ زیو ۔ سہٕ چھُ سونٛچان خبر

مےٚ ماگوٗدٕ ژیُت ۔ تگن گوٚر چھُ یمن ونہٕ وٲسی زٲنتھ کامہِ ہن ہوٕ ان ۔

تگن گُری نہٕ چھُ کانٛہہ آکارتہٕ نہٕ ، کانٛہہ مخصوٗص پٔر بزنتھ ۔ ہتہ بٔدی بُتھٕ رتہٕ آنٛتھہٕ رٔسی طرح ۔ بیٚون بیٚون طبقن تہٕ شوبن پٔنن پٔنن طرز کارتہٕ وٕکھرٕ وٕکھرٕ طریقہٕ ۔..... یٚہ دوٚے سٲری تگن گُری ہکن نہٕ لوٗٹر، فند بازتہٕ بےٚ عار آسِتھ ۔ یٚوٚ زِ گُنہِ چھِ پننہِ منٛد چھہِ روٗف کرنہٕ خاطرٕ کانٛسہِ کاٚسبس تمہِ آیہ پننہٕ نِس اترِس ژھیےٚ پوٕان انٛز یتھ نہٕ بیٚیس باس لگہِ اٚمی ہنٛزِ نابکاٚری ہُنٛد ۔ کانٛہہ نفسہٕ دادِ صرف یڈ برنہٕ خاطرٕ سانٛگ لاگان تہٕ کانٛہہ ہاتھ کی صفایی ہاٚوِتھ کانٛسہِ لوٗٹِتھ دوہ گُذارٕنکی خاب وُچھان تہٕ کانٛہہ اٚچھن ڈیشمانہٕ سہٕ کرتب ہاوان بیٚتہِ آرامہٕ سان پٔنٛنہٕ ہال چھُ زینان ۔ گُنہِ اکھ ٹھٹھہٕ تہٕ گُنہِ سماجس رِکرٕ لکھ بنان ۔ پانٛس کیٚا ہتام زٲنِتھ ...... ''بہٕ چھس'' تلہٕ نہٕ رکہنٛز مگر ''توتہِ چھس'' ...... تیُٚتھ تگن گوٚر کیٚا مانہِ یوٗرُک ۔ پننہٕ نِس کارِس نِس ژٕٹِتھ سماجس منٛز یچھ تہٕ وٕ درٕ ترٛاین زاین دِنہٕ وول تگن گوٚر ہنٛز نموٗن لیس نہٕ پننہِ کارٕچ پوٗرٕ پٲری زان چھےٚ ، کیٚنٛژ منٛز غلطی گٔرِتھ کنہٕ رٔتژھہ چال ڈالہِ بارسس انہِ یتھ اُسن لایق نالکی پلوبنہِ تتھی نٔوترٛاے تہٕ فاٚشن وٕنتھ کرِ گرٛاکس کوٚل ..... نوٚرژوٚٹن ، راد یا ہونٛزووٹن ...... گوس غلط ...... جواب آسہِ ...... ژےٚ چھےٚ یہِ خبر ..... از چھُ یُہے فاٚشن ..... ژھوپہ پننہٕ کانٛہہ بوزی ۔ یہِ چھُم

یوَ ے ڈژبس کوڈس منز وُچھمت ...... گژھ لاگ پتہٕ وُچھکھ تعریف ۔"
غرض پننہِ تگن گری ہتی پننہِ نابکأری تہٕ نہٕ زانِنس تمہٕ تعریف کران پتہٕ تتھ
وُشفس تل ڈُبری گرِتھ سہٕ تاثُر دِنٕچ کوشش کران ییٚتہٕ اصلی کأسب زمینس
چوٹ دِنس چھُ واتان ۔تگن گری چھےٚ گُنہِ سببہِ روزی ...... یڑ پالنگ
طریقہ......نفسہٕ دادِ ژوٕ تس پپٹھ کژ بکہٕ دِوان ......ڈابرِ وول بأزی گرشأئی
تارکھ ہأوِتھ لوکن چنٛدن خبر ہوان ...... پردس تل جگر پارس سأوتھ سوالن
جواب دِیأ وان ۔گُنہِ زوٗژتھ تہٕ گُنہِ یڈشرٕ اکھ وأتتھ وُچھِ وِنمن ووٹہِ انان
چنٛدس اتھہِ ترٛاونہٕ موکھہٕ ۔گُنہِ اُسہٕ کنٛز نوٹ کڈان گُنہِ کنو کنٛز دٕہ تہٕ نکوارو
کنٛز ٹھوٗل تہٕ باتٹہٕ ۔تماشہِ گیرن نظرن برٛم دِتھ تہٕ تہِ وُچھناوان ییٚتہٕ عقل
لاجواب چھےٚ گژھان ۔ڈیلیوتہٕ کھیلوٕ ستی عارأنتھ روپیہِ ورشُن کرناوان......گُنہِ
کأنٛہہ سٹرکہِ ڈاکٹر دٕفلی وأتتھ کژ بکہٕ دِوان ...... "کلس دود ٹلس دود ۔تھوٚد
وُتھتھ گیوٗر ریوان ...... ٹاس بوزِتھ تھاراژان تہٕ کژ یک ڈاون گژِتھ اُچھن
دوٗ گوش گژھان ......اسہِ اتھہِ دوا......خدا یس اتھہِ شفا" ......لام لگان ہھُنچہِ
ہبنس ......اکھ نم ژم گألتھ نرِ مزوٗری گرِتھ پوٗنسہِ کماون وول گرِ نیران بازر
سودا ہینہِ ۔ بازرٕ چہِ ووسہِ دژ وسہِ منز گژھان پرٕ ۔یورٕ تہِ آلَو تہٕ ہورٕ تہِ
آلَوکنن گژھان سستہٕ مال ۔ہتس داہ، پنٛدہن وُہ......أتھی غلہٕ گوشس

مژ صدرِ چندس اتھۍ تڑ اوان سہ نیران بونۍ کنۍ ...... أمس ووتھان تھار۔ سورے چھس نژان باسان۔ اتھۍ موٗران۔ چنڈۍ ژوٗ راپأرکۍ مہ انڈۍ پننہ تگن گری پیٹھ منڈل وایان۔ دوٗرِ امس بتھہِ ووشلان تہٕ پتھر پوان وُچھان۔ تہٕ پننۍ نس تگنس داد دِوان ......

تگن گرٕی ...... اکھ دوکھۍ ...... فٔنڈِل، سہ بزم ییٚتہٕ دُژیٔت گرِتھ بے شعورن آے تہٕ پاے ...... شعورٕ والین پشہِ وُن تہٕ وُچھِ وُن تھاوان۔ دوٗہس راتس خوٗنِ جگر زالن وأرلس بتھہِ بتھہِ دیا وان۔ حقدارن حق تھپہِ نتھ کارِ وُٹھنۍ دِوان۔ وٗریس دربدری، لفنگی تہٕ اطرأفی ستۍ مس۔ پوٗز حالس مژ زیرِ زبرِ تام نقل گرتھ ڈِوجن ماران تہٕ محنتی تہٕ قأبل لُمی لُمی پاس گرِھتھ أنڈری ہژرُک زہر پیالہٕ چیتھ گرے نہٕ نیرُن بہترزانان گٹھ رٔٹتھ پننۍ نس گری ہتس پیٹھ ماتم کران۔ مژی کھیوٗن تڑ اوان تہٕ پانس طعنہٕ ہوان۔ پوٗز تگن گوٗرنقلہٕ ژوٗ رووستأدِل ہأوتھ پانے پانس داد دِوان تہٕ شانہٕ زانان۔



## مُصنِّف سٕنزٕ دۆیمہٕ کتابہٕ

| | | |
|---|---|---|
| ۱ کأشرِس ادبس پیٹھ اکھ نظر | (تنقیدی تہٕ تحقیقی مضمونہٕ سۆمبرن) | 1972ء |
| ۲ اکھ یادا کھ قیامت | (افسانہٕ سۆمبرن) | زیرِ ترتیب |
| ۳ ٹیۆٹھ پزر | (افسانن ہُنٛد ترجمہٕ) | 2009ء |
| ۴ ییٚتہٕ نۆرٕ ٲسری ارض وسماء | (سفرِ حج) | 2011ء |
| ۵ اعجازِ غریبہ | (از: حسن شاہِ کھُوہامی) | 2013ء |





☆: اَحدؔ صاب چُھ اکھ پزٕ ون افسانہ نِگار۔ از بزٕ وٕنٛژھ ؤری تٕژ ہہ مرٕ اُس
اَمی پنٛژن مضامینن ہنٛز اکھ سوٚمبرن شایع کرِتھ یوٚسہٕ تمہٕ وِزِ بڈٕ پسند آیہٕ
کرنہٕ۔ اَمی ہنٛدٮ۪ن موضوعن ہنٛدی کردار چھِ سانی وٮ۪ڈی تمیٚ لُکھ یِم یتھ
سماجس یار آسنہٕ باوجوٗد تتھٕ کٕنی مانی راوان چھِ یُس ژھل کپٹ،
بدکرداری، بد اصلی تہٕ جعل سازی ہنٛز زِندٕ مثال بنٕتھ گاہے اسناوان تہٕ
باضے منٛد چھاوان چھےٚ۔

(پروفیسر رشید نازکی)

---

☆: عبدالاحدؔ صابنہٕ یتھ سوٚمبرنہِ منٛز شامِل مضموٗنن ہنٛدٮ۪ن موضوعاتن
ہنٛد تنوع تہٕ خیالاتن ہنٛد باوٕژبل چھ یمہِ کتھِ ہنٛد باس دِوان زِ اَحدؔ صاب
چھِ افسانہ لیکھنُک شعوٗر تھاوان تہٕ یِم چھِ زبانی ہنٛدِس مزاجس تہٕ لفظن ہنٛدِس
پنٛنِس واتنیارس وٲقف۔

(پروفیسر محمد زمان آزُردہ)

---

☆: قلم کارٕ سُند قلم چُھ تھہِ پکان تہٕ لفظٕت چھُس جان پاٹھی اتھ روٚٹ
کران۔ مقامی محاورٕ تہٕ روزمرٕ لیکھس منٛز ورتاوٕتھ کھاٮ۪نہٕ تہٕ رٕژھراوُن
چُھ خاص گون۔

(ڈاکٹر مشعلؔ سُلطانپوری)

Designed By: Jameel Ansari